گھر میں بُلوانا۔ پَنُن گرٕ نادٕ دِتھ اَنُن۔

گھر میں بھونی بھانگ نہیں۔ گرِ چھُنہٕ
شَب دَرِ شام ، م ؛ گرِ چھُنہٕ
دِگوٚ رادِنہٕ وَتھرُن۔

گھر میں بیٹھ رہنا۔ گرِ بِہِتھ آسُن،
ژوٗر آسُن ، لوٗکن دوٗر آسُن۔

گھر میں بیٹھنا۔ ۱۔ کانٛسہِ باگنِہ یُن، کانٛسہِ
ہُنٛز زنانہٕ بنُن۔ ۲۔ گرس مَنٛز قیام
کرُن ، روزُن ، بِہُن۔

گھر میں بیٹھے۔ گرِ بِہِتھ۔

گھر میں بیٹھے ہونا۔ گرِ آسُن، گرِ
قیام کرِتھ آسُن۔ م:

گھر میں بیٹھے ہیں نظارا تِرا ہر پل ہے نصیب
آنکھ کی جو بند ہم نے تو ہوا تو پیدا!
(لطافت)

گھر میں پاؤں رکھنا۔ گرِ اژُن۔

گھر میں پڑنا۔ گرس مَنٛز کانٛہہ وٕہ پرٕ زنانہٕ
آسنی یَس ستی ناجایز تولقات آسُن۔

گھر میں جھاڑو پھیر دینا۔ م؛ گرس
ڈُو دِیُن۔

گھر میں چراغ جلنا۔ م؛ مَرس
ژونگ دزُن۔

گھر میں چوہے قلابازیاں کھاتے ہیں۔
وُچھو "گھر میں چوہے لوٹتے ہیں"۔

گھر میں چوہے لوٹتے ہیں۔ تہٕ ڈِپتھ گوٚ؛
سیٹھا مُفلِس آسُن، سخ نیدٕ ٹیوٗر آسُن۔

گھر میں خاک اُڑا دینا۔ گرِ وٕ آران تہٕ
وُجارٕ کرُن۔

گھر میں خاک اُڑنا۔ وَتھرَن نہٕ وُگوٚ تہٕ
آسُن، سخ مُفلِس تہٕ مسکین آسُن۔

گھر میں ڈالنا۔ (کانٛہہ زنانہٕ) گرِ کوٚلیہٕ
پُٹرِ ہی تھوٚنی۔

گھر میں رہنا۔ گرِ روزُن۔

گھر میں شیر باہر بھیڑ۔ یہٕ چھہٕ گرِ غنڈٕس
مُتلِق وَنان یُس نہٕ نیٚبرٕ دٕزٕ تہٕ
آسہِ پھوران۔

گھر میں فاقہ ہونا۔ گرِ دوٚہ یَس آسُن۔
گرِ کٕ فاقٕے آسنی۔

گھر میں قدم جانا۔ گرِ اژُن۔

گھر میں کانی چڑیا نہیں۔ م؛ گرِ نہٕ
تُچھ تہٕ آسنی۔

گھر میں کُتے لوٹتے ہیں۔ گرِ وِجارٕ
آسُن، سیٹھا مُفلِس آسُن۔ محضہٕ
مِسکین آسُن۔ غریب آسُن۔

گھر میں کودنا۔ ژوٗر کرِنہٕ باپتھ گرس لب ژٕٹنی

گھر میں گھر اچھا نہیں ہونا۔ گرِس منٛز گرٕ آسُن چھُ بدشگون یا منحوس۔ اَکِس مکانس منٛز زٕ گرٕ آسنی چھُ منحوس۔

گھر میں گھسنا۔ گرٕ اژُن۔

گھر میں لگاؤ ہونا۔ گرِس ژوٗر اژنُک، ژوٗر گژھنُک، نقب لگنُک خطرٕ آسُن۔

گھر میں مہمان ہونا۔ بختٕی یتہٕ پوٗژھ کُنہٕ گرِس منٛز روزُن یا آسُن۔

گھر میں نہ سمانا۔ (سامانہٕ بیترِ) گرِس منٛز نہٕ وٲتنہٕ ہیکُن، مکانس منٛز نہٕ گُنجایش آسنی۔

گھر نہ ہونا۔ گرٕ واجێنی نہٕ آسنی۔ خانہٕ دارێنی نہٕ آسنی۔

گھروا۔ "گھر" لفظُک ژھوٚٹ۔ لوکُٹ گرٕ۔ پہر۔

گھروار۔ قبیلہٕ وول۔ خانہٕ دانہٕ وول۔

گھر والا۔ ۱۔ صاحبِ خانہٕ۔ گرٕ وول۔ مالکہٕ مکان۔ ۲۔ خانہٕ دار۔ خاوند۔ رُون۔

گھر والی۔ ۱۔ گرٕچ مالکێنی۔ ۲۔ خانہٕ دارێنی۔ گرٕ واجێنی۔

گھر والے۔ گرٕکی باژ۔ گرِس منٛز روزن والی۔

گھر واہا۔ بسن جاے۔ گرٕ۔ مکانہٕ۔ لُر۔

گھروندا۔ ۱۔ شُرین ہُند رٕنہٕ بنوومُت لوکُٹ مکانہٕ یتھ منٛز تِم گُڈی بٕہ چھِ تھوان۔ ۲۔ شُری تماشہٕ یتھ کانٛہہ پایداری چھنہٕ آسان۔ ۳۔ (ورگہٕ) لوکُٹ مکانہٕ۔ پُہر۔

گھروندا بگاڑنا۔ شُرین ہُند رٕنہٕ بنوومُت مکانہٕ لُہراوُن۔

گھروں گھر چڑھ کر لڑنا۔ کانٛسہٕ ہُند گرٕ گژھتھ لڑاے کرٕنی۔ لڑاے کرنہٕ کانٛسہٕ ہُند گرٕ اژُن۔

گھر ویران ہونا۔ ۱۔ گرٕ وُجارٕ گژھُن، داران گژھُن۔ ۲۔ (ورگہٕ) خانہٕ دارٕ نہٕ ہُند مرُن۔ ۳۔ باژن دوٚن ناچاکی آسنی۔ ٹھوسہٕ ٹھوس آسنی۔

گھر ہو جانا۔ گرٕ سپدُن، بنُن۔ روزن جاے سپدٕنی، جاے بننی۔

گھریلو۔ ۱۔ گرُک۔ گرٕ بناونہٕ آمُت۔ گرُک کانٛہہ چیز۔ ۲۔ پنُن۔ نزدیکی۔ پانٕنیاٚرُک۔ ۳۔ کوٗترٕ بیترِ یُس گری آسہٕ زامُت تہٕ رٔچھنہٕ آمُت۔

:- لوکہٕ کتھ -:

گھر آئے کتے کو بھی نہیں ہانکتے۔ گرِ یِوّ دوے ہیون گ اَژِ تَس تہٕ گژھہ نہٕ دٕرِ کرُن۔

گھر بار تمہارا کوٹھی کٹھلے کو ہاتھ نہ لگانا۔ مُ: ہٹِنگ وٕندے رٕتھ نٕتیٖچ دیٚنے نہٕ ترٕلیش۔

گھر جلے کسی کا تاپے کوئی۔ مُ: اَکِس دزان دار بیا کھ وُشناوان اَتھہٕ

گھر چھوٹا سمدھیانہ بڑا۔ مُ: ناو تھوّد نَتہِ زوّد۔

گھر چین تو باہر چین۔ مُ: گرِ سوکھ تہٕ پرِ سوکھ۔

گھر سُکھ تو باہر چین۔ یُس پانہٕ خوش آسہِ تَس پیٚیہ سوٗرُے عالم خوش لوزنہٕ۔ مُ: یُس گرِ سوکھ تَس پرِ سوکھ۔

گھر عید تو باہر بھی عید۔ وِچھو "گھر سُکھ تو باہر چین"۔

گھر کا بھیدی لنکا ڈھائے۔ رازدار یِوّدوے دُشمنی کرُن ہیکہِ دٕ دار واتنٲوِتھ۔

گھر کر گھر سنر بلا بہر دھر۔ گرِ کرُن گوَ بلایِن ناو دیُن۔ نیٚتھر کرُن گوَ مصیبتَس کٕلہٕ دارُن۔

گھر کھیر تو باہر بھی کھیر۔ پرِ گرِ تہٕ پرِ گرِ سوکھ تہٕ پرِ سوکھ۔

گھر کی آدھی نہ باہر کی ساری۔ پٕنُن اَگر کمے تہٕ آسہِ تی چھُ سیٹھا۔

گھر کی بیوی ہانڈنی، گھر کتوّں چوگا۔ گرِ ہٕچ خانہٕ دارِنی بیلہٕ گرِ نیبر تور چھہِ ہیوٗنی اَژان۔ تہٕ ڈیٖشتھ گو: گرِ ہٕچ شوٗب چھیٚنے خانہٕ دارِ ہنٛدِ سیٖتی۔

گھر کی پتلی باسی ساگ۔ مُ: ماجہ نہٕ لچکہٕ سبتارَس غلاف۔

گھر کے ٹکے باسی ساگ۔ وِچھو "گھر کی پتلی باسی ساگ"۔

گھر کی سوبھا گھر والی کے سنگ۔ مُ: گرِس چھیٚنے شوٗب خانہٕ دارِ ہِسنٛدِ سیٖتی۔

گھر کی کھانڈ کرکری، چوری کا گڑ میٹھا۔ تہٕ ڈیٖشتھ گو: لوٗکہ چھینہٕ حلحالس مازان ترائس چھِ پیٚتے روزان۔

گھر کی مرغی دال برابر۔ تہٕ یِتھ نہٕ کانْہہ قدر یا مول آسہِ۔

گھر میں نہیں دانے بی بی چلیں بھنانے

غورٕ بتس منز، نہ آسنس منز تہ
سوٗچن پیٚتہٕ بنہٕ تھٲی ہیکہٕ۔

گھر میں بھونی بھانگ نہیں اور باہر
نیوتے سات۔ م: گرٕ نہٕ وے نیٚبر
ٹٮ۪ل، اندرٕ زعوٗرہ کون نیٚبرٕ
نُنشہٕ بون۔

گھر میں جورو کا نام بہو بیگم، رکھ لینے سے
کیا ہوتا ہے۔ تہٕ ڈیپتھ گو: پانے پانس
تأریف تہٕ یزتھ کرُن۔

گھر میں دان نہ پان بیٹی کو بڑا گمان۔
م: تلہٕ فاقے تہٕ پپھٹھ تو۔

گھر نہ بار میاں محلے دار۔ م: پٹینڈ
نہ پُرن ٹلہٕ مُحلک ٹلو بیگ۔

گھر والے کا ایک گھر، بے گھر کا سو گھر۔
م: ننگس نیٚندرٕ پڑنگس پیٹھ۔

گھر۔ [ت۔ گ ہر۔ مؤنث] کیلہٕ گوٗج۔
دیٚل تُلیتھ کیلہٕ۔

گہر۔ [ت۔ گ ہر۔ ف۔ مذکر]۔ "گوہر"
لفظک زعفوٗٹ۔ موکھتہٕ۔

گہرافشاں۔ موکھتہٕ چھکن وول تہٕ ڈیٚپتھ
گو: خوشس گفتار۔

گہرافشانی۔ موکھتہٕ چھکن۔ تہٕ ڈیٚپتھ گو:
پزٕرٕ پزٕرٕ کتھٕ ونہٕ۔

گہر بار۔ (ذرگیرٕ) موکھتہٕ چھکراوُن وول۔
اوٗش ہارٕ دنہٕ اچھ۔

گہر باری۔ موکھتہٕ چھکُن۔

گہر رولنا۔ موکھتہٕ سوٗمبراوُن، جمع کرُن۔

گہر ریزی۔ موکھتہٕ چھکُن۔ تہٕ ڈیٚپتھ گو: پزٕ
پزٕ کتھٕ کرنہٕ۔

گہر سنج۔ موکھتہٕ شناخ۔ موکھتہٕ
پرکھن وول۔

گہر شاہوار۔ ڈلوم موکھتہٕ۔ بے بہا موکھتہٕ۔
- بادشاہس لایق موکھتہٕ۔

گہر گیر۔ دری یاوٕ منزٕ لال کھارن وول۔

گہرا۔ [ت۔ گہ را۔]۔ ۱۔ سٹروٗن، رسوٗن۔
۲۔ گندٕ۔ غلیظ۔ موٗلت۔ ۳۔ سنخ۔
تیز۔ م: گہرانشہ۔ ۴۔ تیز رنگ۔ شوخ
رنگ۔ ۵۔ دوٗر۔ مضبوط۔ پوختہٕ۔ م:
گہرے میل جول کے باوجود برج بھاشا میں
فارسی اور عربی کی ملاوٹ سے تغیر ہوا ہے۔

گہرا پردہ۔ سنخ پردٕ۔ سنخ حیا۔

گہراپن۔ سٹرنہ۔ دوٗنت

گہرا دوست۔ جانی یار۔ پوختہٕ دوس۔

گہرا رنگ۔ تیز رنگ۔ شوخ رنگ۔

**گہرا زخم** ۔ سٹھ ڈٕن زخم ۔ سٹھا ژھوکھ ۔

**گہرا سہاگ** ۔ سُہنج یکلاس ۔ جانٛی یارٕز ۔ مثل ۔

**گہراؤ** ۔ سٹھ نبر ۔ وونٛت ۔

**گہرا ہاتھ لگانا** ۔ سُہنج زورٕ ژٕنڈ تراوٕنۍ ۔ دُلہٕ ژھوکھ دیُن ۔

**گہرا ہاتھ لگنا** ۔ زورٕ ژٕنڈ پیٛنۍ ۔ سُہنج ژٕنڈ پیٛنۍ ۔

**گہرا ہاتھ مارنا** ۔ ۱۔ بٔڈ سٕن دٕز ۔ بارٕ رقمس اتھ تراوُن ۔ ۲۔ بارٕ نفع زیٚنُن ۔ ۳۔ بارٕ ستہٕ خاندانس ستیٚ واٹھ گژھن ۔

**گہرائی** ۔ سٹھ نبر ۔ وونٛت ۔

**گہرا یار** ۔ جانٛی یار ۔ سُہنج دوس ۔ پکہٕ دوس ۔

**گہرا یارانہ** ۔ سُہنج یارٕز ۔ پٔزٕ یارٕز ۔ پوختہٕ یارانہٕ ۔

**گہری** ۔ ۱۔ سٕنی ۔ "گہرا" لفظُک موٚنٛث ۔ ۲۔ دٔر ۔ مضبوط ۔

**گہری بات** ۔ مانہٕ دار کتھ ۔ تہہ دار کتھ ۔ سٕنی کتھ ۔ قیمتی کتھ ۔

**گہری چھنن** ۔ ۱۔ ہنگہٕ موت آسُن ۔ ۲۔ خوب یارانہٕ ۔ ٹاکارٕ ادٕری ، دوستی آسُن ۔ … ستہٕ … آسُن ۔

۳۔ گٔنی آسُن ۔ ہرا آسُن ۔

**گہری سانس لینا** ۔ زیُوٹھ ووشس تراوُن ۔ سُہنج افسوس کھیوُن ۔

**گہرے کرنا** ۔ موٚنگ نبرٕ نی ۔ سیٹھا نفع بٔنُن ۔

**گہری گور** ۔ سٕنی قبر ۔

**گہری گور میں تولوں** ۔ یہ چھُ اکھ ووہ ہو ۔

**گہری گور میں سونا** ۔ یہ چھُ اکھ ووہ ہو ۔

**گہرے گھاٹ ڈوبنا** ۔ سُہ گھاٹ ییٚتھ ستہٕ نبر زیادٕ آسہٕ ۔

**گہرے میں** ۔ یٔتھ نفع تہٕ سوٗد چھُ ۔

**گہری نیند سونا** ۔ گوٚب نیٚندرٕ تراوٕنۍ ۔

**گہرے ہونا** ۔ سیٹھا زیٚنُن ۔ وار یاہ کماوُن ۔

**گھرا** ۔ [ ت ۔ گھرٕرا ۔ ] ۱۔ گیٚوٗر ۔ اچھ درد ژلراوُنُک اکھ ضادٕ ۔ ۲۔ کھڑ تہٕ شالٕشہٕ بٔرٕژ آواز ۔ کھڑدکھ ۔ ۳۔ ہٕنیک ۔ مرٕنٕ ہنیک ۔

**گھراٹا** ۔ کھڑدکھ ۔

**گھرا چلنا** ۔ مرٕنٕ ہنیک لگُن ۔

**گھرا لگنا** ۔ مرٕنٕ ہنیک لگُن ۔ ہنیک لگُن ۔

**گھرت** ۔ [ ث ۔ گھرٕ رٕت ۔ مؤنث ] سُہ ہیچہٕ ہٕن یا دانتُر کُرٕ ئیس ستارس لاگان چھہٕ تہٕ پیٚتھ

تاہ نہاوان چھ۔

**گھُرسنا۔** [ت۔ گھُرس نا۔] ۱۔ رُٹسُن۔ اِٹسُن۔ کانہہ چیز ژٔلِتھ کنہ منز والُن۔

**گھُرکے بیٹھنا۔** شرارتھ کرُن۔ تیزی کرنی۔

**گھُرکنا۔** [ت۔ گھُرکنا۔] گژ ژنز کرُن۔ ووکرسان روب کرُن۔

**گھُرکی۔** گژ ژنز۔ ووکُر۔ روب۔ دبارے۔

**گھُرکیاں دینا۔** زُرکہ دِنہ۔ بیزتی کرنی۔ گژ ژنز کرُن۔

**گھُرکی جھڑکی۔** گژ ژنز۔ بیزتی۔

**گھُرکی دینا۔** گژ ژنز کرُن۔ دَمکی دِنی۔

**گھُرکی کھانا۔** بیوآری کھینز۔ بیزتی زٕٹنی۔

**گھڑگھڑ۔** گرگر۔ گرٕچ گرٕچ۔ گرٕڑیا گاڑی پکنچ آواز۔

**گِھرنا۔** [ت۔ گِھرنا۔] ۱۔ گیرس منز یُن۔ دُشمنن منز وَلنہ یُن۔ ۲۔ (اوٚبر) وَہراونہ یُن۔ ۳۔ (غمن منز) وَلنہ یُن، مصیبتس منز مبتلا سپدُن۔

**گِھر آنا۔** وَلنہ یُن۔ اَلنہ وَلنہ یُن۔

**گِھر جانا۔** ۱۔ گیرس منز یُن۔ گیر گژھُن۔ ۲۔ ژرٕہ پاسے اوٚبر گژھُن۔ اوٚبرہ تب گرٕمن گژھُن، اوٚبر وَلنہ یُن۔

**گِھر کر آنا۔** وَلنہ یُن۔ گیرہ کرِتھ یُن۔ پَنہ تھ

اَنہ وَلنہ یُن۔

**گِھر گِھر کے آنا۔** اوٚبرُک ژرٕہ پارٕ وَلنہ یُن۔

**گھِرنی کھانا۔** چکر یُن۔ گلہ گیرُن۔

**گھرنائی۔** (مؤنث)۔ اکہ قسمچ ناد۔

**گھرنئی۔** وُچھو "گھرنائی"۔

**گھِرنی۔** [ت: گِھرنی۔ ھ۔ مؤنث] ۱۔ پٔہیہ ژٔناونک اکھ سامانہ۔ ۲۔ گُلک چکر، گلہ گیران آسنچ حالتھ۔ گلہ گیرُن۔ ۳۔ اکھ آبی جانہ وَر۔

**گھڑی۔** [ت: گھڑی۔ ھ۔ مؤنث]۔ گھُور۔ گھوٚرک پٔنژیُم حصہ۔ (کھنہ پَر) گھڑیر۔

**گھڑیا۔** [ت۔ گھڑیا۔ مؤنث]۔ تھٔج۔ سونہ رُٹہ رُسہ قالِب، ہیوٚہ بانہ یتھ منز سُہ سون یا روپہ بیتر کاران چھ۔

**گھڑیا چڑھانا۔** سوار کھارُن، گمرس پیٹھ کھارُن۔

**گھڑیاں جوتنا۔** سختی تلنی۔ بَڈ کھوتہ بوٚڈ چیبتھ برداشس کرُن، سخ یذاہ تُلُن۔

**گھڑیاں گھسنا۔** بلاین، مصیبتس مقابلہ کرُن۔

**گھر پایں گھرنا۔** تاوٗنس لگُن۔ عِبالہٕ کپٕرس مَنٛز پھسُن۔ مصیبتس منٛز وَلنہٕ یُن۔

**گھٹ، گھوٹ۔** [ت: گھُٹ۔ ہ]۔ "گھوڑا" لفظُک ژھوٗٹ۔ وِچھو "گھوڑا"۔

**گھڑبہل گھوڑبہل۔** ٹانگہٕ چالہٕ اَکھ گاڑی یَتھ گُری چھِ لمان۔

**گھُڑچڑھا، گھوڑچڑھا۔** ۱۔ یُس گُرِس پیٹھ سوار آسہ۔ گُرِی سوار۔ ۲۔ یُس پوختہٕ سوار آسہ۔

**گھڑچڑھی، گھوڑچڑھی۔** ۱۔ (خانٛدرکرِ دوٚہہ) یِہراز سُنٛد گُرِس کیتھ مہربنہٕ ہُنٛد گرِ گژھُن۔ ۲۔ سہ توٚچھ یوٚس گُرِس کیتھ ادرِ یور نیتھ ہیکو۔ ۳۔ رِسالہٕ لشکر، رِسالہٕ فوج۔

**گھُڑدوڑ۔** ۱۔ گُرِی دور۔ سہ مَیدان یَتھ گُرِی دور آسہ سپدان۔ ۲۔ (ورگہ) انسانَن ہنٛز دور۔

**گھڑسال۔** طبیلہٕ۔ سہ گاہ یَتہِ گُرِی تھوان چھِ۔

**گھُڑمکھی۔** اَکہِ قسمِچ مٔچھ یوٚسہ گُرِن ستہِ چھَپےتھ آسان۔ گُرِی مٔچھ۔ دوٚنژھہ۔

**گھُڑمُنٛڈھا۔** گُرِی ہُتھ۔ یُس گُرِس پیٹھ بِہتھ آسہ۔

**گھڑیا۔** ژھوٗٹ گُر۔ ژھوٹہِ قدُک گُر۔

**گھڑا۔** [ت: گھڑا۔ ہ۔ مذکر]۔ نوٚٹ۔ آب بیترِ تھونہٕ باپتھ مٔیژِ ہُنٛد بناونہٕ آمُت اَکھ باجہٕ یَتھ گوٗل تنگ آسان چھُ۔

**گھڑوں پانی پڑجانا۔** سخ شرمندٕ گژھُن۔ خَجل گژھُن۔ شرمہِ سٟتی عارقہٕ شران گژھُن۔

**گھڑونچی۔** گُرداںٕچہٕ۔ سہ تھود ژاکھ وار یَتھ پیٹھ آبہٕ نوٚٹ تھوان چھِ۔

**گھڑوں عرق آنا۔** عارقہٕ شران گژھُن۔ سیٹھا شرمندٕ گژھُن۔ شرمہِ داوس لگُن۔

**گھڑے پانی کے پڑنا۔** شرمہِ کِنی عارقہٕ شران گژھُن۔ سخ شرم گژھُن۔

**گھڑے لنڈھانا۔** شرمہِ کِنی عارقہٕ شران کرُن۔ سخ خَجل کرُن۔ سخ شرمندٕ کرُن۔

**گھڑانا۔** [ت: گھڑانا۔] سوٗنہ رٔتہ بیترِ سُنار تھتہٕ قالبس منٛز تہٕ اَدِ تھہ کانٛہ چیز بناونُن یا گرُن۔

**گھڑاون۔** گَرِنی۔ بناونی۔

گھڑائی۔ ۱۔ بناوٕ ڈٕر۔ بناوٕنٕچ مۆزوُری۔
۲۔ بناوٕٹھ۔ ساخت۔ گرٕتھ۔

گھڑت۔ ۱۔ گرٕتھ۔ ساخت۔ بناوٕٹھ۔ ۲۔ بناونہٕ آمٕژ کتھ۔ لاگنہٕ آمٕژ کتھ۔ سو کتھ یتھ نہٕ کانہہ اصلیت آسہٕ۔

گھڑنا۔ گرٕن۔ بناوُن۔

گھڑوانا۔ بناوٕناوُن۔ گرٕناوُن۔

گھٹنا۔ (کانہہ چیز) کمرس پیٹھ رٹُن یا ٹھاوُن۔ کمرس گنڈُن۔ کمرس ستی گنڈِتھ تھاوُن۔

گھڑگھڑانا۔ گگرایہ۔ گگرایہ گژھنہٕ۔

گھڑگھڑاہٹ۔ گرگر، گاڑی یا کانہہ مشینہِ بیترِ چلنٕچ آواز۔

گھڑنال۔ توپھ۔

گھڑلس۔ کھور پیٹھِم موٚٹ رگ۔ ٹکہٕ نار۔

گھڑی۔ [ت۔ گھ ڑی۔ مؤنث] ۱۔ اژوٕہن منٹن ہُند وَق۔ ژوٕوُہ منٹ۔
۲۔ وُق۔ کال۔ سمے۔ سانہ۔ ۳۔ گرٕیتھ وَق وٕچھان چھہٕ۔ ۴۔ سہ گٔڈی دار کٹورٕ یٕیمہٕ منٛز آب قطرٕ قطرٕ نٮ۪یس میژر بانٛس منٛز سمان چھہٕ یٕیمہٕ تلہٕ انداز چھہٕ سپدان زٕ وُق کیاہ آو۔

گھڑیال۔ ۱۔ سوگر، گانٹی یوسہٕ وایِنہٕ چھِنے یوان۔ ۲۔ اکھ آبی جانور ویگُرچھ۔

گھڑیال بجنا۔ گرٕوزٕنی۔ گانٹی وزٕنی۔

گھڑیال کا کٹورا۔ سہ گٔڈی دار کٹورٕ یٕیمہٕ منٛز آب بٕنٮ۪یس میژر بانٛس منٛز سمان چھہٕ تہٕ یٕیمہٕ تلہٕ انداز چھہٕ سپدان زٕ وَق کیاہ آو۔

گھڑیال گننا۔ (ورگہ) پرٛارُن۔ انتظار کرُن۔ ژٕہر گنٛزراوٕنی۔

گھڑیالی۔ گرٕ وایِن وول۔

گھڑیاں گننا۔ ژٕہر گنٛزراوٕنی۔ پرٛارُن۔ انتظار کرُن۔

گھڑی بجنا۔ گرٕوزٕنی۔ گانٹی گژھنی۔

گھڑی بنانا۔ گرٕ شیرٕنی۔ گرٕ مرمتھ کرٕنی۔

گھڑی بھاری ہونا۔ ساتھ کڈُن مُشکل گژھُن۔ دم نیاوُن سیٹھاہ گوب گژھُن۔

گھڑی بھر۔ ۱۔ اکس ساتس۔ اکس گرٕ۔ ۲۔ ژٕرٕ کھنٛجہٕ۔ پینٛتس کھنڈس۔ گرٕ کھنٛجہٕ۔

گھڑی بھر میں۔ یکدم۔ فورن۔ اکی ساتہٕ۔ بٕرٕنٛزس منٛز۔

گھڑی پر گھڑی۔ گَرِ گَرِ۔ گَرِ پتہٕ گَرِ۔ وِزِ وِزِ۔
بَرسات۔ دَمہٕ دَمہٕ۔ پوٗتُس پتھ۔

گھڑی پہاڑ ہونا۔ ساتھ نباوُن مُشکِل
گژھُن۔ وَق گُذارُن سیٹھا کرٕ ہوٗٹھ
گژھُن۔

گھڑی تولہ گھڑی ماشہ۔ یُس نہٕ مزاز اکہِ
ڈُنجہِ روزِ۔ اَتی ژھوپ تہٕ اَتی وڈُل۔

گھڑی ٹالنا۔ ساتھ ہٕباوُن۔ وَق کڈُن۔

گھڑی ٹلنا۔ وَق نیرُن، بَلا گژھُن۔
ساتھ ہٕبُن۔

گھڑی ٹھیک کرنا۔ گَرِ وَق شیرُن، صحی
وَق تھوُن۔ گَرٕ ٹھیکہ تھوٕنۍ۔

گھڑی دو گھڑی۔ رَژھ کھنجہِ پیٹھٕس
کھنڈس۔ گَرِ ہی دوٕن گَرِ ہی۔

گھڑی ساز۔ گَری ساز۔ گَرٕ شیرُن وول۔

گھڑی ساعت کا۔ قریب بُل مَرگ آسُن۔
مَرنَس تیار آسُن۔ دَمَن پیٹھ آسُن۔

گھڑی ساعت کا مہمان۔ وُچھو
"گھڑی ساعت کا"۔

گھڑی ساعت ہونا۔ دَمَن پیٹھ آسُن۔
مَرنَس تیار آسُن، زِندگی ختم آسُن۔

گھڑی صاف کرنا۔ گَرِ صفائی کرٕنۍ۔

گھڑی کوکنا۔ گَرِ کوٗنز کرٕنۍ۔

گھڑی کو کی جانا۔ گَرِ کوٗنز کرٕنہٕ یِنۍ۔

گھڑی گھڑی۔ گَرِ گَرِ۔ وِزِ وِزِ۔ دَمہٕ دَمہٕ۔

گھڑی لگانا۔ گَرِ گنٹِھنۍ۔ گَرٕ تھوٕنۍ۔ مَنزٕ
گَرٕ لاگٕنۍ۔

گھڑی ملانا۔ پَتھ یا بَروٗنٹھ گامژ گَرِ
صحی گَرِ سیتۍ وَق رَلاوُن۔ گَرٕ وَقتَس
پیٹھ تھوٕنۍ۔

گھڑی میں گھڑیال۔ ۱۔ ژھہس مَنز
تُلکہ پیٹھ، انقلاب، سورُے بَدلُن۔
۲۔ کانُہہ بُڈ بُنِدِ مَرنہٕ وِزِ گَرٕ وائِنۍ
یتھ لوکَن خبر گژھِ۔

گھڑیوں۔ "گھڑی" لفظُک جمع۔
واریاہس کالس۔ ییژ کالس۔

لُکہٕ کتھ:–

گھڑی دو میں مُرلیا باجے۔ وِچھان
وِچھان اکہِ رَنگہ بیاکہ رَنگ گژھُن۔

گھڑی میں اولیا گھڑی میں بھوت
ہو موٗلی کتھ سیتۍ راضی تہٕ مَر موٗلی
کتھ پیٹھ ناراضی۔

گھڑی میں تولہ گھڑی میں ماشہ۔ یُس نہٕ مزاز
ڈُنجہِ آسہِ۔ اَتی ژھوپ تہٕ اَتی وڈُل۔

گھڑی میں کچھ گھڑی میں کچھ۔ یُتھ نہٕ مزاز اکہِ سے ڈنجہ روزِ۔ یُس نہٕ کُنہٕ کمتھ ہیٚتھ روزِ۔

گھڑی میں گھر جلے سو گھڑی کا بھدّرا

گھڑی میں گاؤں جلے نو گھڑی کا بھدّرا

نہٕ ڈیپتھ گو: اکی سہلا ہُن گژھتہٕ تاہہ کنی ژھھٹھ بٮ۪لیس سومدب کتہٕ ہُمچہ ہتر۔

گھُسر پھُسر۔ کھُسر پھُسر۔ کُنہٕ پھسرائے۔

گھس کھُدا۔ ۱۔ گاسہٕ کڈن وول۔ گاسہِ گاسہٕ کنن وول۔ ۲۔ (درگہ) احمق۔ بیوقوف۔

گھسلنا۔ لمُن۔ وزسہٕ دیُن۔

گھُسنا۔ [ت۔ گھُس نا۔] اندر گژھن۔ داخل گژھن۔ زورٕ اژن۔ مکانس بیترِ منز اژن۔

گھُسانا۔ اندر ژانُن۔ اندر ٹھسُن۔

گھُس آنا۔ زورٕ اندر اژن۔ زبردستی اندر گژھن۔

گھُس بیٹھ کر۔ کوشش کرتہٕ، زور کرتھ۔

گھُس بیٹھ کے۔ وچھو "گھس بیٹھ کر"۔

گھُس بیٹھنا۔ زورٕ اژتھ بہُن۔ سیتھ سیٹھی بہُن۔ نکمہ بہہ بہن۔

گھس پڑنا۔ ۱۔ بے خوف کُنہٕ کامہٕ منز زنگ ژھننی۔ سوچنہٕ کرنہٕ رٹو ستے کُنہٕ کامہٕ منز شریکھ سپدُن۔ ۲۔ بٮ۪ے کھٹک پاٹھی کُنہٕ مکانس اندر اژن۔

گھس پل جانا۔ یٮ۪تھین جاے تنگ یا کم آسہٕ تتھین زورٕ ژلیتھ اژن۔

گھُس پیٹھ۔ واتنبر۔ رسائے۔

گھسٹنا۔ ۱۔ لمُن۔ زور کرُن۔ ۲۔ پیٹھر گگھرادتھ پکُن۔

گھسٹ آنا۔ زورٕ ین۔ لمتھ ین۔

گھسٹے گھسٹے پھرنا۔ دربدر وتہٕ وتہٕ پھیرُن۔

گھُسڑنا۔ داخل گژھن۔ اندر اژُن۔

گھُس کر بیٹھنا۔ زورٕ اژتھ بہُن سیتھ نکمہ بہُن۔

گھس کر لگانے کو نہیں۔ اکھ رژھ تہِ نہٕ۔ بلکل نہٕ کنہِ۔

گھسنا پلنا۔ زورٕ زبردستی کُنہٕ جمائس منز اژن۔

گھسوانا۔ اندر ژانہٕ ناوُن۔ داخل کرناوُن۔

**گھسیٹنا** - ۱- اَنٛدرٕ رُستُن، بُرُن، داخِل کَرُن - اَکھ چیز بییس چیزَس مَنٛز زورٕ ژھُنُن - ۲- سۄ حَلِبنہٕ کَرٕنی۔

**گھِسنا** - [ت - گھِسُ نا]۔ ۱- کُنہٕ چیزَس پھَش دُین، گگھر دِنی - ۲- کَنہٕ پیٹھٕ پھَش دُین، گگھر دِنی - ۳- پیلوٗ رٕنہٕ پھلنی پرانہٕ۔ ۴- تتٕرٕ کَتھٕ وَننہٕ ہمَن نہٕ جوابہٕ پھور - ۵- کانٛہہ چیز گَسہٕ پیتھ پرانُن - ۶- گَسہٕ پیتھ وَزَن کَم گژھُن۔

**گھِسا** ۱- پھَش، گگھر، گَس - ۲- گگھر یُوسہٕ اَکھٕ گانٛٹہٕ بیرٕ ڈورٕ سٟتی بییس گانٛٹہٕ بیرٕ ڈورِس سٟتی لگان چھے۔ ۳- کھال دال یُسہٕ مَردٕ زنانہٕ صوٗحبتھ کَرَن وِزِ کَران چھِہ - ۴- بگہٕ یا ٹانٛگکی بَم ہمَن گُرٕ جورٕ نہٕ چھُہ یوان - ۵- دوٗنکھ، فرِیب - ۶- گَسہٕ آمُت - پھَش پھَش دِنہٕ یا استیمال کَرنہٕ کِنی لشلیوٗمُت آسہٕ یا پرانیوٗمُت آسہٕ - گوٗلمُت۔

**گھسا دینا** - رٕگرٕڑاوُن - گَسہٕ اَنُن موٗرُن - گلراوُن - گگھراوُن۔

**گھِسا لگنا** - گَس لگُن، پھَش پھَش لگُن، گگھر لگُن - گلُن۔

**گھِساو** - گَس - گگھر۔

**گھِساوٹ** - گَس - گگھر - پھَش۔

**گھِس پِس کے** - ناو نہٕ کُنہٕ روزُن، بِلکُل ختم گژھُن، گلُن - شینکہٕ نہٕ روزٕنی۔

**گھِس پِس کے اترے یا اترنا** - دٕلیو پیوٗ شاکھ اکھالوٗن بُشرھ نے، یہ چھُہ اَکھ دُعا یا خاآر۔

**گھِس پِس کے پُرانا ہو** - وچھِو "گھِس پِس کے اترے"۔

**گھِس جانا** - گَسہٕ یُن - گلُن۔

**گھِس چلنا** - سوٗ ہٕنی، گَسہٕ یِنی - گلنی۔

**گھِس ڈالنا** - گانُن - گَسہٕ اَنُن - رٕگرٕڑاوُن۔

**گھِس گھِس کرنا** - ۱- کُنہٕ پھیرارے کَرٕنی۔ ۲- (کانٛہہ کام کَرنَس مَنٛز) ماٹ لاگنی، زیر لاگُن۔

**گھِس گھِس کے چلنا** - پلوٗس بیتٕرٕ یُژ کال نیرُن، پایدار آسُن، داریاہ دار نیرُن۔

**گھِسم گھِسا** - ۱- اَکُ سُنٛد بیاکھ پیٹھٕرَس سٟتی موٗرُن، رلتھ ناوُن - ۲- اَکھٕ گانٛٹہٕ بیرٕ ہُنٛد ڈورٕ بییس گانٛٹہٕ بیرٕ ڈورِس سٟتی کھِسا دِتھ رٕگرٕڑاوُن - ۳- مانٛجُن

پھش دِیُن۔ گس دِیُن۔

**گھسن**۔ پھش۔ رَگرُٹ۔ گس۔

**گھسن پٹی**۔ چوب۔ مار۔ اُلسر اُلسی شُلکھ۔

**گھسے دینا**۔ اکھ گانٹھ بیر ہندِ پنِ ہنیس گانٹھ بیر پنِس سیتی رَگراوُن۔

**گھسیارہ**۔ [گھس یارہ۔ ھ۔ مذکر]۔ ا۔ گاسہ کڈن وول۔ ۲۔ گاسی۔ گاسہ کنن وول۔

**گھسیٹا**۔ اکھ قسمچ گاڑی یتھ سیتی بچھر جوری تھ کھنتہ چھُ یوان کڈنہ۔

**گھسیٹنا**۔ ا۔ لمُن۔ پتھرس سیتی لتھ ناوُتھ یا رگراوِتھ لمُن۔ ۲۔ میانہ منز تدار کڈنی۔ ۳۔ کانہہ چیز پتھرس پیٹھ لتھ ناوُن۔ جل جل لیکھُن۔ ۴۔ ژٹتھ انُن ناوُن۔ ۵۔ پانس سیتی بیتن، ہکہ ناوُن۔

**گھسیٹ دینا**۔ دُرِ لیکھتھ دیُن۔

**گھسیٹا گھساٹی**۔ لَمہ لَم۔

**گھسیٹم گھساٹا**۔ لَمہ لَم۔

**گھسیٹن**۔ پتھرس پیٹھ لتھ دَنک نشانہ۔ پتھرس سیتی رَگراوُنک نشانہ۔

**گھک**۔ [ت۔ گ۔ ہک]۔ گیوُن، لہر۔

**گھک گھک کر**۔ ا۔ نرس منز، ٹلمو ٹلمو ایکُن)۔ ۲۔ خوشی منز بڈ بڈ کتھ کرنہ۔

**گھکنا**۔ بٹر ہٹر ووتھن، دَنُن۔

**گھکوار**۔ [ت: گھک وار۔ ھ۔ مذکر]۔ اکھ قسمک کل۔

**گھگو**۔ [ت۔ گھک گو۔ مذکر]۔ ا۔ اکھ قسمک بوڑ راتہ موغل۔ ۲۔ ربر بنو مُت اکھ تماشہ یُس شاہ دِنہ سیتی وَزان چھُ۔ ۳۔ دِہہ تراوَن والی اِنجنک ہُنز آواز۔

**گھگی**۔ [ت: ھ۔ مؤنث]۔ ا۔ گُگل۔ ۲۔ بلیمہ یا کھوژنہ کنی شاہ رُکی رُکی کھسُن۔

**گھگی بندھ جانا**۔ ا۔ وَدان وَدان رکی گژھنی۔ ۲۔ خوفہ کنی پھپھپھر گژھن، کتھ نہ سیوِہ گژھنی۔

**گھگیانا**۔ عاجزی۔ زاری۔ زاری کرنی۔ زاریہ پاریہ کرُن۔ گوال [illegible]۔

**گھلنا**۔ [illegible نا]۔ ا۔ وگھلن۔ گلُن۔ ۲۔ ژرُن۔ ۳۔ کمزور گژھن۔ ہوہ کھُن۔ لاغر گژھُن۔ ۴۔ غل سیدُن نارلُن۔ ۵۔ سعد رمہ پھکہ پاکھی لاگُن۔

**گھلا**۔ کمزور گو۔ لاغر گو۔ بُتھ ووتھمت، ہو گومُت۔

گھلا جانا ۔ فکرو تہ غمو کنی کمزور گژھن ۔

گھلا ملا ۔ ۱۔ سخ ملہ ژار، یُن گژھن ۔ پانہ واٹی بے واپہ آسن ۔ ۲۔ رلیئومت ۔ زم گومت ۔ حل گومت ۔

گھلانا ۔ ۱۔ ولہ گلاؤن ۔ ۲۔ نرماون ۔ ۳۔ کمزور کرن ۔ لاغر کرن ۔ ۴۔ کانہہ چیز آلبس سیتی رلاون، حل کرن ۔ ۵۔ (سعہ رمہ) لاگن ۔

گھلاوٹ ۔ ۱۔ نرم آسن ۔ ۲۔ سوشوب، نزاکتھ لیوسہ سعہ رمہ لاگنہ سیتی نیر ۔

گھلاوٹ کی آنکھ ۔ لولہ نظر ۔ پانس کن پھرن واجنی نظر ۔

گھلا ہوا ۔ ویگلیئومت ۔ نرمیئومت ۔

گھل جانا ۔ ۱۔ ویگلن ۔ نرمن ۔ ۲۔ تنن ۔ آب ہیوہ گژھن، آلبس سیتی حل گژھن ۔ ۳۔ ٹھکن ۔ ۴۔ کمزور گژھن ۔ لاغر گژھن، ہوکھن ۔ ژمن ۔ متہ وسن ۔ ۵۔ رلن ۔ میلن ۔ حل سپدن ۔

گھل کر بیٹھنا ۔ یکہ وٹہ بہن ۔ رلتھ، سیتی سیتہ روزن ۔

گھلا گھل ہر ۔ دار دار، کمزور گژھتھ ۔ لاغر گژھتھ ۔

گھل گھل کر تمام ہونا ۔ ہنہ ہنہ کمزور، لاغر گژھتھ مرن ۔

گھل گھل کے باتیں کرنا ۔ بے واپہ کتھ کرنہ ۔ بے کھٹک پانٹھی کتھ کرنہ ۔

گھل گھل کے کانٹا ہو جانا ۔ کونڈ یوتاہ ژمن ۔ سخ کمزور گژھن ۔

گھل گھل کے مرنا ۔ ہنہ ہنہ سیٹھا کمزور، لاغر گژھتھ مرن ۔

گھل مل جانا ۔ اکے زُ تہ جان گژھن ۔ بے واپہ یُن گژھن آسن ۔ سیٹھا میلہ ملاپ گژھن ۔ یُر تولقاتھ گژھنی ۔

گھل مل کر ۔ رلتھ میلتھ ۔ سخ محبتہ سان ۔ بے واپہ پانٹھو ۔

گھل مل کے بیٹھنا ۔ رلتھ میلتھ بہن ۔ سیٹھا لولہ سان اکہ وٹہ بہن ۔

گھلنا ملنا ۔ ۱۔ پانہ واٹی سیٹھاہ ملہ ژار گژھن ۔ سیٹھاہ رلن میلن ۔ ۲۔ سخ بے واپہ گژھن ۔ (پانہ واٹی) ژرنہ یین ۔ کھتکہ رون بہن ۔

گھلوانا ۔ آلبس سیتی رلاون، حل کرن ۔

گھلو مٹھو ہو جانا ۔ پیٹھتہ بنہ پانہ واٹی بے خلاص، میل ملاپ گژھن، تعلق تھاگژھنی ۔

**گھما گھم۔** شۆب، رونق، نزاکت، دم دام۔ لوکن ہُندِ ین گژھُن۔

**گھما گھمی۔** وُچھو "گھما گھم"۔

**گہما گہمی۔** رونق، شۆب۔

**گھمانا۔** [ت۔ گھُمانا۔] ۱۔ پھرناوُن، چکر دیاوُن۔ ۲۔ سال کرناوُن، چکرس نیُن۔ ۳۔ تراوِنیُن۔ غایب کرُن۔

**گھماؤ۔** ۱۔ پھیر، چکر۔ ۲۔ تیوٗ تاو زمین یُت اکھ دانٹھ ہُو دوہس وایہ۔

**گھمبیر۔** [ت۔ گھم ہیر۔] ۱۔ سۄرُن شخص لیو، ژالن باپتھ آسہِ پردانتھ دِل۔ مُستقل مزاج۔

**گھُمر گھُمر۔** [مؤنث] گرٹہٕ چلنچ آواز۔

**گھمریاں لینا۔** ونگتُیز دِنی۔ چکر کرُنی۔ اندی اندی پھیرن۔

**گھُس۔** (ریتہ کالہ) گرمی ہُند زور تہٕ ہوا بند آسُن، دم آسُن۔

**گھمسی۔** ریتہ کالہ سخ گرم آسنہٕ کنہِ ہوا بند ہیوٚہ آسُن، دم گژھُن۔

**گھمسان۔** [ف: گھم سان۔ مذکر] ۱۔ لڑائے، جنگ، ٹھوس۔ ۲۔ سخ خونریزی، زبردس قتل عام۔ ۳۔ لاشن ہُندِ انبار۔ مارِ گامتین ہنٛزِ ڈیر۔ ۴۔ رَبہٕ۔ ہڑ جوم۔ ۵۔ دارانی۔ تباہی۔ بربادی۔ ۶۔ تحفو تحفو۔ تُلکہ پیٹھ۔

**گھمسان پڑنا۔** سخ خونریزی گژھنی۔ لڑایہ مَنز یُتھ قتل گژھنی۔ خونہٕ خون گژھنی۔

**گھمسان کرنا۔** ۱۔ سخ جنگ کرُن، جنگس منز سخ خونریزی کرنی، خونہٕ خون کرنی۔ ۲۔ زُو جانہٕ لڑُن۔

**گھمسان کی۔** سخ خونریزی۔ فوجک سخ مقابلہ۔

**گھمسان کی کارزار ہونا۔** سخ خونریز جنگ گژھُن، کلہٕ وَڈھنی۔ سخ تباہی گژھنی۔

**گھمسان کی لڑائی۔** خونریز جنگ، لڑائے، تباہی، سخ مارمار، قتلہٕ قتل۔

**گھمسان کی مار ہونا۔** زبردس جنگ گژھُن۔ خونریز لڑائے گژھنی۔

**گھمسان ہوجانا۔** ۱۔ سخ خونریز لڑائے گژھنی، لاشن ڈیر گژھنی۔ ۲۔ سیٹھا فوجن، لشکر جمع گژھنی۔

گھمک ۔ [ت ۔ گھ مَک ] ۔ ترٛٹھ ژُنڈ، فرٛب، ٹاس، یتھ آواز نیر ۔

گھمکا ۔ ٹُکھالہٕ ۔ تھاپیر ۔

گھم گھم ۔ (دھ) اولہٕ دولہٕ کنٛھ ۔ گول مول کنٛھ ۔

گھُم گھُم ۔ ۱۔ دستھکھ دِنہٕ باپتھ) ڈولہٕ کہارن ہٕنز آواز ۔ ۲۔ ٹگرٕ پکنچ آواز ۔

گھملا ۔ [ت ؛ گھُم لا ۔ ھ ۔ مذکر ] ۔ دیوٚشہٕ گملہٕ ۔

گھُمنڈ ۔ [ت ۔ گھُ مَنڈ ] ۔ اَدٕبرِ لمب کھر ۔ اَدٕبرٕ واہراونہٕ یُن ۔

گھمنڈنا ۔ اَدٕبرٕ واہراونہٕ یُن ۔

گھمنڈ ۔ [ت ۔ گھ مَنڈ ۔ مذکر ] ۔ ۱۔ غوٚرور، تکبُر ۔ نخوت ۔ گمنڈ ۔ ۲۔ فخر ۔ ناز ۔

گھمنڈ رکھنا ۔ غوٚرور کرُن ۔ تکبُر آسُن ۔ گمنڈ آسُن ۔

گھمنڈ کرنا ۔ گمنڈ گژھُن ۔ غوٚرور گژھُن ۔

گھمنڈ مٹانا ۔ گمنڈ والُن ۔ تکبُر والُن ۔

گھمنڈ نکال دینا ۔ کانٛسہٕ نِشکَس دِیُن، نوٚمراوُن ۔ تکبُر ژالُن ۔

گھمنڈ نکل جانا ۔ گمنڈ ژلُن ۔ غوٚرور نہٕ روزُن ۔

گھمنڈ ہونا ۔ گمنڈ آسُن ۔ غوٚرور آسُن ۔ نخوت آسُن ۔ کانڈ ہِن، کھوٚتمت آسُن ۔

گھمنڈی ۔ گمنڈی ۔ یُس گمنڈ آسہِ ۔ سَرسانہٕ لَدٕ ۔ تکبُری ۔ مغرور ۔

گھمنی ۔ [ت ۔ گھُم نی ۔ ] ۔ سَکلہٕ نژُن ۔ گیوٚر یُن ۔ چکر یُن ۔

گھمیر ۔ [ت ۔ گھُ میر ۔ مؤنث ] ۔ چکر، گیوٚر دِلیُو سَکلَس لوان چھُ ۔

گھمیری ۔ وِچھو، گھُمیر ۔

گھن ۔ [ت ۔ گھَن ۔ مذکر ] ۔ ۱۔ بوٚڈ دَدٕکر ۔ کھارُ سُند بوٚڈ زدٕکر ۔ پُر ۔ ۲۔ فرٛب ۔ رہ پے ، پانٛسہٕ بیتر ۔ لُقد دیار یم ہٕنٛس کنٛس مشنز ورتاونہٕ ین ۔ جلہٕ وُن ضرب ۔ ۳۔ بَدگر ۔ ساتھ ۔ ۴۔ اکہِ قسمُک نژُن ، رقص ۔ ۵۔ گوٚن ۔ پوٚر، بُرٕتھ ۔ سیٹھا ۔ وزن دار ۔ گوب ۔ ۶۔ سیٹھا وارا ۔ یُژ ۔ کثرتہٕ سان ۔

گھنا ۔ ۱۔ گوٚن ۔ گُنجان ۔ سیٹھی سیٹھی ژیلتھ ییٚتسن نہٕ گنجائش آسہِ ۔ ییٚتسن نہٕ ہیٚشا کھ ہیکہٕ ویٚلپتھ ۔ [illegible] گلہٕ یم ہیٚری سیٹھا آسن ۔

گھنا جنگل ۔ گوٚن جنگل ۔ [illegible] جنگل یتہِ کُلہٕ ہیٚری سیٹھا آسن ۔

گھن پڑنا ۔ ۱۔ پُر دب ، پیوٚن ۔ [illegible]

طاس پیون ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھو) بوڈ صدمہٕ واتُن ۔ دۄکھ واتُن ۔

گھن کا ۔ ۱۔ گوٚن ۔ گنجان ۔ گنجہٕ لیشہٕ بنأر ۔ ۲۔ سُہ کُل یتھ پنو ٹھس پیٹھ لنجہ آسُن ۔ گوٚن سایہ دار کُل ۔

گھن کا سِکہ ۔ چلہٕ دُن ضرب ۔

گھن کی چوٹ ۔ سٔروٚن زخم ۔ ضرب شدید ۔

گھن کے روپے ۔ چلہٕ دُن ضرب ۔

گھن مارنا ۔ ۱۔ چھوکھ دیُن ، طاس لایُن ۔ ضرب دیُن ۔

گھنی ۔ گوٚن ریش ۔ گنز (دأر) ۔

گھنی چھاوٗں ۔ گوٚن سایہ ۔ گوٚن شینہجار ۔

گھُن ۔ [ت: گھُن ۔ مذکر ] ۔ ۱۔ سُہ کھسو دہ کیوم یُس لکرِ دۄہ دراوان چھُ ۔ ۲۔ توملہٕ کیوم ۔ ۳۔ (وُرگہٕ) سُہ مرض یُس کٲنسہ اَندری اَندری کھیہ ۔ ۴۔ (وُرگہٕ) فِکر ، غم ۔

گھنا ۔ سُہ اَناج یتھ کیوم آسہٕ لوٚگمُت ۔

گھُن جانا ۔ کیوم لگُن ۔ سوسرُن ۔

گھُن چھڑنا ۔ لکرِ یتہٕ کیوم لگُن ، سوسرُن ، دۄدرٕنی ۔

گھُن کا کھانا ۔ کیوم لگُن ۔ سوسرُن ۔

گھُن لگنا ۔ ۱۔ اناجس کیوم لگُن ۔ لکرِ کیوم لگُن ، سوسرُن ، دۄدرٕنی ۔ ۲۔ غم اَندری کوٚرُن ۔ کانٛسہ فِکر یا پریشانی آسہٕ کھو اَندری اَندری سوسرُن ۔

گھُنی ہونا ۔ یتھ کیوم آسہٕ لوٚگمُت ، سوسریومُت دۄدریومُت ۔

گہن ۔ [ت: گ ہن ۔ مذکر ] ۔ ۱۔ گرٕہُن ۔ ۲۔ (وُرگہٕ) عآب ۔ داغدار ۔

گہنانا ۔ ۱۔ زوٗنہٕ یا آفتابس گرٕہُن لگنہٕ کِنہ گاشُن کم گژھُن ۔ ۲۔ چمک کانٛہہ اَنگ بیکار گژھُن ۔

گہن بھاری ہونا ۔ زوٗنہٕ یا آفتابک گرٕہُن پھیشل نیرُن ۔

گہن پڑنا ۔ زوٗنہٕ یا سِریس گرٕہُن لگُن ۔

گہن چھٹنا ۔ زوٗنہٕ یا سِریس گرٕہُن ژلنہٕ پتہٕ گاشس یُن ۔ گرٕہُن ژلُن ۔

گہن چھوٹنا ۔ زوٗنہٕ یا سِریس گرٕہُن ژلُن ۔

گہن سے چھوٹنا ۔ زوٗنہٕ یا سِریس گرٕہُن ژلُن ۔

گہن سے نکلنا ۔ زوٗنہٕ یا سِریس گرٕہُن ژلُن ۔

گہن لگنا - ۱. ڏوهه يا سري ليس گرهڻ لڳڻ. ۲. رسوائي ٿيڻ. بدنامي هئڻ داغ لڳڻ. ڌبو لڳڻ.

گہن میں آنا - ۱. ڏوهه يا سري ليس گرهڻ لڳڻ. ۲. گرهڻ مٿ لڳڻ.

گہنی - سو گاوس گرهڻ مٿ لوگمت آسر.

گھن - [ت. گھن.] - ڪهڙن. نفرت.

گھنانا - ڪهڙن. نفرت ٿي.

گھن آنا - دے گرهڻ. ڪهڙن. نفرت گرهڻ.

گھناونا - ڪهڙون. ليس ڪن وچيتن دے گرهڻ. يثيمي پيشن نفرت گرهڻ.

گھن کرنا - ڪهڙن. نفرت ڪرڻي.

گھنونا - ناپاڪ. ڪثيف. پرگهر ڀيڻيم دے گرهڻ. يتا ڪسريتن ڪرڪي زر.

گھنوناپن - ڪثيف ته گند ڪت. ڀڻن ڪنڍڻ سيتي گهر آسر.

گھنونا کرنا - ڪا شهه چيز مردار، گندي، ڀوڪر ڪرڻ.

گھنیانا - ڪا شهه گند چيز ڪهڙن، دے گرهڻ. نفرتن آٿرهڻ.

گھنیائی - گند چيز، ڪثيف چيز، پرگهر

ڀيڻيم دے گرهه.

گہنا - [ت. گہ نا.] ۱. زيور، هڻه هند، يا روپه سوند چيز. گهنه. جاداد. ۲. گرهڻ لڳڻ. ۳. ناو ڏٿه ديڻ. ۴. رڻڻ. تشبيه ڪرڻي. ۵. چوڪچاو سان ڪا شهه ڪام ڪرڻي.

گہنا بڑھانا - (ناني تژوومت). جاداد ڪاڍن، زيور ڪڍن، گهنه ڪڍن.

گہنا پاتا - گہنه پاته. جاداد. بيٿر، زيور بيتر. زناڻه هندي وس، هڻه روپه وس. گہنه جاداد.

گہنے - زيوراتھ. وارياه وس، جاداد. گہنه. هڻه وس.

گہنے پاتے سے درست ہونا - گہنه پاته ڏنگر ته ڪا شهه ڪمي آهن. سيٺاه هڻه وس آهن.

گہنے کا تار باقی نہیں - (هڻه) وسته ڏنگر ته ڪا شهه ته ڪجهه آهن.

گہنے میں لدا ہونا - گہنه سيتي ولٺه آهن. هير بهن گہنه لاڳينه آهن.

گھنا - [ت. گھن نا.] - اندري ٿهون دول.

کپنہٕ دٕر۔

**گھناپن۔** کپنہٕ رٹُن۔ اَندری تھوٗن۔

**گھونٹ۔** [ت۔ گھنٹ]۔ سہ گانٹھ یوسہٕ ہُسی تُس گرٕ دنہٕ اَویزان ترٛاوان چھہٕ۔

**گھنٹا۔** گرٕ با گانٹھ یوسہٕ (توکنہٕ دٕہرٕ ستی) وایان چھہٕ۔

**گھنٹال۔** گرٕ، گانٹھی یوسہٕ وایان چھہٕ۔

**گھنٹوں۔** گاڈٕ۔ زیٛرہ۔ واریاہن گانٹھن۔

**گھنٹہ۔** ۱۔ سہ گانٹھ یوسہٕ ہُسی تُس بیتر گرٕ دنہٕ نٲلی چھہٕ ترٛاوان۔ ۲۔ ساتھ، سہ بٕڈ گرٕ یوسہٕ لَبہٕ لاگان چھہٕ۔ ۳۔ شیٹھن منٹن ہنٛد وَق۔

**گھنٹہ بجانا۔** ۱۔ گانٹہٕ وایُن۔ گانٹھی وایُن۔ گانٹھی توکنہٕ دَب ترٛاوُن۔ ۲۔ ساتک گانٹہٕ پتہٕ گانٹہٕ وَزُن۔

**گھنٹہ بھر۔** ... گھنٹس ... گانٹھ تام۔

**گھنٹہ گھر۔** سُہ تھوٚد ٹاوَر یتہٕ پیٹھ بوٚڈ گُلاک چھہٕ آسان۔

**گھنٹہ ہلانا۔** ۱۔ گنٹا وایتھ توٚزاپاٹھ گژھُن۔ ۲۔ (ہرگاہ پاٹھ) وَقہٕ راوُن۔ ۳۔ ... گنڈُن۔ بیکاری ... کانُہ ...

بےٚ فائدٕ کام کرنی یتہٕ وَق نیر۔

**گھنٹی۔** ۱۔ لوکٹ گانٹھ۔ ۲۔ کنہٕ داٛنتک لوکٹ بانہٕ۔

**گھنٹے مور چھل سے اُٹھانا۔** کانٛہ بُڈ شخص جنازٕ بُڈ دُم دامہٕ سان باجہٕ بیتر ترٛاوِتھ تُلُن۔

**گھنڈی۔** [ت۔ گھنڈی۔ مؤنث]۔ ۱۔ تن ٹوٗپ۔ کپرس وٕٹھمُت یا بنومُت بوٹُن۔ ٹوٗپ پھوٗل۔ ۲۔ دان ہلمے۔ دال ڈکھس دراونٛ ہاے۔ ۳۔ واوجہٕ ہنٛد ٹوٗپ۔ ۴۔ بَبہٕ ٹینٛونٛڈ۔

**گھنڈی لگانا۔** تن ٹوٗپ کاجس منٛز ترٛاوُن، تارُن۔

**گھن چکر۔** ۱۔ گردش۔ پھیر۔ چکر۔ ۲۔ آوارٕ وٕتہٕ وٕتہٕ پھیرن وول۔ دربدری۔ ۳۔ بےعقل۔ بیوقوف۔ احمق۔ ۴۔ اکھ آتشبازی یوسہٕ زالنہٕ وِزِ چکر چھہٕ کران۔ ۵۔ گگلہ افتابہٕ۔

**گھن چکر میں آنا۔** کنہٕ بلایہٕ منٛز، مصیبتس منٛز ولنہٕ یُن۔ دٔکھ پیوُن۔ ہینہٕ یُن۔

**گھن سیام۔** ۱۔ سیاہ اَبر۔ کرٕہن اَبر۔ ۲۔ شری کرشن جیہٕ سُند لقب۔ ۳۔ سیاہ فام۔

کٔرہنہٕ رَنگُک۔ کرٔہُن۔

**گھنگچی۔** اکہِ قسمُک سٕہ رَنٛگ دانہٕ یتھ ٹیوٹھ رِسیاہ چھُہ آسان۔

**گھنگرالے۔** وٲنکھ دارٕمس۔ وُردارٕمس۔

**گھنگرج۔** [ت۔ گھن گرج۔]۔ ۱۔ وُزملہٕ گگرایہ۔ ۲۔ گوٚب، وَزنی۔

**گھنگرو۔** [ت۔ گھُن گرو۔ مذکر]۔ ۱۔ اکہِ قسمُک شرٕ نیل زیوٗر۔ ۲۔ رونہٕ۔ ۳۔ کھرٕ ول کھرٕ ول، سہٕ آواز یُس بلغمہٕ آسنہٕ کِنۍ یا زُوکھسَن وِزِ ہٕٹس گژھہِ۔ ۴۔ شُرِ بن ہُند اکھ شُرٕ نیل زیوٗر۔

**گھنگرو باندھنا۔** ۱۔ گوڈُن رونہٕ لاگنہٕ۔ نژنٕچ تیاری کرٕنۍ۔ ۲۔ نژنَس مَنٛز ژاٹھ آسُن۔

**گھنگرو بجنا۔** ۱۔ رونہٕ وَزنہٕ۔ رونہٕ بن شرٕ نۍ گژھن۔ ۲۔ زُوکھسَن وِزِ یا بلغم آسنہٕ کِنۍ ہٕٹس کھرٕ ول کھرٕ ول گژھن۔

**گھنگرو بند بھائی۔ گھنگر بند بھائی۔** یہِ چھُہ (نژن واجینَن ہِندِ) شُرِ نژن تہٕ گیوَن وِزِ اکھ اَبہٕ وَنان۔

**گھنگرو بولنا۔** ۱۔ رونہٕ وَزنہٕ۔ ۲۔ زُوکھسَن وِزِ یا بلغم آسنہٕ کِنۍ ہٕٹس کھرٕ ول کھرٕ ول گژھن۔

**گھنگرو سا لا ہونا۔** ہیٚرِ پیٹھہٕ بوٚن تام بَرِتھ آسُن۔ (گُل میوٕ ہٕ ستی) بَرِتھ آسُن۔

**گھنگرو لگنا۔** ۱۔ رونہٕ وَزنہٕ۔ ۲۔ زُوکھسَن وِزِ یا بلغم آسنہٕ کِنۍ ہٕٹس کھرٕ ول کھرٕ ول گژھن۔

**گھنگرو ہونا۔** گُل یا رُکلچ لَنڈ میوٕ ستی بَرِتھ آسنۍ۔

**گھنگریا۔** اکہِ قسمُک لوٗکُٹ بزار یُس شُرِ چھِ لاگان۔

**گھنگلنا۔** چھَلُن۔ صاف کرُن۔ پاک کرُن۔

**گھنگولنا۔** ۱۔ اتھہٕ ستی چھوٚکھ گنڈُن۔ ۲۔ چھوٚکہٕ ناوُن چھونچہٕ دیُن۔ ۳۔ چھرِ (یڈ منٛز) تراوِتھ پھِرِ ناوٕنۍ، وَر دیُن۔ ۴۔ (اورگہٕ) تلگھ پیٹھ کرُن۔ ساماہ اوٕ یور چھکراوُن، چھلہٕ چھانگر کرٕنۍ۔

**گھنگھنانا۔** ٹینٛہ رہٕ ح، چرٕ نٛچ بیتھِرِ چلنٕچ آواز۔

**گھنگنی۔** سٕتھ ومت اناج۔

**گھنگنیاں منہ میں بھر کر بیٹھنا۔** (اورگہٕ) خاموش روزُن، ژھہ پیٚر کرٕنۍ۔

**گھنگھور گھٹا۔** ۱۔ کھوژِ وٕنۍ اَنہٕ گٔٹ۔ مہیب راتھ۔

سٟخ گٹہٕ، اَنہٕ گوٗٹھ۔ ۲۔ سیاہ اَوٗبُر۔
سٟخ اَوٗبُر۔ بیٖم ناکھ اَوٗبُر۔

**گھنگھور گھٹا چھانا۔** اَوٗبرٕ گٹہٕ ساری سے
نَبس نال وٕلِنۍ۔

**گھنگھور لڑائی۔** سٟخ خوٗنرێز لڑائے۔
مارٕ مار۔ سو لڑائے یتھ مَنٛز داریاہ مارٕ
گژھن۔

**گھنگھور نشہ۔** تیز نَشہٕ۔

**گھنی سادھنا۔** ژاٚنتھ ماٚنتھ ژھوٚپہٕ کرٕنۍ، ژھوٚپہٕ
لاگِنۍ، جواب نہٕ دِیُن۔

**گھنی مُسمی۔** مَکار زنانہٕ۔ ژھلہٕ گر، بے وفا،
دوٚنکہٕ باز (زنانہٕ)

**گھنیرا۔** گوٗن گُل۔ کلیٚگ گنبر۔ سُہ کُل یتھ
سیٹھاہ ژٚد لَنٛجہٕ آسن۔

**گھوا۔** [ت : گہہ وا۔ ھ۔ مذکر]۔ لارٕتھ گژھن۔

**گھُوا** [ت۔ گُہ وا۔ مذکر]۔ ۱۔ اکھ کیوٚم یُس
سٕریٚہہ دار زمیٖنس مَنٛز چھُ آسان۔
بُمبہٕ سِنۍ۔ ۲۔ ژکٲنۍ پھمب۔

**گھُوآ۔** وُچھو "گھُوا"۔

**گہوارہ۔** [ت : گہوارہ۔ ف۔ مذکر]۔ اَنٛگنٕل۔
۲۔ اکھ میٖتھراہ دار چارپاے یتھ مَنٛز
زنانہٕ ہُنٛد جِناز چھِ نوان۔

**گھواں رنگ۔** ۔ گنکہٕ رنگ۔

**گھوپا مارنا۔** ژاددر کلہٕ پیٹھ وٕلِنۍ۔

**گھوپنا۔** [ت۔ گھوپ نا"]۔ (چھُری) اَژنۍ،
زخم دِنۍ۔ (سٕرنہٕ بیتر ہُنٛد) اَژُن،
اَنٛدر ژُھن۔

**گھوٹ۔** [ت : گھوٹ۔ ھ۔ مؤنث]۔ پالش۔

**گھوٹا۔** [ت۔ گھوٹا۔ مذکر]۔ ۱۔ موہرٕ، پلیٹ۔
روشن۔ پالش کرنٕک اکھ اوزار
(کاکذس)۔ ۲۔ کھور سیتی مَس یا
رلیش کاسُن۔

**گھوٹنا۔** ۱۔ رلاوٕنۍ۔ تیز راوٕنۍ۔ ۲۔ موہرٕ دِیُن
(کاکذس)۔ روشن کھارُن۔ ۳۔
رٹہٕ گژھنہٕ (پران پران) ۴۔ ہوٹ چیرُن۔

**گھور۔** [ت : گھوٗر۔ س۔ مذکر]۔ ۱۔ گنٛدگی۔
کثافت۔ غلاظت۔ ۲۔ کھوژُن۔
خوفناکھ۔ بیٖم ناکھ۔ ۳۔ بوٗرتھ رنگ
دکہٕ ژھنُد یا گروُ ژھُند) ۴۔ ژینتھ
وُچھُن۔ ژٕرتھ وُچھُن۔

**گھوراگھاری۔** ۱۔ دارٕ وُچھُن۔ ژٕرتھ وُچھُن۔
۲۔ لولہٕ ہُرد چشمو وُچھُن۔ لولہٕ نظرو
وُچھُن۔

**گھوراندھیر۔** ناژھُندانہٕ گوٗٹھ۔ سٟخ گٹہٕ۔

گھور کے دیکھنا۔ ٹسنِتھ وُچھُن۔ دُرِتھ وُچھُن۔

گھور گھور کے دیکھنا۔ ٹسنِتھ وُچھُن۔ بار بار وُچھُن۔ غورِ سان وُچھُن۔ دارِ وُچھُن۔ دُرِتھ وُچھُن۔

گھورم گھارا۔ دِیانہٕ سان وُچھُن، پوٗرِ ٹسنِتھ وُچھُن۔

گھورنا۔ دُرژُن۔ نظر تھوٚنِ۔

گھورے کے دِن پھِرنا۔ رِتی دوہ ییٚنِ۔ نصیبہٕ بیدار گژھُن۔

گھورا۔ [ت۔ گھوٗرا۔ مذکر]۔ سُہ سایہٕ دار جاے یوس گبرِ راچھِ جانورن ہندِ خاطرِ بناوان چھِ۔

گھورا۔ [ت۔ گھوٗرا۔ م]۔ ۱۔ گھیلود۔ ۲۔ ہُٹھ ڈیر۔ ۳۔ ژھوٚٹھ۔ گندگی ڈیر۔

گھوڑا۔ [ت۔ گھوڑا۔ مذکر]۔ ۱۔ گُر۔ بچھیرِ۔ ۲۔ شطرنجک اکھ موہر۔ ۳۔ ٹرِگر (بوٚندوٗکُک)۔

گھوڑا اُٹھانا۔ گُر دوٚرِناوُن۔

گھوڑا اُڑانا۔ گُر وُڈِناوُن۔ گُر وُدہٕ ٹہٕ تراوِناوُن۔

گھوڑا اَڑنا۔ گُرِ ہِنز ہوڑ کرِنی، اَکِس جایہٕ روزُن، برُونٹھہ نہٕ پکُن، قدم نہٕ کڈُن۔

گھوڑا اُلانگنا۔ نوٚوِس گُرِس گوڈنیچہ لٹہٕ سوٗاری کرِنی۔ کھٔتہٕ کڈُن۔

گھوڑا اُلٹنا۔ دشرارتس منزا) گُری سُند لرِ پھِرُن دیُن، پان تراوُن۔

گھوڑا بڑھانا۔ گُر برُونٹھہ پکِناوُن۔ گُر برُونٹھ اَنُن۔

گھوڑا بڑھ جانا۔ گُر برُونٹھہ گژھُن۔ گُر برُونٹھہ نیرُن۔

گھوڑا بیٹھ جانا۔ گُری سُند سخ تھکُن، تھکنہٕ کِنی وُستنخانہٕ اَلگ اَلگ آسنی، لرِ لرِ تھکُن۔

گھوڑا پالانا۔ گُرِس کاٹھی کرِنی۔ زین کرُن۔

گھوڑا پائے پر چڑھانا۔ ٹاس تراونہٕ باپتھ بوٚندوٗقس ٹرِگر ہیٚور کھارُن۔

گھوڑا پھیرنا۔ گُر پھِرُن، بیٚیِس طرفس کُن موڑ گرناوُن۔

گھوڑا پھینکنا۔ گُر کُنہٕ پتھ دوٚرِناوُن۔

گھوڑا چراغ پا ہونا۔ گُرِس شرارتھ کھسُن، ہوڈ کرِنی۔

گھوڑا چڑھانا۔ گُر دباوُن (بندوٗقُک)

گھوڑا چمکانا ۔ گُرِس زیر دِنۍ ۔ گُر تیز پھِرن
دورِ ناوُن ۔ گُر دباوُن ۔ گُرِس کھور کرِنۍ ۔

گھوڑا چھوڑنا ۔ ۱۔ گُرِ لاگنہٕ باپتھ گُر ترٛاوُن ۔
گُرِ نہٕ گُر ترٛاوُن ۔ ۲۔ گُر دورِ ناوُن ۔
۳۔ گُر یلہٕ ترٛاوُن ۔ گُرِس نہٕ راسہٕ ہِنز
پابندی تھٲوِنۍ گُر پنٕنہِ مرضی پیٹھ ترٛاوُن
۴۔ ٹانگس بنِنہِ جورو ہمت گُر ترٛاوُن ۔
۵۔ گُر ناداں ترٛاوُن ۔ گُر گاسہٕ
ہیُچ کھینہٕ باپتھ یلہٕ ترٛاوُن ۔

گھوڑا چھیڑنا ۔ گُرِس کھور کرِنۍ ۔ گُر تیز راوُن ۔

گھوڑا داغ ہونا ۔ گُرِ سوارَن منٛز
غلامہٕ سُند گُرِس داغہٕ دِنہٕ چھ آسان ۔

گھوڑا دوڑانا ۔ گُر وُزِتھ دورِ ناوُن ۔

گھوڑا دینا ۔ گُرِ نہٕ لاگنہٕ باپتھ گُر ترٛاوُن ۔

گھوڑا ڈالنا ۔ ۱۔ گُر یلہٕ ترٛاوُن ۔ گُر پنٕنہِ
مرضی پیٹھ ترٛاوُن ۔ ۲۔ گُر گُرِ پتھ
دورِ ناوُن ۔

گھوڑا ران کے نیچے ہونا ۔ گُرِس کھسِتھ
آسُن ۔ گھُس گِنِتھ گُر آسُن ۔ ژونہٕ
تَل گُر آسُن ۔

گھوڑا کُدانا ۔ گُر وٕٹہٕ تُلناوُن ، تیز
دورِ ناوُن ۔

گھوڑا گڑگڑانا ۔ گُر وُزِتھ دورِ ناوُن ۔
گُر واریاہ تیز پکہٕ ناوُن ۔

گھوڑا کسنا ۔ گُرِس زین کرُن ۔ گُر سوارِ
خاطر تیار کرُن ۔

گھوڑا گدگدانا ۔ گُرِس کھور کرِنۍ ۔ گُر تیز
دورِ ناوُن ۔

گھوڑا مارنا ۔ گُرِس کھور کرِنۍ ۔ گُر دورِ ناوُن ۔

گھوڑا نکالنا ۔ ۱۔ گُر ٹانگس لاگنُک جورِ ہُن
گُر کھتہٕ کڈُن ۔ ۲۔ گُر بڑو تہٕ پکہٕ ناوُن ،
کڈُن ، دورِ ناوُن ۔ ۳۔ غوشہٕ پکہٕ
دِہ ہِہ جولوٗشس ستی گُر کڈُن ۔

گھوڑ چڑھا ۔ گُرِ سوارِی زانَن وول ۔
گُرِ سوار ۔

گھوڑ چڑھی ۔ تُفنگہٕ یُس گُرِس پیٹھ
اَدرِ یورِ ہیہٕ یوان چھُ ۔ سو ٹینک یُس
گُرِ رِیڈس پیٹھ آسان چھُنے ۔

گھوڑ دوڑ ۔ گُرِ دور ۔ گُرِ ریس ۔

گھوڑی ۔ ۱۔ گُر ۔ کھارٹ ۔ نادی یا زی ۔ ۲۔
سیمنٹہٕ بناونک اکھ سامانہٕ ۔ ۳۔ تُس
لکڑِ ہِند یتھ تار چھ سیٹزرادان ۔ ۴۔
ٹی پارے یتھ پیٹھ کپر چھ ترٛادان ۔ ۵۔
شرہٕ بَن ہُنٛد اکھ گِنڈُن ۔ ۶۔ باٹنٛس

کوڈمت اَندرِ ئم تہٕ ہیچہٕ ٹکریُس خَتُن
ہال گرُنس لگان چھُ۔

گھوڑے۔ "گھوڑا" لفظُک جمع۔

گھوڑیا۔ گرُی سُنُد ماد۔ گُرٕ۔ مادی یُا ژر
کھارٹ۔

گھوڑبال۔ اَکھ گیٹ یُس زُناہ کھاندرس
بیتر پپٹھ گیوان چھے۔

گھوڑے بیچ کر سونا۔ کام مو کلاوِتھ،
فارِغ گرِتھ بےغم شونگُن۔ کھور
وُہرِتھ نیٚندرِ تراوٕنی۔

گھوڑے جوڑے کی خیر۔ تُہی باژرِ تہٕ
تُہنٛد کھُس گرٕ اَسن سلامتھ۔

گھوڑی چڑھانا۔ بائُسس اَندرِ کٕڈنہٕ
آمتہٕ ہیچہٕ ٹکرِ سُنٛز خَتُن ہال کرٕنی۔

گھوڑے چڑھائی۔ گرُس کھارُن، یہ چھ
خَتُن ہاج شُرِس بلٕنہٕ پتہٕ مُسجِدِ نام یا
آستانُس تام گرُس پپٹھ نوان۔

گھوڑی چڑھنا۔ ۱۔ خَتُن ہال کرِتھ بلٕنہٕ
پتہٕ شُرٕ گُنُن آستانُس پپٹھ شکرانہٕ کرنہٕ
پرٛژھو نیُن۔ ۲۔ خَتُن ہال کرٕنی، سُنّت
پالُن۔ ۳۔ گرُس کھُسُن۔ کھاندر سپدُن۔
نہ اَز بُنیتہ گرُس کھُسُن۔

گھوڑے دوڑانا۔ (ورگہٕ پاٹھی) سَخ کوشش
کرٕنی۔ سیٹھاہ زور کرُن۔

گھوڑے سوار۔ ۱۔ گُرُی سوار۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی)
جلد باز۔ باژبری۔

گھوڑے سواری۔ گُرِی سوآری۔

گھوڑے کو رولیں ڈالنا۔ گُرٕ رہوار
پکہٕ ناوُن۔ گُرٕ اکی ڈَنجہٕ پکہٕ ناوُن۔ گُرٕ
اکِ سے رفتارس پکہٕ ناوُن۔

گھوڑے کے دانت کی سیاہی۔ گُرِی
سُنٛدِن دَندن ہُنٛز سیاہی یتھ کِنہٕ
اُمرِ سُنٛز واٹس نشان چھے۔

گھوڑے کی شادی کرنا۔ گُرٕ کٕنُن۔

گھوڑے کی گردنی۔ تھوٚد گُرٕ۔ قد آور گُرٕ۔

:- لُکہٕ کتھ :-

گھوڑا دانے یا گھاس سے آشنائی کرے
گا تو کھائے گا کیا۔ یہ چھ تمہٕ وِزِ وَنان
ییلہٕ کانہہ مینچنتھ موزوری کرِتھ اُجرتھ
رٹہ نہٕ۔

گھوڑا گھاس سے آشنائی کرے تو
بھوکا مرے۔ تہٕ ڈیتہٕ گو: موزورِ ہُنٛز
جاہ چھنہٕ لحاظ، مینچنتھ مشقتھ کرِتھ اگر
موزورِ ہُنٛد پرواگری رِ تہٕ تیلہٕ چھنہٕ گُزارِ

چلان۔ دوہ نیر تیلہِ ییلہِ مژزور گرتھ
مادفہِ تَر۔

**گھوڑا گھڑسال ہی میں قیمت پاتا ہے۔**
تہِ دپتھ گو: پزتھ کانہہ چیز چھ پننہِ
جایہِ مول تھوان۔ م: تھانس مول
وانس پیٹھ۔

**گھوڑوں راج بیل اناج۔** تہِ دپتھ گو:
فوجہِ سیتی چھے حکومت تہِ زمین
زراعتہِ سیتی چھ اناج۔

**گھوڑوں کو گھر کتنی دور۔** کام زانن یا
کرن والس، میہنتھ کرن والس
نش چھے پزتھ کانہہ کام آسان۔

**گھوڑے کو ٹنگ اور مرد کو بنگ۔**
تہِ دپتھ گو: عاقلس چھ اِشارہ کافی۔

**گھوڑے کو ٹانگ اور مرد کو بانگ**
وچھو "گھوڑے کو تنگ اور مرد کو بنگ"۔

**گھوڑے کو لات اور آدمی کو بات۔**
تہِ دپتھ گو: عاقلس چھ اِشارہ کافی۔

**گھوڑے کی دم بڑھے گی تو اپنی ہی
مکھی اڑائے گا۔** تہِ دپتھ گو: پزتھ کانہہ
چھ ترقی پراونتھ پننی فایدہ کانچھان۔

**گھوڑے گھوڑے لڑیں موچی کا زین ٹوٹے**
تہِ دپتھ گو: زوراورن ہندِس لڑایہِ منز
چھ کمزورس ہرمُر زکھ واتان۔

**گھوڑے گئے گدھے کا راج آیا۔** م:
وہتھ ہو چھ ہنسر گژھ یِہ۔

**گھوس۔** [ت: گھوس: مؤنث] ۱۔ اگونس۔
گگرچالہِ اکھ جانہ ور۔ ۲۔ رشوت۔

**گھوسدان۔** گگر ژھلس ہیوہ اکھ پنجرہ
یتھ منز گونس ژھلس چھ لگان۔

**گھوسن۔** [ت۔ گھوسن۔ مونث]۔ (مسلمان)
گوژ باے، دودھ کنن واجین۔

**گھوسی۔** مسلمان گور، دودھ کنن وول،
دودھ گور۔

**گھولا۔** [ت۔ گھولا۔ مذکر] ۱۔ آبس منز رلاوتھ
اُفیم۔ اُفیمہِ وودنی۔ ۲۔ (مؤنث)
اکہِ قسمِچ گاڑ۔ اکھ گاڑ ذاتھ۔

**گھول کے پلانا۔** ۱۔ تادوِز بیتر آبس منز
چھلتھ چاون۔ ۲۔ (ورگہ) کانسہ سہل
طریقہ تالیم دنی۔

**گھول کے پی جانا۔** کانہہ بے قدرتھ بے
مول زانتھ نابود کرن، ہضم کرن،
نادنہ تمہ نشہ کنہ تھون، گال کھاتس
تراوُن۔

گھول گھال کے۔ (تاوِیزِ بیترِ ج) میل
آبس منز پھلِتھ، آبس سیتی رلاوِتھ،
آبس منز حل کرِتھ، آبس منز گالِتھ
گھولم گھالا۔ ۱۔ آبس سیتی رلاوِتھ، حل کرِتھ
اُفینی۔ ۲۔ کُنہ مُشکلس منز پھسُن۔
گھول میل۔ رلُن میلُن۔ میلن گیلُن۔
میلہ بلاپ۔
گھولنا۔ ۱۔ آبس سیتی رلاوُن، حل کرُن۔
گھولوا۔ ۱۔ آبس سیتی رلاوِتھ، حل کرِتھ اُفینی۔
۲۔ کنتر یُو بانہ یتھ منز تریش چوان
چھ۔ ۳۔ کُنہ دوٗیک عارق۔ ۴۔ رس۔
شوربہ۔ ۵۔ پھرِ پھرِ کُنہ کتھِ ہُند
ذکر سپدُن۔
گھولوا پڑنا۔ کُنہ کامہ منز دِقت یِنی،
ٹھونٹھو یِنی۔
گھولوا گھولنا۔ ۱۔ آبس منز چھوکھ دِتھ
توٗن بناوُن۔ آب ہیوٗہ بناوُن۔ ۲۔
اُفینی آبس سیتی حل کرِنی۔ ۳۔ کُنہِ
مالمس منز ڈیچر تراوُن۔
گھولے میں پڑنا۔ تندرن ہگمُت،
پریشان گژھن۔ کُنہ کامہ منز ہینہ
نہ یُن۔

گھولے میں ڈالنا۔ آوِلنس منز تراوُن۔
ٹال مٹول کرُن۔ ٹلی ہُتہ یوٗت، لٹہ
پوٗنز کرناوُن۔
گھوم۔ [ت: گھوم۔ ۵۔ مؤنث] ۔ ۱۔ چکر۔
پھیر۔ ۲۔ اکھ شُری کھیل۔ گیپر بچہ۔
گھومانا۔ ۱۔ چکر کرناوُن۔ پھرناوُن۔ اور یور
کرناوُن۔ ۲۔ پریشان کرُن۔ وَتھ راورِنی۔
گھومنا گھومتا۔ پھیران پھیران۔ پھیرِتھ
تھورِتھ۔
گھوم جانا۔ دوٗرِ نیٖرِ یُن۔ دوٗر گژھنی۔
گھوم گھام۔ ۱۔ ہُرمُر پھیرُن۔ وَتہ وَتہ پھیرُن۔
۲۔ سہ وَتھ یتھ موڑے موڑ آسن۔
گھومنا۔ ۱۔ پھیرُن۔ چکر کرُن، دِین۔ اَندی
اَندی پھیرُن۔ ۲۔ گیوٗر یُن۔ چکر یُن۔
۳۔ وَتہ وَتہ پھیرُن۔ ۴۔ پھیرِتھ یُن،
واپس یُن۔
گھومنی۔ گیوٗر۔ چکر۔ آوِلُن۔
گھونپنا۔ [ت۔ گھونپ نا] ۔ ۱۔ واتل کہہ تارُنی۔
۲۔ تیز تہ نوکھل چھری بیتر بوڈِ دِنی،
ژھننی۔
گھونٹ۔ [ت۔ گھونٹ۔ مذکر] ۔ ۱۔ (آبہ) دام گول
نیوٗنا آب یوٗتا اکہِ وِز ہتہ ہون وَسہ۔

۲. تماکہ دام، کش۔

**گھونٹ اُتارنا۔** ترٛیشہِ دام یا چایہِ گۄل بیتر ہٹہٕ، ہربون والُن۔

**گھونٹ پی کر رہ جانا۔** سخ صبر کرُن۔ تاب کرُن۔ دُکھ ژاپھنہٕ۔

**گھونٹ پینا۔** ۱. ترٛیشہِ دام، چایہِ دام بیترِ چوٚن۔ ۲. تماکہ دام، سگریٹ دام چوٚن۔

**گھونٹ حلق میں اٹکنا۔** آب بیترِ رُکی رُکی گلہِ وسہٕ۔ گنڈ گژھنہٕ۔

**گھونٹ گلے سے اترنا۔** آبہ دام بیترِ ہیٚر بون وسُن۔

**گھونٹ گھونٹ پینا۔** دامہ دامہ چوٚن۔ گلہ گلہ چوٚن۔ وارہ وارہ چوٚن۔

**گھونٹ گھونٹ کر رکھنا۔** زورہ، مشکلن ژٹِتھ تھوٚوُن، پھیپر پھیپر سو مبرُن۔

**گھونٹ گھونٹ کر کے اتارنا۔** گلہِ گلہِ یا دامہ دامہ ہٹہ والُن۔ وارہ وارہ چوٚن، ٹھک گٹی گٹی چوٚن۔

**گھونٹ گھونٹ کر کے پینا۔** وچھو "گھونٹ گھونٹ کر کے اتارنا"

**گھونٹ گھونٹ کر مارنا۔** رٔژھ رٔژھ، وارہ وارہ زُو کڈُن۔ سخ عذاب کرُن۔ عذابس منز مارُن۔

**گھونٹ گھونٹ کے جان دینا۔** پیٚنتہ پیٚنتہ زُو دِیُن۔ سخ عذابس منز مرُن۔ لمرلمی زُو نیرُن۔

**گھونٹ لگانا۔** تماکہ دام چوٚن۔

**گھونٹ لینا۔** ۱. (آبہ) دام چوٚن۔ گۄل چوٚن۔ ۲. تماکہ دام چوٚن۔

**گھونٹنا۔** ۱. ہوٚٹ چیپرُن۔ ہٹس ٹھپھ کرٕنۍ۔ ۲. ریل اُنُن، جیپر اُنُن، تنگ کرُن۔ ۳. دامہ چوٚن۔ ہٹہ والُن۔

**گھونٹنا۔** [ت۔ گھونٹنا۔] ۱. رلاوُن، ملہِ ناوُن۔ چھوکھ دِیُن۔ چھونپ دِیُن۔ ۲. ہارِ سیتۍ پھش دِتھ کاگز پشل بناوُن۔ ۳. نیامہ منز ژیلُن، کھوٚلو دِیُن، گس دِیُن۔ ۴. بٔنیہ ته بٔنیہ وَنُن۔ یاد کرُن۔ وَنُن ته وَنُن، پھرِ پھرِ وَنُن۔

**گھونٹھ۔** [ت۔ گھونٹھ]۔ وچھو "گھونٹ"۔

**گھونس۔** [ت۔ گھونس]۔ ۱. مُش، لکہ، گمھاُلی۔ ۲. صدمہ، دوکھ، ناگہانی بلاے۔

**گھونسا۔** ۱. مُش، گمھالی۔ ۲. (ذورکہ پاٹھی) بوٚڈ دوکھ۔ بے خبر پاٹھو (صدمہ) واتُن۔

بے خبر بلا پہ۔

گھونسا چلانا۔ مُش لایِنۍ۔ ٹکھاکی لایِنۍ۔

گھونسا لگانا۔ ۱۔ ٹکھاکی لایِنۍ، مُش لایِنۍ۔
۲۔ دوگ لایُن، ییتھ ہرس تل وُنیومُت
میوٚنڈ بوٚن وَسہِ۔

گھونسا لگنا۔ (دُرگہٕ پاٹھی) بے خبر صدمہٕ
واتُن، دوٚکھ واتُن۔

گھونسا مارنا۔ مُش لایِنۍ، ٹکھاکی لایِنۍ۔
دوگ لایُن۔

گھونسم گھونسا۔ ٹکھالہٕ لڑایہ، سو لڑائے
ییتھ منٛز اکھ اَکس مُشہٕ لاینہٕ ین۔

گھونسلا۔ [ت: گھوٚنس لا۔ مذکر] ۱۔ آول۔
جانا وارن ہنٛد روزنہٕ جاے۔ ۲۔ پہر۔

گھونسلا نوچنا۔ اول لہراوُن۔

گھونگا، گھونگھا۔ [ت۔ گھوٚں گا۔] ۱۔ اکھ
آبی جانہٕ ور۔ ۲۔ ہار نول ۳۔ کاوٕشُپ۔

گھونگھٹ۔ [ت۔ گھوٚں گھٹ] ۱۔ نقابہٕ،
بُتھ پیٹھک چوٚنڈ۔ ۲۔ درواز ک
اَندرِیم دیوار۔ ۳۔ زوٗر۔ ۴۔ حیا۔
شرم۔ پردٕ۔

گھونگھٹ اُٹھانا۔ نقابہٕ تُلُن۔ بُتھہِ
پیٹھہٕ پردٕ تُلُن۔

گھونگھٹ اُلٹنا۔ نقابہٕ تُلُن۔ پردٕ
تھوٚد تُلُن۔

گھونگھٹ بڑھنا۔ نقابہٕ ووٚتھُن۔

گھونگھٹ دور ہونا۔ نقابہٕ نہٕ روزُن۔

گھونگھٹ کا پراغ دان۔ اکھ زیور

گھونگھٹ کاڑھنا۔ نقابہٕ ترٛاوُن۔ پردٕ
ترٛاوُن۔

گھونگھٹ کرنا۔ ۱۔ شرم کرٕنۍ۔ حیا کرُن۔
پردس تل روزُن۔ نقابہٕ ترٛاوُن، برقہٕ
دِیُن۔ ۲۔ گرٕ سٕنٛز گردن پوٚت پھرٕنۍ۔
۳۔ فوجک کم پایہٕ سپدُن، شکس کھیوٚن۔
لپا گژھُن،

گھونگھٹ کھانا۔ فوجک مُداناہ جنگہٕ منٛز
پوٚت پھیرُن، لپا گژھُن۔ کم پایہ
سپدُن۔ کمزور گژھُن۔

گھونگھٹ کی آڑ میں شکار کھیلنا۔
یہ چھ تس زنانہٕ متعلق کنان یوسہٕ
ییٚمبرزٕ نیٚمبرزٕ شرم دار تہٕ پاک آسنک
پاس دِیہ مگر ژُور ژُورِ آسہٕ بدکاری کران۔

گھونگھٹ کی دیوار۔ درواز اَندرِیم دیوار

گھونگھٹ لینا۔ نقابہٕ ترٛاوُن۔ برقہٕ
دِیُن۔ پردٕ کرُن۔

گھونگھٹ نکالنا۔ پرُدس تل روزُن۔
نقابہٕ تھوُن۔

گھونگھر۔ [ت۔ گھوں گھر]۔ ڈانگو وار مَس
گھونگھر والے بال۔ ڈانگو وار مَس۔

گھونگھی۔ [ت: گھوں گی۔ مؤنث]۔ ا۔ اکھ
اَبی کیوم۔ لَدرٕ اَندر ژیم کیوم۔

گھوئیاں۔ اکھ قسمہٕ تر کاری، سبزی۔ ہتھوا۔

گھِیے۔ [ت۔ گ۔ ہے۔]۔ گھیے۔ گاہ بتے گاہ۔
کُنہ کُنہ۔ کُنہ کُنہ ساتہٕ رگاہے گاہے۔

گھی۔ [ت۔ گھی۔]۔ ا۔ گیو۔ کاریتھ تھوُ۔
آمہٕ یا زامنتہ دوُدک کارِتھ ماتھُرن
یُس بگارس بتھر لگان چھُ۔ ۲۔ نرم
موم ہیوُہ۔ لوزُک۔

گھی اُٹھانا۔ گیو شوپراوُن، جذب کرُن۔

گھی چپڑنا۔ ژوچن گیو لاگُن، گیو ملُن۔

گھی داغ کرنا۔ گیو بگارُن۔

گھی کا لپا لنڈھنا۔ کانُسہٕ عہدس اُمیر
سُند یا حاکمہٕ سُند مرُن۔

گھی کڑ کڑانا۔ گیو بگارُن۔

گھی کھچڑی۔ ا۔ (دورگہٕ پاٹھو) سخ یارانہٕ،
یارزٕ، پانہٕ وانٕی ہلہ ژار۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھو)
پانہٕ وانٕی سخ ماٹی نال آسُن، سخ
یارزٕ آسنی، ہلہ ژار آسُن۔

گھی کے چراغ جلانا۔ سخ شادی یا نہٕ
کرُن۔ جشن کرُن۔

گھی کے چراغ جلنا۔ دِلُک مقصد پوٗرٕ
گژھُن۔ شادی سپدٕنی۔ خوشی سپدٕنی۔

گھی والا۔ گیو دول۔ گیو کِنن دول۔

گھی سنوارے سالنا بڑی بہو کا نام۔
نٕہ دِتھ گو: گیوس اگر نٕہ جان آسہٕ
تٕہ چھُ رَنن واجنہٕ ہندِس ناوس
کھسان۔ کام کرِ اکھ تٕہ ناوس
کھسہٕ بییس۔

گھی کہاں گیا کھچڑی میں۔ پہ تمہٕ وِزٕ
وُنان یٕہ بیلہٕ پانس کانہہ نوقصان واتہٕ
یہ میٹک فائد دوپرن واتہٕ۔

گھی گر پڑا مجھے روکھی بھاتی ہے۔ یہ تیہٕ
یُژ مجبوُر آسنہٕ کنی تٕہ خجالژ کنی
باس نٕہ دِنہٕ وِزٕ وُنان۔

گھیا۔ ا۔ کاشر زیٹھ اَل۔

گھیاتری۔ اکھ قسمہٕ توریلہٕ۔

گھیاکش۔ اَلن رَس کڈنک اکھ
سامانہٕ۔

گھیاں۔ اکھ قسمہٕ ترکاری۔

گھیاں چھیلنا۔ اَرٕ سَر کرُن۔ بیٚلہِ وَق ضایہ کرُن۔

گھیپنا۔ ہِلہِ ناوُن۔ رَلاوُن۔ حَل کرُن۔

گھیتلا۔ پٲزار، یتھ نَس پیٚٹھ چھُ آسان۔

گھیر۔ ۱۔ چکر۔ ۲۔ دٲیرٕ۔ آلہٕ کرٕ ٹنڈُل۔ ۳۔ بیٚزار چ یا پیشواز چ ٗمر، گیرٕ۔

گھیر۔ یہ چھُ نوارٕ ہرٕ رِتھ پلنگس کیٚنہ اَوٗلِ فرش ترٛاوان، یتھ زَن کانٛہہ بیٚنہ خبر پاٹھی اَکھ پیٚٹھ بیٚہہ وُنے وُسی پیٚنیہ۔ تُم! زٕ رس ترٛام نگیہ۔

گھیر دار۔ کھوٚل۔ ڈیوٚل۔ کُشادٕ۔

گھیر ڈالنا۔ پلو، پوشاکھ گیرٕ ترٛاوِتھ کھُلہٕ کرُن۔

گھیر گھار۔ ۱۔ نالی پلوٗک ڈیٚبجرِ تہٕ گھجر۔ ۲۔ پابندی۔ ۳۔ گیرٕ۔

گھیر گھار کر۔ گیرٕ ترٛاوِتھ، کرِتھ۔ اَندی اَندی زٕ دٕ شوِے طرفو گھیر اوتھ۔

گھیر گھار کرنا۔ مجبوٗر کرُن۔ گیرٕ ترٛاوُن۔ اَندی اَندی سٕمتھ یُن۔

گھیرا۔ ۱۔ دٲیرٕ۔ آلہٕ کرٕ ٹنڈُل۔ ۲۔ ڈنڈرٕ، کنارٕ۔ ۳۔ گیرٕ (کرُن)۔ اَندرٕ اَندی یُن۔ ہمہ سو چار یاد یتھ نہٕ لو ار آسہٕ پٔد نہتھ۔

۵۔ ٹھوسہٕ ٹھوس۔ جنجالہٕ۔

گھیرے گھیرے متانا۔ اَندی اَندی رٹھ، آکو دِتھ مَنہٕ ناوُن، راضی کرُن۔

گھیرا۔ [ت گ ہیرا۔ ھ۔ مؤنث] ۱۔ اَکھ میٚٹھر رنگہٕ زہریلہٕ کیوم یُس ٹیٛر پاٹھی جنگلَن یا کھنڈرَن منٛز اوٚل چھُ بناوان۔ ۲۔ اَکھ زہریلہٕ کُل۔

گھیرنا۔ ۱۔ گیرُن۔ وَتھ رٹھنی۔ بنٛد کرُن۔ ۲۔ چار دیواری دِنی۔ اَندی اَندی جنگلہٕ بناوُن۔ پنجرٕ بَرُن دِنی۔ ۳۔ گیر کرُن۔ اَندی اَندی سٕمتھ یُن تہٕ رٹُن۔ ۴۔ رٹُن، بنٛد کرُن۔ ۵۔ پتہٕ روزُن۔ مجبور کرُن، ییل اَنُن۔ ۶۔ (ووگرہٕ) کانٛسہٕ یتھ منٛز گرٛژھُن۔

گھیل۔ بے ہوٗدٕ انسان، ناقابل تہٕ بے کار انسان۔ نالگہٕ ہار تہٕ ناکارٕ چیز۔

گھینٹا۔ [ت؛ گھینٹا۔ ھ۔ مذکر] سور بچہ۔

گھینگھا۔ ہٹیک اَکھ مرض یمِہ سیتی ہٹس ہنبر کھسان چھُ۔

گھینگھا نکل آنا۔ ہٹس وَرم کھسُن، بیمار دِپنی۔

گھینگھا ہو جانا۔ ہٹس وَرم کھسِتھ بیمار پینی۔

گھیور۔ اَکھ مِٹھاے یوس گیوس تہٕ مازَس
تُلِتھ بَناوان چھِ۔

گئو۔ [ت: گیو۔ مؤنث]۔ گاو۔

گئو دان۔ گیئو دان کرُن۔ خیرات کرنہٕ۔
گاو خوداے سندِ ناوِ آزاد کرنہٕ۔

گئو رس۔ دوُد۔ گرُس۔

گئوسالہ۔ گئوشالہ۔ گاو تھونِنہٕ جاے۔
گاوشالہ۔ گان۔

گئوشالہ۔ وچھو "گئوسالہ"۔

گئو گھاٹ۔ دریاوچ تہٕ تلاوچ سہ
جاے یتہٕ چار واین ترٛیش چاوان چھِ۔

گئو ماتا۔ گاو موج۔ یہ چھِ ہیٛنٛد گاوِ یزتہٕ
بڑھو دنان۔

گئو مکھی۔ ۱۔ نمہِ بہ مال تھونہٕ یا یتھ بناتھ
گوٗ تھج۔ بناتی گوتھج۔ ۲۔ کوہ ہمالیہ کہ
اَکہ ہیِنتا لیک ناو یتہٕ پیٹھ گنگا
نیران چھےٚ۔

گئو ہتھیا۔ گاو مارنک گونہہ۔

گی۔ حاصلِ مصدرٕچ نشانی۔ م: آزردگی
بے چارگی۔

گیا۔ گاو۔

گیا۔ ۱۔ پتیُم۔ گذشتہ۔ پتردُن۔ سابقہ۔
۲۔ گوٚ۔ گذرِتھ۔ ۳۔ واران گومُت۔
تباہ گومُت۔ ناکارٕ سپدمُت۔
بنارسس نکھہ ہینٛدٕ بِن ہندِ
اَکہ تیرتھُک ناو۔

گیا اور آیا۔ گوٚ تہٕ آو۔ اُتی گوٚ تہٕ اُتی آو۔
یہ چھِ کانسہِ ہندس دُرِ پینس
پیٹھ وَنان۔

گیا بیتا۔ ۱۔ گذرِ تھمُت۔ پتیُم۔ موکلیومُت۔
۲۔ نہٕ ہیکَن گوٚر۔ یمیُک پنٕنی کام دِژہٕ
آسہٕ۔ نالگہ ہار۔

گیا گزرا۔ ۱۔ پتیُم۔ گُذرِتھمُت۔ یُس نہٕ
وونی یاد چھِ۔ مشرومُت۔ ۲۔ نہٕ ہیکن
گوٚر۔ بیکار۔ ۳۔ نالگہ ہار۔ یہ نہٕ وونی
استیمالس لگہِ۔ ۴۔ کم طاقتھ۔ کم ہمتھ۔
کمزور۔ ۵۔ بے مول۔ ناچیز۔ بے قدر۔
۶۔ یمیُک بُتھ پیٹھ تُلمُت آسہِ۔ یمیُک
کنٛزرِتھ کھیمُت آسہِ۔ بے شرم۔ بے حیا۔
۷۔ نیدیُر۔ مسکین۔ ۸۔ زمانہ المیاد،
نہٕ ترٕ وُن (رقم)۔ ۹۔ نالایق۔ ۱۰۔ بیکار۔
کُنہِ کامہ ہنٛد نہٕ۔

گیا گزرا ہوا۔ استیمال کرِتھ ترٛوومُت۔
ترٛاوِتھ ژھنمُت۔

**گیا گزرا ہونا** ۔ ۱۔ پتھر پیٹھ ووتھمُت ، ترادہٕ آمت ، ترادِتھ ژھٔنمت آسُن ۔ بیکار ، نالگہار آسُن ۔ ۲۔ نہ ہیکن گوڈ آسُن ۔ کمزور آسُن ۔ نوتوان آسُن ۔ ۳۔ (رقم) زائد لمیاد آسُن ۔ نہ ترٕو نٕو گرائے آسُن ۔

**گیا گوایا** ۔ یِہ اتھہٕ تلہٕ دڑامُت آسہ ۔ ژٔولمُت ۔ گُزریومُت ۔ ضایہ گومُت ۔

**گیا وقت** ۔ پتھ کال ۔

**گئی** ۔ ۱۔ گیہ ۔ دڑایہ ۔ ۲۔ گآمژ ۔ دڑامژ ۔ گُزریمژ ۔

**گئی اور آئی** ۔ گیہ تہٕ آیہ ۔ اَتی گیہ تہٕ اَتی آیہ ۔ نوزُن یُن ۔ جُل واتُن ۔ یِہ چھ ژٕرتھ پنہٕ وِزِ واتنس پیٹھ وَنان ۔

**گئے درجے** ۔ کمہٕ سے کم ۔

**گئی کرنا** ۔ اَچھ ٹوٗنی ۔ گرٕشس کرُن ۔

**گئی گزری** ۔ ۱۔ موکلیومُت ۔ بےمول ، موٗمول ۔ ۲۔ پتھ کُن ترٕوومُت (کانْہہ مسلہ بیتر) یُس آز کنہٕ ۔ یوٗت کانْہہ نمو ۔

**گئے گزرے** ۔ ۱۔ موکلیومُت ۔ نالگہ بار ۔ یہ نہ کُنہٕ نگہ ۔ پلیمی پننہٕ کام نٕژ آسہ ۔

۲۔ موکلے ۔ گئے ۔ ختم گئے ۔ ۳۔ گآمتی ۔ گُزرے ہتی ۔ مؤدی ہتی ۔ ۴۔ بےمول ، ذلیل ، حقیر ، بٔنیہ بٔڑتھ ۔ بے غارتھ ۔

**گئے وقت میں** ۔ کوہ کالس منز ۔ کو وقتہٕ ۔

**گئے ہوتے** ۔ گژھہ ہن ۔ (تمن) پیزہے گژھن ۔

**گئے ہوئے** ۔ (تمن) گامٕتس ، روانہٕ سپدہ منتس (گو ژٕ کال) ۔

لُوکہ کنھ

**گئے نماز بخشوانے (اُلٹے) روزے گلے پڑے** ۔ تہٕ ڈیتھ گو : اکہ بلایہ تلہٕ موکلنچ شپیل گران پنیہ تمہٕ کھوتہٕ بٔڈ اکھ بلایہ پیٹھ ۔

**گیارہ** ۔ کاہ ۔ دہ تہٕ اکھ ۔

**گیارہواں** ۔ کاہُم ۔

**گیارہویں** ۔ ۱۔ کاہِمہ ۔ ۲۔ دستگیر صابنْ دوہ ۔ ربیع الثانی کاہِیم دوہ ۔

**گُیان** ۔ دہلس ریستی بوج ۔

**گیان** ۔ [ ت : گ ، یان ۔ ہ ۔ مذکر ] ۔ ۱۔ زان ۔ خبر ، علم ۔ وٕ قفیت ۔ گیان ۔ ۲۔ بود ۔ عقل ۔ فہم ۔ شعور ۔ ۳۔ مارفت ، پنچ زان ۔ علم الٰہی ۔ عرفان ۔

**گیان چوسر** ۔ اکہ قسمک چوسرٕ بس کاگذس پیٹھ چھ چھاپنہٕ یوان تہٕ اتھ چھ پانژ دیا

سُتئو ہارو ستی گنڈان۔

**گیانی۔** عُلومہٕ ووِل۔ زانن ووِل۔ عالِم۔ تُرُک۔ گاٹُل۔ بۄزووِل۔ ییٚس اَرفنچ زان آسہِ۔ عارِف۔ گیٲنی۔

**گیاہ۔** [ت: گ یاہ۔ ف: مؤنث]۔ سبزار۔ سبز گاسہٕ۔

**گیاہ جمنا۔** سبزار کھسُن۔ گاسہٕ یُن۔ نیچ کھکھسُن۔ دٕرمُن یُن۔

**گیپاہ۔** [ت: گی پا۔ ف۔ مذکر]۔ اکہِ قسمُک پھولاو۔

**گیپائی۔** پھولاو کھنن ووِل۔ چاٹ کھنن ووِل۔

**گیت۔** وَژُن۔ گیت۔ نظمہٕ ہُند اکھ صِنف۔

**گیت بنانا۔** وَژُن وَنُن۔ گیت تخلیق کرُن۔ شاعرِ سُند گیت نظم کرُن، لیکھُن۔

**گیت سُنانا۔** گیت گیوٚتھ بوزناوُن۔

**گیت گانا۔** گیت گیوٚنی۔ کانسہِ ہندی گوٚن گیوٚنی۔ کانسہِ تاریف کرٕنی۔

**گیتا۔** بھگوت گیتا۔ ہیٚندین ہنز اکھ مذہبی کتاب۔

**گیتی۔** [ت۔ گ تی۔ ف: مؤنث]۔ ۱۔ عالَم۔ دُنیا۔ کاینات۔ ۲۔ بُترات۔ زمین۔

**گیتی افروز۔** ۱۔ عالمس روشن کرن ووِل۔ ساری سے دُنیہس گاہ ناوَن ووِل۔ ۲۔ سِری یہ۔ آفتاب۔

**گیتی آرا۔** عالمس شوٗبراوَن ووِل، روشن کرن ووِل۔ (وُرگہٕ) بادشاہ۔

**گیتی آفرین۔** عالمس پاداہ کرن ووِل۔ کاینا تُک خالِق۔ خودا۔

**گیتی بان۔** عالمُک راچھدر۔ ساری دُنیہُک مالِک۔ رَتن ویلاہِتن ہُند مالِکھ۔

**گیتی پناہ۔** (وُرگہٕ) بادشاہ۔

**گیتی فروز۔** وُچھِو "گیتی افروز"۔

**گیتی نورد۔** عالمس سٲل کرن ووِل۔

**گیٹس۔** ۱۔ چمڑُک گٹس، ییٚس کوٹہ پیٚٹہ گوڈن تام بنڈ چھ آسان۔ ۲۔ موزہ بند۔

**گیدڑ۔** [ت: گی ڈر۔ ف۔ مذکر]۔ شال۔

**گیدڑ بولنا۔** ۱۔ شال وُنگُن۔ شالہٕ بنگہ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی)۔ شال دُنِنی، دٕبھنی۔ وٲران آسُن۔ غار آباد آسُن۔

**گیدڑ بھبکی۔** شالہٕ ٹُنگ۔ (وُرگہٕ) اُپزٕ رعب دَاب۔ سود دھمکی بارد رعب داب۔

یوسہ مُخالفس وِنٛرِنہٕ۔

**گیدڑ بھبکی بتانا۔** شالہٕ سندی پاٹھو ژُنگہِ رارٕے لاگُن۔ بلو روبہٕ داب کرُن۔

**گیدڑ بھبکی دِکھانا۔** شالہٕ سُند کھوژناوُن تہٕ ڈیٖتھ گو : بلو روب ہاوُن۔

**گیدڑ کو ہکاس لگنا۔** شالس پننہٕ ہن ہینہٕ، پننی خصلتھ زور دِنی۔ تہٕ ڈیٖتھ گو : یارس دغا دِیُن۔

**گیدھنا۔** [ت : گیدھنا۔ ہ]۔ چشکہٕ اُڑن۔ ژاپھ اُڑنی۔

**گیدی۔** [ت : گی دی۔ ف]۔ ۱۔ بے یزتھ۔ بِتنے غارتھ۔ ۲۔ سہ گانٹھ یتھ مُتلق وَنان چھِ زِ سہ چھ شینہٕ رہتُن گاہے نر تہٕ گاہے مادٕ آسان۔

**گیدی خر۔** بوڑ بیوقوف، خر دماغ، بیعقل، احمق : گوز خر۔

**گیر۔** [ت : گیر۔ ف]۔ رٹُن وول۔ قبضہٕ کرُن وول۔ [یہ چھ پوٗت لوٗگ ورتاونہٕ یوان]۔

**گیرائی۔** [ت : گی رائی۔ ف]۔ ۱۔ اتھپھ ۲۔ سی۔ آئی۔ ڈی پُلیس، خفیہ پُلیس۔

**گیرودار۔** لڑائے، جنگ۔

**گیرو۔** [ت۔ گے رو۔ مذکر]۔ ۱۔ آرمینیاہٕ ہیچ میٹھ۔ اکہٕ قسمچ زرد میٹھ۔ گیوٗر ہُربیچی۔

**گیروا۔** گیپرہ رنگہٕ، ونہ زل۔ ونہ زلہٕ رنگہٕ۔

**گیروا رنگنا۔** گیبرِ رنگ یا گوسانٛز رنگ دِیُن۔ زرد رنگُن۔

**گیروا لباس۔** زرد رنگُک پوشاکھ۔ گوسانٛز رنگہٕ پوشاکھ۔

**گیروی۔** زردی۔ زرد رنگ۔ گیبر رنگُک۔

**گیڑی۔** [ت : گے ڑی۔ مؤنث]۔ اکھ شُرِ کھیل یتھ منٛز رکھ دِتھ تمہ پیٹھ اکھ لوٗر چھِ تھوان تہٕ پتہٕ چھ بیاکھ شُر پننی لوٗر اتھ لایان۔ یودوے رکہٕ پیٹھ پیٹھ لوٗر مارنہٕ آیہٕ تیلہٕ زیون (لوٗر) لایِن والی۔ اکہٕ قسمُک لٹھی رِکچہ لوٗٹھ۔

**گیڑیاں۔** "گیڑی" لفظُک جمع۔ گنڈرن لوٗر۔ گیڑیاں کھیلنا (رگہٕ پاٹھی)۔ بے کسب آسنہٕ کنی ژھرٹھ دِنی۔ کانٛہہ کام کار نہٕ تگان آسُن۔

**گیس۔** [ت : گیس۔ انگریزی۔ GAS۔ مذکر]۔ ریح۔ سس۔

**گیسو** [ت : گیسو۔ ف۔ مذکر]۔ زُلف۔ کھاسرِ طرفہٕ زیٹھ زمس لٹگ۔

گیسو بریدہ۔ (دَرگہ پاڑھو) بے حیا،
بے شَرم زنانہٕ۔ مالذاتھ زنانہٕ۔
گیسو بکھرنا۔ مَس مُڑراوُن۔ زُلف ہلیہ تڑاونی۔
وِہراونی، پریشان تڑاونی۔
گیسو پریشان ہونا۔ زُلف پریشان آسنہٕ
گیسو چھٹنا۔ زُلفن ہُند شانن پیٹھ وِہراونہٕ
یِن۔ مَس مُڑراونہٕ یِن۔
گیسو دار۔ ۱۔ زُلفہٕ وول یا واجِنی لیس
زُلف آسن۔ ۲۔ (دَرگہ) پیر گوٹھ۔
پیرزادہ۔
گیسو دراز۔ زُلف زیٹھی آسن وول یا داجِنی
لیس مَس زیوٹھ آسہٕ۔ (دَرگہ) فقیر
دَرویش زتھند پایک بزُرگ۔
گیسو سنوارنا۔ زُلف شیرنی، زُلفن
کنگھی دِنی۔
گیسو کھلنا۔ مَس مُڑرِتھ آسن۔
گیسو کھولنا۔ مَس مُڑراوُن، مَس ہلیہ تڑاوُن۔
زُلف پریشان تڑاونی۔ زُلف
مُڑراونی۔
گیسو لہرانا۔ زُلفن ہوہہ سیتہ الہ ڈلہ
گرُڑھن، گڑاہ مارنہٕ۔
گیسو والا۔ زُلفی، زُلفہٕ وول لیس

زُلف آسن، تہٕ ڈیتھ گو: ماشوق، مَدن۔
گیسوئے پُر پیچ۔ وائکو دار زُلف، وائکودار
مَس۔ زُلفِ خمدار۔ کاوی دار زُلف۔
گیسوئے پرتاب۔ تابہ وٕنی زُلف، تاپہ وٕنی
زُلف۔ زُلف یمن زِٹہِ آسن ووتھان۔
گیسوئے پُر شِکن۔ زُلفِ خمدار۔ وائکودار
زُلف، وَردار زُلف۔
گیسوئے تابدار۔ زوتہٕ دِنی زُلف، تابہ وٕنی
زُلف۔ تاپہ وٕنی زُلف۔ زُلف یمن
گاہ آسن ووتھان۔
گیسوئے رسا۔ زیٹھی زُلف۔ زُلفِ
دراز۔
گیسوئے سنبل۔ سونبلکو پاڑھو وَردار
زُلف۔ وائکو دار زُلف۔ زُلفِ
سونبُل۔
گیسوئے شبگوں۔ زُلفِ سیاہ۔
کرہنی زُلف۔
گیسوئے شمع۔ شمعہ ریبہ پیٹھی کنی دِہ۔
گیسوئے عنبر فام۔ مُشک دار سیاہ
زُلف۔
گیسوئے عنبر فشاں۔ مُشک زھٹہ دِنی
زُلف۔ مُشکدار زُلف۔ زُلف یمن

خوشبوے آسن وول۔ مُشکنز عنبر
زھٹہ وٕنی زُلف۔

گیسوئے عنبرین۔ زُلفِ عنبرین۔ مُشکنی
دار زھٹہ وٕنی زُلف۔ خوشبودار زُلف۔

گیسوئے مشکبو۔ زُلفِ عنبرین۔ مُشکدار
زُلف۔ خوشبوے زھٹہ وٕنی زُلف۔

گیسوئے مُشکین۔ مُشک دار زُلف۔
مُشک زھٹہ وٕنی زُلف۔

گیسوئے یار۔ یارٕ سِنٛدی زُلف۔ ماشوقہ
سِنٛدی زُلف۔

گیگٹا۔ [ت۔ گیگ ٹا۔ مذکر] کِچھوٕ سرطان۔

گیگلا۔ [ت۔ گیگ لا۔] سیود۔ ساد۔
رووُمت ہیوہ۔ بے خبر۔

گیگلاپن۔ سبزر۔ سادگی۔ سیود
سادٕ آسنچ حالتھ۔

گیل۔ [ت۔ گیل۔ مؤنث] ۱۔ کیلہٕ کچھ۔
کیلہٕ گونڈر۔ ۲۔ کھٔرٕ زگچھ۔

گیلا۔ [ت۔ گی لا۔ مذکر] ۱۔ اوٗدر۔ تر۔
سٔر بیہہ دار۔ سٔر ہل۔ نم۔ ۲۔ سہ یوہ نٕنڈ
یُس۔ جل جل مانہٕ۔

گیلاپن۔ اُدر یار۔ ترٛی۔ سٔر بیہہ۔

گیلا سیلا۔ سوترٛی، اُدر یار یُس

شہلاب، یُپ پنہٕ کنہ آسہ۔

(لوکہ گتھ): گیلے سوکھے دونوں جلتے ہیں۔ بے بوج
چھُ۔ ناپرُسان چھُ۔ م: بےٛ بوجس
مُنز چھُ رُت کرُت کُنہ گھتا۔

گیلان۔ [ت۔ گی لان۔ ف۔ مذکر] بغداد کہ
اکھ شہرُک ناو۔ یہ چھُ دستگیر صٲبس
کُن منسوب۔ جیلان۔

گیلڑ۔ [ت۔ گے لڑ۔ مذکر] گوڈنکس
ہٕزی سُنٛد بچہ۔ یُس زنانہ پانس
سیتی ڈٲیمس رٕنس نش سیتی انان
چھیے۔ ماجہ گوبُر۔

گیلن۔ [ت۔ گے لن۔ انگریزی۔ GALLON۔ مذکر] کیٛنہہ پانٛچ تولک اکھ
میٛنہ باٛنہ، یہ چھُ ژٕ سیر تہٕ دہ چھٹانک
آسان۔ گیلن۔

گیٖس۔ (ف۔) [ت۔ گیس۔ ف۔] پوٚرٕ
برتھ (یہ چھُ پوت لوگ بنتھ وٕتاونہ
یوان) م: سرگیس۔ غمگیس۔

گینا۔ [ت۔ گے نا۔ مذکر] ژھوٚٹ دانٛد۔
ژھوٚٹہٕ قدُک دانٛد۔ ٹھنگنہ دانٛد۔

گینی۔ [ت۔ گے نی۔ ہ۔ مؤنث] ژھوٚٹ گاو۔
ژھوٚٹہٕ قدٕچ گاو۔

م: جہاں میں جو گرانی شراب کی ہوتی!
سر اپنا بیچ کے ساقی سے ہم سبو لیتے

۳۸۔ رَٹُن ۔ م:
یہ کیا خبر تھی کہ ڈس جائے گی یہ ناگن ہے
کبھی نہ ہاتھ میں وہ زلف مشکبو لیتے

۳۹۔ استِقبال کَرُن ۔ م:
ہوں وہ مجنوں کہ جو لیلیٰ کی طرف جا نکلوں
اُٹھ کے تعظیم کو لے پردۂ محمل مجھ کو

۴۰۔ مَستَنَد زانُن ۔ م:
ہم سند کیلئے لغت میں امیر
فصحا کی زبان لیتے ہیں

۴۱۔ ہیٚچھُن ۔ نُلتھ نیُن ( کانسہِ ہُند طور طرز ہیٚتیر) ۔ ۴۲۔ مَنگنہِ رَٹُن ۔
۴۳۔ (انتقام) ہیٚون ۔ (بدلہ) ہیٚون ۔ ۴۴۔ کماہہ پلیٹھ اَنُن ۔

سے ۔ [ت ۔ لے] ۔ ۱۔ رَنٹھ ۔ نہ ۔ ہیتھ ۔ اَتھس کیٚنھ کانسہِ کیٚنہہ دِیُن تَل رَٹنبال ، قوبو کرُن ۔ ۲۔ میٚون بوز ۔ یور کُن بوز ۔ مٕے کُن تھو دیان ۔ ۳۔ ژھوہ پیہ کر ۔ خاموش روز ۔ بس کر وہنی مہ دَن کیٚنھہ ۔ ۴۔ گوڈہ پلیٹھہ ۔ ابتدا پیٹھہ ۔ م:
واقف اس بات سے ہیں ایک سے لے تا بہ ہزار

۵۔ ڈیچھ ۔ ۶۔ (ژ) بوز ، زان ۔ (ژ) گزہ آگاہ ۔

لے اُڑنا ۔ ۱۔ ہیتھ ژلُن ۔ نِنتھ ژلُن ۔ ۲۔ حِس راوُرن ۔ ہوش نیُن ۔ ۳۔ اَتھس تَل یُن تَبغہ رَٹُن ۔ حاصل کرُن ۔ ۴۔ مزدار بَناوُن ، شوب ، رونق ہُر راوُنی ۔ ۵۔ نیُن ، واتناوُن ۔ م:
اس بزم دلکشا میں بٹھا ہی دیا مجھے
دیکھو مرا خیال کہاں لے اُڑا مجھے

لے آنا ۔ گزہِ ہتھ پانس سیتی اَنُن ، تُلیتھ اَنُن ۔ رُٹیتھ اَنُن ۔ سیتی اَنُن ۔

لیا جانا ۔ رُٹنہ یُن ۔ قائد کرنہ یُن ۔

لیا دیا ۔ ۱۔ نیکی ہُند پھل ، رِژر ۔ ۲۔ ہرجہ نو نقصان ۔ م:
رکھتا ہے مصحفی سے جو ناحق تو اتنی لاگ
اے چرخ سفلہ اس نے ترا کچھ لیا دیا
۳۔ اعمالن ہُند جزا ۔ ۴۔ ہیٚون دِیُن ، دار ، ہور ۔

لیا دیا آگے آنا ۔ نیکی بدی بُر دنتھی ہی بہ کو رُت آسہ ، تمنگ ثمر تُلُن ۔

لیا گیا ۔ ذلیل گو ۔ رسوا گو ۔

لیا ہی نہیں پڑتا ۔ مزاژے چھینہ تران

فکرِ کیٔنہٕ چھُس ۔ مزازے چھِنہٕ رلان ۔

**لیا ہی نہیں پڑنا** کیٔنہٕ طریقہٕ چھُنہٕ تو بوٗہس منز یوان ۔ سنٛبالہٕ ہون چھُنہٕ سنٛبلان ۔

**لیا ہی نہیں جانا** ۔ (زنانہٕ کتھ) پھسانی چھُنہٕ ۔

**لے بڑھنا** ۔ عاذتھ گژھن ۔ ہال گژھنی ۔ ٹھیٖنکہٕ اژن ۔

**لے بھاگنا** ۔ ۱۔ نِتھ ژلُن (کانٛہہ چیز ہیتھ) ہیتھ ژلُن ۔ ۲۔ اغوا کرُن ۔ زنانہٕ ہیتھ ژلُن ۔ ۳۔ لیکھہ پرِ ورأے کانٛہہ کتھ زانٛن یا آتیٖف ہاران ، تھُلتھ نیٖن ۔

**لے بھاگو** ۔ کانٛسہٕ نش ہیٖچھنہٕ ورأے کانٛہہ کام ذمہٕ ہیٖنز ۔ وہ ستادس ورأے کانٛہہ کام ذمہٕ ہیٖنز ۔ طریقہٕ نہٕ تہٕ قأیدہٕ ہیتھ ہیٖچھنہٕ ورأے ، کانٛہہ کام کرُنی ۔ تلِنکھ نیٖن ۔

**لے بھاگی** ۔ وچھ صأبا یا ۔ بوزصأبا یا ۔

**لے بھگو** ۔ وچھو "لے بھاگو" ۔

**لے بھول جانا** ۔ عاذتھ مشُن ۔ ہال مشُنی ۔

**لے بیٹھنا** ۔ ۱۔ (کانٛہہ) پانٛس سیٖتی ژٹھتھ آلس تَل (ژکس تَل) بیہن ۔ ۲۔ (دوگرِ) پانٛس سیٖتی بیٖیس تہٕ ضرر ، نوقصان واتنادُن

۲۔ (کانٛہہ پانٛس) سیٖتی ہیٖتھ وسی پاوُن ، گراوُن ، والُن ۔ ۴۔ کانٛہہ زنانہٕ پنٛن گرٕ وا تنادُنی ۔ ۵۔ کانٛہہ کام کرٕنی ہیٖنز ۔ کانٛہہ شوغل کرُن ہیوٚن ۔ ۶۔ بے موقہٕ کتھ کرٕنی ۔

**لے پالک** ۔ منٛگتہٕ ۔ منٛگتہٕ رُٹھمت ۔

**لے پڑنا** ۔ پانٛس نہٕ سأوُن ۔ کانٛسہٕ زنانہٕ زبردستی ناجأیز کرُن ۔

**لے پڑو دتے پڑو** ۔ تھپہ دِنہٕ ۔ لوٗٹ کرُن ۔ بیٖین ہُنٛد مال جاداد نیٖن ۔

**لیا بھولے نہ دینا** ۔ نہٕ دِتھ گو ؛ نقد و نقد ۔ صاف حساب ۔ صاف لین دین ۔

**لیتے دیتے کی دونوں جہاں میں خیر** ۔ اکھ فقیرن ہُنٛد دُعا ۔

**لے جانا** ۔ ۱۔ برٛونٛہہ گژھن ۔ ترقی نِنی ۔ ۲۔ بڑھنہٕ نہٕ دیُن ۔ قرار نہٕ گرنہٕ دیُن ۔ ۳۔ نِتھ ژلُن ۔ ہیٖتھ ژلُن ، تھپہ دِتھ ژلُن ۔ ۴۔ اکِہ مُلکہٕ پیٹھٕ بیٖیس مُلکس سوزُن ۔ روانہٕ کرُن ، مال سوزُن ۔ ۵۔ تباہ کرُن ۔ خراب کرُن ۔ م : اپنے ساتھ اسے بھی لے گئے ۔ ۶۔ زِو نہٕ دیُن ۔ روزنہٕ نہٕ دیُن ۔ مارُن ۔ ۷۔ ژھتھ نیٖن ، وچھتھ نیٖن ۔ ۸۔ تھپہ نیٖن ۔

لیجو۔ نٕ۔ رٔٹھ نٕہ۔ ژٕہ کرٕ حاصل۔

لیجئیو۔ رٔٹھ ساءٕ۔ سنبالہٕ ساءٕ۔

لے چلنا۔ ۱. پانس سٕتی نِیُن، تُلُن۔ ۲. ہیتھ ژلُن، تھپہٕ دِتھ ژلُن۔

لے دوڑنا۔ ۱. دُرٕ ہیتھ یُن، اَنُن۔ ۲. وَنُن ہیوٚن۔ کانٛسہِ ہنٛز ذِکر کرٕنۍ ہیٚنٛز۔ ۳. (درگہ) بے طریقہٕ، بے ادب پاٹھۍ وَنُن ہیوٚن، بیان کرُن ہیوٚن، کانٛسہِ ہنٛز ذِکر کرٕنۍ۔

لے دھنسنا۔ بور نٕہ تُلنہٕ ہیکُن۔ بارٕ نہٕ وِتراوِتھ ہیکُن۔ گژب بار آسنہٕ کنۍ زمین دُستہٕ گژھن۔

لے دِہی لادِہی۔ زورٕ زارٕ کانٛہہ چیز کانٛہہ رٹناوُن نہٕ تہٕ پننہٕ وَنُن تس زِمنے کورِسے انٛیجسان۔

لے دِھیلے کی۔ نہٕ تہٕ وچھ اُمینک نتیجہ کیا نیرِ۔ وچھ کیا نوقصان واتہٕ۔

لے دے۔ ۱. دَو دَو۔ کوٚشِش۔ ۲. بوٚاژی۔ لانٛتہٕ ملامتھ۔ ۳. لین دین۔ ہیوٚن دِیُن۔

لے دے کر۔ ۱. سٕنٛج دَو دَو۔ سٕنٛج کوٚشش۔ واریاہ ژکھُن۔ ۲. کہی تام کہی تام، کٔشالہٕ کٔشالہٕ۔ بٔڈ مُشکلن۔ زورٕ زارٕ۔ ۳. بیباق کرٕتھ۔ سوٗدٕ سٕہ حساب ہوٚ کلاوِتھ سارِے دِتھ کرٕتھ۔ ۴. صِرف۔ فقط بس پتہِ۔

لے دے۔ ۵. ۔ ژھیدِ روس۔ (ڈوڈھ ہینٛز)۔

لے دے کرنا۔ سٕنٛج کوٚشِش کرٕنۍ سٕتھا جکھُن، سٕنٛج زور کرٕنۍ۔ ۲. بوٚاژی کرٕنۍ۔ لانٛتہٕ ملامتھ کرٕنۍ۔ ۳. چوب دِنۍ۔ اَلبہٕ اَلبہِ دِنۍ۔

لے دے کے۔ وچھو "لے دے کر"

لے دینا۔ اَتھہٕ دِیُن۔ ملہِ ہیتھ دِیُن۔

لے دے ہونا۔ بوٚاژی ہینٛز۔ ملامتھ کرٕنہٕ یِنۍ۔ تس پٔنٛز۔

لے ڈالنا۔ ۱. رلاوُن۔ رلہٕ ناوُن۔ شامِل کرُن۔ ۲. ملہِ ہیوٚن۔ سودا کرُن۔ ۳. خراب کرُن۔ تباہ کرُن۔ ۴. اَتھمِس پیٹھ واتناوُن۔ موکلاوُن۔ ۵. نیُن۔ تژاوُن نہٕ۔ ۶. بیل اُکھُن۔ عاجز اَنُن۔ تنگ اَنُن۔ ۷. بوٚاژی کرٕنۍ۔ تس کرٕنۍ۔ بُتھ کرُن۔ ۸. زیٚنُن۔

لے ڈوبنا۔ ۱. پانس سٕتۍ بیاکھ نہٕ خراب کرُن، ہیٚس تہٕ دوٚدارٕ ناتناوُن۔ ۲. پانس سٕتۍ اَکِس مُشر پھاٹُن۔

لے رکھنا۔ رٕٹھ تھوٚوُن۔ ملہِ ہیتھ تھوٚوُن۔

لے رہنا۔ ۱. رٕٹھتھ تھوٚوُن۔ حاصل کرُن۔ کماوُن۔

۲۔ واتُن ۔ واتنگ ژرُو پہ آسُن ۔ ۳۔

(دِلس منز) ژورِ تھوُن ۔

**لیکے** ۔ ا۔ گوڈ پیٹھ ۔ شروٗع پیٹھہ ۔ اِبتدا پیٹھہ ۔

۲۔ سیتو ۔ سیتی ہیتھ ۔ پانس سیتی

**لیکے بیٹھنا** ۔ وَنُن ۔ بیان کرُن ۔ دَپُن ۔

**لیکے چاٹنا** ۔ نہ آسنس منز تہ نہ بنیہ نس

منز تہ یاد کرُن ییمہ سیتی مَن خوش

گژھہ ۔ بیوٗقوٗفی ۔

**لیکے گرنا** ۔ سیتی ہیتھ ڈسی ہیوٚن ۔

**لے لواکے** ۔ پانس سیتی ہیتھ ۔ سیتی ہیتھ ۔

**لے لوٹنا** ۔ بد پارٕ ۔ قرض نیتھ واپس نہ

دِنہٕ وول ۔

**لے کرنا** ۔ ہس دِیُن ۔ اِشتیال دِیُن ۔ تو

اَننی ۔ اُکساوُن ۔ ہسہٕ راوُن ۔

**لے لینا** ۔ ا۔ نیُن ۔ شُھپہٕ نیُن ۔ زبردستی

نیُن ۔ ۲۔ ہیوٚن ۔ مُلی ہیوٚن ۔ خرید کرُن ۔

۳۔ کانہہ چیز ہینِچ کام موکلاوِنی ۔ ۴۔

سمبالُن پانس اَتھہٕ رٹُن ۔ ۵۔ قبوٗل

کرُن ۔ اِختیار کرُن ۔ ۶۔ واپس دِیُن

۷۔ منزِل کڈُن ۔ کُن واتُن ۸۔ رٹُن ۔ (م:

دو تین کوس پر لے لیا ۔ ۹۔ حاصل کرُن ۔

۱۰۔ جُدا کرُن ۔ الگ کرُن ۔ بیوٚن کرُن ۔

۱۱۔ دٕہ منزاوُن ۔ تلُن ۔ برداشت کرُن ۔ ۱۲۔

قبضہ کرُن ۔

**لے لے ہونا** ۔ پتہٕ پتہٕ آسُن ۔ اعتراضے

اعتراض آسنی ۔

**لے ماری کرنا** ۔ بد دیانتی کرٕنی ۔ بد پارٕ

کرٕنی ۔ دٕہ زم نیتھ نہ ہوٗرُن ۔ کانہہ چیز

ییہہ اَنِتھ نہ واپس دِیُن ۔

**لے مرنا** ۔ ا۔ پانس سیتی بیمس تہ دِدار واتناوُن ،

نقصان واتناوُن ۔ ۲۔ ہانژہ لاگنی ۔

تہمتھ لاگنی ۔ ۳۔ شُھپہٕ نیُن ، کھیوٚن

(مال رٕ پیہ ہینزا) ۔ کانسہ غصب کرُن ۔

تل دِیُن ۔ ۴۔ کماوُن ۔ زیُن ۔ حاصل کرُن ۔

**لینا ایک نہ دینا دو** ۔ ہیوٚن نہ دِیُن بلکہ

ہینگہٕ دگ ۔ نہ ہیوٚن کینہہ نہ دِیُن کینہہ

بلکہ مصیبتھاہ ۔

**لینا دینا** ۔ ہیوٚن دِیُن ۔ حسابہ کتاب ۔

داد مالہٕ ۔ لین دین ۔

**لینا لوانا** ۔ (دورگہٕ) ڈگراے اَننی ۔ کینہہ

حاصل کرُن ۔

**لینالینا** ۔ ا۔ رٹیوٚن رٹیوٚن ، ژورس یا کانسہ

زُلہ دِنس پتہٕ دورن وزِ دِنہٕ لوان ۔ ۲۔

شُھپہ کرٕنی ۔ ڈسی ہیوٚن سمبالُن ۔

**لے نکلنا۔** نِتھ نیرُن۔ ہیتھ ژلُن۔ حاصل
کرِتھ نیرُن۔ کامیاب گژھتھ نیرُن۔

**لینے آنا۔** کانہہ پننہ ودل آنِنہ خاطرٕ ین یا گژھُن۔
کانٕسہٕ پننہ واپس ہیتھ گژھن۔ استیقبالس
گژھُن۔

**لینے دینے میں نہ ہونا۔** نہ ہینس منٛز نہ
دِنس منٛز آسُن۔ کانہہ غرض نہ آسُن۔
کُنہ گژھُنس منٛز نہ آسُن۔ کانہہ واسطہ نہ
آسُن۔ نہ سوٗدس تہٕ نہ سادس منٛز
آسُن۔ لاتولق آسُن۔

**لینے کو بڑھنا۔** پننہ واپس ہیتھ گژھُن۔
استیقبالس گژھُن۔

**لینے کے دینے پڑ جانا۔** ا۔ فایدہٕ چہ جایہ
نوقصان واتُن۔ کُنہ بلایہ یا مصیبتس
منٛز مُبتلا گژھُن۔ وَق ہیوُن تہ دِنس
منٛز گرفتار گژھُن۔ ۲۔ زُرس تکلیف
واتُن۔

**لینے میں نہ دینے میں۔** نہ ہیتھ منٛز نہ دِتھ
منٛز۔ نہ ہیون نہ دِیُن۔ لاتولق۔ کانہہ
غرض نہ آسُن۔ نہ دِیُن کینہہ نہ ہیوُن
کینہہ۔

**لیوا۔** ا۔ نِنہ ودل۔ ہیننہ ودل۔ ۲۔ جان لیوا۔

۲۔ گاو، تانٛکشہٕ یا ژھاوجہ ہند وٕے۔

۳۔ گنڈرکل میٹر۔ ہُر۔

:- لوٗکہ کتھ :-

**لے پالک گھر گھالک۔** تہٕ ڈیتھ گو: وو پُر
چھ آخر ونہ ہرے، وو پُر چھنہ پننۍ
ہیکان ہنتھ۔

**لے موے ننگے اپنی ناک کٹائے ہند ایحسان**
نہ مانُن۔ کانٕسہٕ ہشتر مِنتھ نہ ہینۍ۔

**لینا نہ دینا باتوں کا جمع خرچ۔** بُر
وَق ضایہ کرُن، نہ ہیون نہ دِیُن کینہہ۔
فوضوٗل گتھ یا ژ کرنہٕ۔ فوضوٗل کتھن
منٛز وَق راوُن۔

**لینا نہ دینا نہ کارے نہ مسلے۔** نہ ہیون
نہ دِیُن نہٕ کام نہ کانہہ کار۔ نہ سوٗد
نہ ساد۔

**لینے آئیں آگ اور بن بیٹھیں باورچن۔**
کُنہ بہانہٕ کُنہ منٛز کھو رژانُن۔

**لیّا۔** [ت: لے یا۔ موٗنث]۔ لایہ لوڑ۔ لایہ
دو گل۔

**لیّا پونجیا۔** کٹے۔ پونسہٕ۔ ہار۔ دیار۔

**لیان۔** لایہ۔

**لیاقت۔** [ت۔ ل یاقت۔ ع۔ موٗنث]۔

۱۔ قابلیتھ (کینہٕ کرُن) اَنگوُن۔ لیاقتھ گاٹہٕ۔ کَسب۔ ہونَر۔ ۲۔ صِفتھ، وَصف، خوٗبی۔ رِژر۔ ۳۔ گاٹہٕ جار۔ ۴۔ اَدب۔ تمیٖز۔ شایستگی۔ ۵۔ حوصلہٕ۔ ۶۔ بِتھر۔ مَقدوٗر۔

**لیبر۔** [ت: لیبر۔ مُذکر]۔ تھوکھ۔ اُتھک رُطوٗبتھ۔ لال۔

**لیبڑ۔** [ت: لیبڑ۔ مذکر]۔ (اُچھن ہِنز) لیگ، برکھ۔ اَکھ سفید مایہ یُس (اَچھن) دود آسنہٕ کِنی اَچھن مَنز جمع سپدان چھُ۔

**لیپ۔** [ت: لیپ۔ مذکر]۔ ۱۔ ضِماد۔ ۲۔ مٮ۪ٹھر۔ بور۔ لِپٲے۔ ۳۔ سُہ دَوا یُس گانٹہٕ ہیرِ ڈورس سَتھان چھُ۔

**لیپا پوتا۔** ۱۔ بور کٔرِتھ، پلستر کٔرِتھ۔ ۲۔ تیار ہٕ تیار۔ بناونہٕ آمُت۔

**لیپ پوت۔** ۱۔ بور ہیتھر۔ پلستر ہیتھر۔ ۲۔ ہادنہٕ باپتھ تھاز ژٕرُن۔ لیوٗب تھوٗپ۔

**لیپ پوت برابر کرنا۔** (وَرگہٕ) کانہہ کتھ ہیتھر ژُور تھاوُنی۔ کُنہٕ کتھِ ہیتھر وُرُن کرُن۔ لیوٗب تھوٗب کرُن۔

**لیپ چڑھانا۔** اَبدریکھ گَتہٕ اَنگس (درد آسنہٕ کِنی) دوا لاگِتھ ڈُتھ لاگُن، گنڈُن۔ پلستر کرُن۔ ضِماد کرُن۔ دَوا ہٕکور کرُن۔

**لیپ چیپ۔** کانہہ چیز کانسہِ نکھس کھارُن، ذِمہٕ کرُن۔

**لیپ کرنا۔** ضِماد کرُن۔ دوا لاگِتھ ڈُتھ گنڈُن۔ اَکُنہٕ دَوا بوٗٹہٕ ہِندِ (ڈلکور) کرُن۔

**لیپ لگانا۔** دوا پٹ لاگُن، ضِماد کرُن۔

**لیپنا۔** ۱۔ (دیوارس ہیتھر) بور کرُن۔ پلستر کرُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ) ژُور تھوُن۔ عائبس وُرُن کرُن۔ ۳۔ پوٗرمُت ہیتھر مُشراوُن۔

**لیپنا پوتنا۔** (دیوارس) بور کٔرِتھ پتھ پٕنستر کٔرِتھ ہیتھ لوٗن، ہرد گھش دیُن۔

**لیپنے کا نہ پوتنے کا۔** کُنہٕ کامہِ ہِندُ نہٕ۔ نالگہٕ بار۔

**لیپے میں آجانا۔** کُنہٕ بلایہِ مَنز بےسبب پھسُن۔ بیٚیہ ہِندِ گُنہ گاہ اَلس کھسُن ہَنگہٕ تہٕ مَنگہٕ کُنہٕ مصیبتس مَنز وَلنہٕ یُن۔ ہینہٕ یُن۔

**لیتڑا۔** [ت: لیتڑا۔ مذکر]۔ پرٛانی پٲزار۔ بوٗٹہٕ ژٕٹ۔ بوٗٹہٕ، پٲزار چھیتر۔

**لیتڑے پڑنا۔** پٲزار پیٚنہٕ۔ سَخ ذالتھ گژھنی۔ رُسوٲیی گژھنی۔

**لیتڑے چھیتڑے۔** پٲزار ژٕٹ تہٕ پلو رِچہِ ہیتھر۔

**لیتڑے کھانا۔** پٲزار پیٚنی۔ پٲزہٕ رُد سٔنتی

مار پیوٗن۔ سَخ ذلالتھ گرٕھنی۔

**لیترٹے لگانا۔** پٲزار دِنی۔ پٲزار وٲلِنی۔ سَخ زِٹ کرٕنی، ذلالتھ کرٕنی۔ ذلیل تہٕ رُسوا کرُن۔

**لیترٹے مارنا۔** وِچھو "لیترٹے لگانا"۔

**لیت ولعل۔** [ت: لیت و لعل۔ ف۔ ہ]۔ ٹال مٹول۔ (وعدس) اَز پگاہ (کرُن)۔ صُبح شام (کرُن تہٕ دُین نہٕ) ٹالُن۔

**لیت ولعل میں ڈالنا۔** صُبح شام کرُن۔ ٹال مٹول کرُن۔ صِرف وعدٕ تھوٕنی تہٕ دِین نہٕ۔ اَز پگاہ کرُن۔

**لیتھڑا۔** [ت: لیتھڑا۔ ہ۔ مذکر]۔ ژھینوٕ ہتو پرٲنی یلو۔ یلوٗ زچر۔

**لیٹنا۔** [ت۔ لیٹ نا]۔ ۱۔ دراز گژھُن۔ پان ترٲوُن۔ لر پیوٗن۔ لر ترٲوِنی۔ شوٗنگُن۔ آرام ترٲوُن۔ ۲۔ ہار مانٕنی۔ آن مانٕنی۔

**لیٹ رہ۔** شوٗنگ۔ دراز دِ۔ پان ترٲو۔ لر ترٲو۔

**لیٹ جانا۔** ۱۔ پان ترٲوُن۔ شوٗنگُن۔ دراز دُین۔ ۲۔ تھکُن۔ تھکِتھ پیوٗن۔ تھکنہٕ رکنی بزونہٕ تہٕ قدم ہیکُن ترٲوِتھ۔ ۳۔ حوصلہ راوُن۔ ہِمتھ ہارٕنی۔ ۴۔ (دَرگہ) کانٛسہٕ نمُن، عاجزی کرٕنی۔ ۵۔ رُود یا داو کہنی ذرا تنگ اوک لر پیوٗن۔ ۶۔ آن مانٕنی۔ ہار مانٕنی۔ ۷۔ کھوٚرن تھپہ کرتھ زار پار کرُن۔

**لیٹنا پوٹنا۔** شوٗنگِتھ لر پھیرٕنی دِنی۔ لر ترٲوِتھ آرام کرُن۔

**لیٹے جانا۔** وِچھو "لیٹ جانا"۔

**لیبچھی۔** [ت: لے چھی]۔ ۱۔ سہ گوٗش لیس یا ن ژانٛپھہ آسہٕ منٛز دٲرِتھ چھِ دِوان۔ ۲۔ (درگہ) کانٛہہ نرم تہٕ سُست چیز۔ ۳۔ زعفرانہٕ چالہٕ اکہ پوشاک۔ گوٗش لیس رنگ کتھٕ ہتہٕ تنتھ ہِتھ کُن روزان چھِ۔

**لیچڑ۔** [ت: لی چڑ]۔ ۱۔ بدبا پارٕی۔ لیس تہٕ لیس دینس کیٛنہٕ صاف آسہٕ لیچڑ۔ ۲۔ کاہل۔ لیوزھ۔ لیس کنہٕ کامہٕ منٛز یہ لاگہ۔

**لیچڑپن۔** بدبا پارٕی گی۔ بےایمانی۔ لیچرگی۔

**لیچی۔** اکھ دوٕزچار سان گنڈٕی دار مودُر میوٕ تہٕ اَمہٕ کھیٛک ناو۔

**لید۔** [ت: لید۔ مؤنث]۔ لید۔ گوٗس، خرس یا ہسٕ سُند گوٚہ۔

**لیڈر** ۔ [ت : لی ڈر ۔ اَنگ : LEADER ۔ مذکر ] ۔
۱۔ رَہنُما ، اَکھ ، رُہنٹھ ، رُہتُھ ۔ یُس کُنہ
جماعژ ہُنٛد پیٚٹھ آسہِ ۔ لیڈر ۔ ۲۔ ایڈیٹرٕ
سُند پانہٕ لیوکھمُت مضمون ۔

**لیڈری** ۔ رَہبری ۔ رَہنُمائی ۔

**لیہر** [ت : لیہر ] ۔ دٕچہٕ تیہ ۔ دَجہ ریٚل زیتھ
دَجہ رِٹی ۔

**لیہر لیہر کرنا** ۔ تٕر کرنہٕ ۔ تِلو بیہ کرنہٕ ۔ ترٛتھ
واہٕنہٕ ۔

**لیہری** ۔ اَکھ قسمٕچ بیہر (ہِشم) سَرٛپُچ لوٹ ۔

**لیہرے** ۔ [ت : لیہرے ] ۔ دَجہ ریٚلہٕ ۔
دٕچہٕ تیہ ۔

**لیہرے لگنا** ۔ زَچہٕ لگنہٕ ۔ ژھینٛژو مٕتیٚ پلو
ناٗلی آسنی ۔

**لیہریں لگنا** ۔ پٔرانیٚن پوشاکس ترٛہ وَسنہٕ ،
ژھینُن ۔

**لیزم** ۔ [ت : لے زم ۔ ف ۔ مذکر ] ۔ اَکھ
تیٖچ نرم تہٕ لچکدار کمان یَتھ پیٚٹھ
تیٖر اندازی ہیچھان چھہٕ ۔

**لیس** ۔ [ت : لیس ] ۔ ۱۔ سلحہٕ سامانہٕ گنڈِتھ ۔
بالکل تیار ۔ ۲۔ زَری ہِنٛد پٔٹی ، کلابتوٗنی ۔
پھیٖتہٕ ۔ ۳۔ اَکھ ہِنٛز تہٕ پَہر یَتھ لوکہ

زیادٕتھ چھہٕ آسان ۔

**لیپ** ۔ [ت : لیپ ۔ مذکر ] ۔ ۱۔ دیوارَن ہُنٛد
لور ، پلستر یُس نَرب ، اَگہٕ تہٕ کُوٗشِن
اَدرہِ اَدرِتھ کران چھہٕ ۔ ۲۔ اَکھ لأرِنہٕ گژھن
چیز ۔

**لیپ پوت** ۔ ۱۔ لور کرُن تہٕ لوُن ۔ ۲۔ زُورِ گیاہ
موکلیتھ گژھ ۔ سوٗ گژھ یَتھ تہٕ ووٗر نکلتھ
لور ، وَزِن آسہِ ۔

**لیپدار** ۔ سو جِہ دار ۔ تُنرُل یا دِ یتھ
واٹ چُھ لگان ۔ لیپ دار ، مایہ دار ۔

**لیپ دینا** ۔ مُرُن ، مُشُن ۔ لایوُن ۔

**لیپنا** ۔ ۱۔ لور کرُن ۔ پلستر کرُن ۔ ۲۔ لیوژھن
مُرُن ۔ اولو کرُن ۔

**لیپوال** ۔ لاگھ ۔ جُرِتھ ۔ ٹھیک پأٹھۍ مَرتھ ۔

**لیس ہونا** ۔ سَرگنٛڈِتھ روزُن ۔ تیار
روزُن ۔ سلحہٕ ساماَنہٕ گنٛڈِتھ آسُن ۔

**لیک** ۔ [ت : لیک ۔ مؤنث ] ۔ ۱۔ پَدری وَتھ ۔
۲۔ گاڑِ ہِنٛزِ پَکنک ہیوٚ ہیٚن ہِنٛدی نشانہٕ ۔
گاڑِ ہِنٛد پَکنک نِشانہٕ ۔ ۳۔ تُہ ، لوگ یُس
کُنہِ خاندانس پیٚٹھ نرِ پٔتِن یا رِشتہِ دارن
دِنہٕ یِوان چھُ ۔ ۴۔ رٔسم ۔ رِواج ۔ چلن ۔
دستور ۔ قاعدٕ ۔ ۵۔ "لیکن" لفظک زِرتھ ۔

لیک پیٹنا۔ ۱۔ پرانہِ پوٗتِھ پیٹھ پکُن۔
پرانین رسمن رِواجن پیٹھ پکُن۔
۲۔ کانٛہہ کتھ وِز وِزِ، بیٚیہِ تہ بیٚیہِ
دُہراوٕنی، وَننی۔ اُکی سے کتھ لِتہٕ گنڈٕنہٕ۔
۳۔ نو برنہ پراوُن۔ ترقی نہ کرٕنی۔ پرانہ
پنٛدٕ پیٹھے روزُن۔

لیک سے بے لیک ہونا۔ دَتہٕ ڈلُن۔
راہ گژھن۔ رِواجس ستی نہ پکُن۔

لیک لیک چلنا۔ طریقہ طریقہٕ پکُن۔
رِواجس ستی پکُن۔

لیکن۔ [ت۔ لے کن۔ ف۔ مذکر]۔ اما پوز۔
مگر۔ اما۔

لیکھ۔ [ت۔ لیکھ۔ مذکر]۔ ۱۔ زرہٕ وٹھول۔
۲۔ پدٕ دَتھ۔ دَتہٕ پکنگ نِشانہٕ۔

لیکھا۔ [ت۔ لے کھا۔ مذکر]۔ ۱۔ ہیوٗن دِیُن۔
لین دین۔ حِساب کِتاب۔ ۲۔ کھاتہٕ بُہی۔
وُزِس حِساب۔ لین دین یُس بُہی
کھاتس لیکھتھ آسہِ۔ ۳۔ سوٗلوکھ۔ برتاو۔

لیکھا بہی۔ ۱۔ بُہی کھاتہٕ یتھ پیٹھ لین دین
لیکھتھ آسہِ۔ روزنامچہٕ۔ بُہی۔ ۲۔ خاص
کانٛہہ کِتاب یتھ پیٹھ حِساب کِتاب
لیکھتھ آسہِ۔

لیکھا پورا کرنا۔ حِساب بیباق کرُن۔ حِساب
مکاوُن، موکلاوُن۔ دارٕ ہور موکلاوٕنی۔

لیکھا چُکتا کرنا۔ وِچھو "لیکھا پورا کرنا"

لیکھا چھوٹنا۔ عادتھ ترٛاوُن۔ تمِل ترٛاوٕنی۔

لیکھا ڈیوڑھا برابر کرنا۔ ۱۔ حِساب
موکلاوُن، بیباق کرُن۔ حِساب ادا کرُن۔
برداشتہٕ موکلاوُن۔ حِساب پاکھ کرُن،
بقایا نہٕ کینہہ تھوُن۔ ۲۔ زٕرِ زٕرِ
حِساب موکلاوُن۔ فاضل بقایا نہٕ کینہہ
تھوُن، کمی پیشی موکلاوٕنی۔

لیکھا ڈیوڑھا برابر ہونا۔ حِساب سورُے
بیباق سپدُن، فاضل بقایا نہ کینہہ روزُن۔

لیکھا کرنا۔ ۱۔ حِساب وِچھُن۔ لیوکھمُت
حِساب مقابلہٕ کرُن۔ وِچھُن زِ حِساب
کیا چھُ۔ لین دین وِچھُن۔

لیکھے۔ ۱۔ نظرِ تل۔ برٛونٛہہ کنہِ۔ ۲۔ محل
نہر خ۔ باو۔

لیل۔ [ت۔ لَیل۔ ع۔ مؤنث]۔ راتھ۔
شب۔

لیلۃ البیل۔ سیٹھاہ تاریکھ راتھ۔ اَنہ گوٚٹہ راتھ۔

لیلۃ الاسرا۔ [ع۔ مؤنث]۔ ییمہ راتھ
آنحضور صلعم معراجَس [illegible]۔ شبِ معراج۔ معراجچ راتھ۔

**لیلۃُ البدر۔** رٔتنٛژ ژودٲہِم راتھ یٔیمہِ
راتھ ژٕوپٔر زوٗن پھٔٹِتھ آسان۔

**لَیلۃُ القَدر۔** [ع۔ مؤنث]۔۱۔ شبِ
قدر۔ ۲۔ خوٗشی ہٕنز راتھ۔ شادِ ہٕنز
راتھ۔ ۳۔ گاہ۔ گاشہِ۔

**لیل و نہار۔** دوہ راتھ۔ شبہٕ روز۔
زمانہٕ، کال۔

**لیلا** [ت: لی لا]۔ ۱۔ خوٗشی ہٕنز مجلس۔
عاشقہٕ عشرٔژ مجلس۔ ۲۔ ڈرٛامہٕ
تماشہٕ۔ لیلا۔

**لیلاوتی۔** ۱۔ خراباتی زنانہٕ۔ یارہٕ ژٔر۔ ۲۔
خوش شکل زنانہٕ۔

**لیلام۔** [ت: لی لام]۔ لیلام۔ نیلام۔

**لیلنا۔** نینگلاوُن۔ ہٕنٛژِ والُن۔

**لیلیٰ۔** [ت: لے لا۔ ع۔ مؤنث]۔ ۱۔ مجنوٗنہٕ
سٕنٛز ماشوق، محبوب۔ ۲۔ ماشوق۔
محبوب۔ ۳۔ سیاہ شب۔ اَنٛدٕ گٹی راتھ۔
راتھ ہُنٛد کرٛہنیار۔

**لیلیٰ وش۔** رُنتہٕ لال۔ لالہٕ ہِش۔
شُکھ شکیل، حسین، خوبصورت۔
لوکہ کتھ:

**لیلیٰ را بچشمِ مجنوں باید دید یا شوقِ**
گرٛہ عاشقہٕ ہٕنز نظرِ وچھُن۔ لالہٕ گرٛہ
مجلوٗنہٕ سٕنٛز نظرِ وچھُن۔

**لیموٗ۔** [ت: لیموٗ۔ ف: مذکر]۔ لیوٗمب، نیوٗم۔
**لیموٗ کے چور کا ہاتھ کٹتا ہے۔** ترٕ ڈیٹھ گو۔
ناپُرسان چھُ، نے پوٗچھ چھُ۔

**لیموٗن۔** [ت: الیموٗن۔ ع۔ مذکر]۔ کاگذی
لیوٗمب۔

**لین۔** [ت: لین۔ انگ: LINE۔ مؤنث]۔
۱۔ رٔکھ۔ خط۔ ۲۔ رٔز۔ ڈوٗر۔ ۳۔ حد، بنہٕ
۴۔ مصرہٕ، شاعرک اَکھ مصرہٕ۔ ۵۔ لٲن
صف۔ ۶۔ سطر، م: پندرہ دن میں
اُستاد نے صرف دس لینیں پڑھائی
ہیں۔ ۷۔ ریلہٕ ہٕنز پٔٹرٕ۔ ۸۔ چھاوٕنی
(ییتہ منٛز فوج روزان چھُ) پلٹن لٲن۔

**لین دار۔** یُس سیٹھا دار ہور آسہِ۔ یُس
سیٹھا لین دین آسہِ۔ یُس سیٹھی داد مالہٕ آسہِ۔

**لین دین۔** ۱۔ لین دین۔ دار ہور۔ ہیوٗن
دیُن۔ حساب کتاب۔ داد ماملہٕ۔ ۲۔
کار بارچ کتھ یا ماملہٕ۔ ہیٚنہٕ کرنٕچ تنگ
ماملہٕ۔ ۳۔ کار بار تجارتھ۔ ہیوٗن کرُن۔

**لین دین بند کرنا۔** ہیوٗن دیُن، کرُن بند
کرُن۔ حساب ژٔٹُن۔ لین دین بند کرُن۔

لین دین کرنا ۔ ہیوٗن دِیُن ۔ کارٕبار کرُن ۔
لین دین کرُن ۔

لین ڈوری ۔ ۱۔ سُہ فوجی سامانہٕ بیتر یُس گژھ جایہ فوج وانٛنہٕ برٛونٛہہ کوٗ ڈٕے چھُ سوزنہٕ یوان ۔ ۲۔ گژھ کٔتھ ہنٛدی یا کامہِ ہنٛدی آثار ۔ ۳۔ پوٗتُس پتھ ۔ تُسلسُل ۔ م: صبح سے برابر تقاضے کے لئے آدمی بھیج رہے ہیں ایک لین ڈوری لگی ہے ۔

لینت ۔ [ت: لی نَت ۔ ع ۔ مونث] ۔ نرمی ، شرانتھ لوہس کانٛسہِ ہنٛدس سوٗراکس منز آسُن ، طور طریقس منز آسُن ۔

لینڈ ۔ ۱۔ گوہ ۔ (انانہٕ سُنٛد یاہ سی سُنٛد) ۲۔ کوکور ، بیکور ، بد صورت (انسان) ۔

لینڈ اونچی ہونا ۔ دِماغ کھسُن ، دِماغ خراب گژھُن ، تکبُر گژھُن ، غرور گژھُن ، گمنٛڈ گژھُن ۔

لینڈی ۔ ۱۔ نجاستھ ۔ ۲۔ بازٕ ریہوٗن ۔ ژھوٚٹہ ہوٗن ۔ ۳۔ بُزدِل ۔

لینڈی آسمان پر ہونا ۔ سخ گمنٛڈ گژھُن ۔ سخ غرور گژھُن ۔ سخ دِماغ کھسُن ۔ م: زمینس پیٹھ نہ پوٚد تِراوُن ۔

لینڈی پھولنا ۔ (ورگہ) مغروری گژھنی ... دِماغ کھسُن ، کِبر کھسُن ، نشہ گژھُن ۔

لینڈی تر ہونا ۔ بینیہِ ہُن گمنٛڈ گژھُن ۔ غرور آسُن ہُرہ گژھُن ۔

لینڈی چھٹنا ۔ زال گژھُنی ، بیازر گژھنی پانٛنیار گژھُن ۔

لینڈی دماغ کو چڑھ جانا ۔ مغروری گژھنی ، نشہ گژھُن ، گمنٛڈ گژھُن ۔

لینڈی کتے کی موت مارنا ۔ ژھوٚٹہ ہوٗن ہنٛدر پاٹھو مارُن ، سخ ذلیل کرتھ مارُن ۔

لینگ تھینگ ہونا ۔ نیٛاے نیٛاے لڑایہ لڑایہ ، ڈنگہ فساد آسُن ۔

لیوا ۔ [ت: لے وا] ۔ کوٗنڈ ، لیچہ بلنیر ژرکس سنٛجہ رب ۔

لیہی ۔ [ت: ہ ، مونث] ۔ سریش ۔

لیہی چپی ۔ سرمایہ ، مال ، دولتھ ، مایہ ۔

لیئی ۔ [ت: ل ی ۔ مونث] ۔ آٹھ سُچ ، مایہ ۔



# م

**م** ۔ ۱۔ عربیک ژندُوہیُم، فارسیک اٹھوہیُم، تہٕ اُردوٗہک اکتہٕ ہیُم اچھر۔ ابجد حسابہٕ چھُ اتھ ۴۰ مول۔ ۲۔ ماشوقہٕ سُند غوشیچہٕ ڈاہ۔ ۳۔ نکارٕچ علامتھ۔ ۴۔ گرٛٹر منٛز چھُ حرکت عائل ماوان۔

**ما** ۔ [ف]۔ ۱۔ اسہِ۔ ۲۔ یہ کینہہ، پرٛتھ کینہہ۔ کانٛہہ چیز۔ ۳۔ ماج۔ داٗلدہٕ۔ ۴۔ ماجہِ ہُند ٹاٹھنیارک لفظ۔

**ماباپ** ۔ مول ماج۔ بب ماج۔

**ماباپ کالاڈلا** ۔ ٹاٹھ، ماجہِ ہُند خانہٕ مول، ٹوٹھ۔ وہٕ دِتہٕ داٗنہٕ رٛچھنہٕ آمُت ییٚس ٲلی ماجہِ چہٕ بالے آسہٕ کورمُت۔

**مابعد** ۔ پتیمُ۔ پتہٕ کالُک، یہ پتہٕ پیدہٕ، یہ پتہٕ پیہہ۔

**مابقاء** ۔ باقٕے۔ ہُربوٗمُت، ژرٛیوٗمُت۔ بچوٗمُت، پتہٕ کُن روٗدمُت۔ یہ موٗجوٗد آسہِ۔ بقایا۔

**مابقی** ۔ پتہٕ کُن روٗدمُت، ہُربوٗمُت، ژرٛیوٗمُت۔ باقٕے۔

**مابہ الاحتیاج** ۔ ییٚمیُک ضروٗرتھ پیٚیہِ۔ یہ ضروٗری آسہِ۔ حاجتکی چیز۔ سامانہٕ۔ یمن چیزن ہُند حاجتھ پیٚیہِ۔

**مابہ الامتیاز** ۔ سُہ چیز ییٚمہِ ستی کینہہ پرزنادنہٕ پیہہ یا کُنٛہک دۆن پیہہ۔ سُہ چیز یا وجہہ ییٚمہِ ستی فرق بارنیرِ۔

**مابہ النزاع** ۔ سُہ کتھ ییٚمہِ ستی فسادس گوڈ لوگمُت آسہِ۔ فسادُک موٗل۔ لڑایہ ہُند باعث۔

**ماہن** ۔ موج بیٚنہِ۔

**ماہن کرنا** ۔ (کانسہِ) ماجہِ لیکہٕ یا بیٚنہِ لیکہٕ ژارنہٕ، کڈنہٕ۔ گرٕ پیٹھ داتُن۔ ماج بیٚنہِ نہٕ گنٕہ تھوٗنٕ۔

**مابین** ۔ سُہ چیز ییٚس منٛزس یا منٛزباگ آسہِ۔ منٛزباگ، منٛزس۔

**مابینِ تحقیقات۔** تفتیش کرنس دوران
پرژھ گار کران کران۔

**ماتقدم۔** گوڈنیک۔ برونٹھیم پیٹھیم۔
تہ یہ گوڈ چھُ سپدمُت۔

**ماحصل۔** ۱۔ نتیجہ۔ انجام۔ پھل۔ ۲۔
کُنیک لُب لُباب۔ خُلاصہ۔ زہِ ہُوتُرن۔
ہرتر۔ ۳۔ پاداوار۔ نعل بہ۔ نفع۔ فایدٕ۔

**ماحضر۔** ۱۔ یہ حاضر آسہ۔ یہ کینژاہ موجود
آسہ۔

**مازاغ۔** یہ چھ اشار قرآن شریف کِس
آیتس "مازاغ البصر وما طغیٰ" ہس کُن۔
یلہٕ آنحضرتؐ ہُند معراج کِس مقامس
منز تہ اُچھ ٹیٹھ وارے تہ یہ کرن۔

**ماسبق۔** ٹیتھیم، یہ ییتہ کُن گومُت چھُ۔
یمیُک ذکر گوڈے چھ کرنہ آمُت۔

**ماسلف۔** پُتیُم، یہ یتہ کُن چھ گومُت۔

**ماسوا۔** ۱۔ امہ ورأے۔ امہ روس۔ امہ
ہُر سیانہ۔ ۲۔ خوداِیس ورأے باقے
سورے۔ سارِنے ژوزاتھ۔

**ماسوا اللہ۔** خوداِیس ورأے سارِنے
ژوزاتھ۔ خوداِیس ورأے تہ سورے
یہ دُنیہس منز چھُ۔

**ماشاءاللہ۔** ۱۔ شاباش، مرحبا۔ واہ واہ۔
چشمہ بد دُرس رچھونے۔ ۲۔ اتھ کیا چھ
وَنُن، اتھ کیا چھُ مولہ وُن۔

**ماصدق۔** ۱۔ یہ پوز آسہ۔ ییتہ منز پزر آسہ۔
۲۔ مضمون تہ مانے۔

**ماعلینا الاالبلاغ۔** اَسہ نام چھ وَنُن، مانُن
نہ مانُن چھنے تہندِ کام۔

**مافات۔** یُس مُود۔ یُس گو۔ ییمہ عالمہ گومُت

**مافوق۔** یہ تھزرس آسہ۔ سبتھاہ تھود۔
سبتھاہ بوڈ۔ گنیتہ۔

**مافی الضمیر۔** دِلہ ہُنْد کتھ۔ یہ ووندس
منز آسہ۔ دِلچ کتھ۔ یہ دِلس منز آسہ۔

**مافیہا۔** یہ کینژھا دُنیہس منز چھ۔

**ماقبل۔** برونٹھیم۔ برہیُم، ییتہ کُن گومُت۔

**ماقبل الذکر۔** یمیُک تذکرہ برونٹھ کرنہ
آسہ آمُت۔ یہ گوڈ دِنہ چھ یمُک گوڈ
وونمُت۔

**ماقل ودل۔** لُکٹ کام ییتہ دار یاہ ملنے
آسن۔ لُکٹ کام ییتہ سبتھا دستہ آسہ۔

**ماکا دودھ۔** ۱۔ ماجہ ہُند دود۔ ۲۔ سبتھا
مُفید۔ دِیہ دُن تہ پتریہ دُن۔ ۳۔ حلال۔
جائز۔

**ماں کے پیٹ سے لے کر کوئی نہیں آتا۔**
مُ: کانٛہہ اَکھاہ چھُنہٕ تورٕ ے ہیٚچھتھ
یِوان۔

**مالاکلام۔** یَتھ کانٛہہ شکھ آسہِ نہٕ۔ یُتھ مُنٛز
گُنہِ شَکِچ یا اعتراضچ گُنجایش آسہِ نہٕ۔

**مالایُطاق۔** تیُوت یَیمیُک ہیٚکر آسہِ نہٕ۔
کانٛسہِ ہندِ طاقتہٕ نیٚبر، بَرداشتہٕ نیٚبر۔

**مالاینحل۔** یہ نہٕ اَنٛد۔ یہ نہٕ حل سپدِ۔

**مامضیٰ۔** یہ گیٚنٛژھا سپُد۔ یہ گیٚنٛژھا
پَتھ کُن گو۔

**ماو شما۔** پرٛتھ کانٛہہ۔ ساری۔ اَنٛجاری مانٛجاری۔

**ماؤ مَن۔** (دُرگہ) گُمنٛڈ۔ ژھوکھ۔ رکبر۔

**مایحتاج۔** یَیمیُک موحتاج آسُن زِ۔ یَیمِچ
ضرورت آسہِ۔

**مایُرید۔** یہ گیٚنٛژھا خودانے پیٚنٛژھ۔

**مایُقرا۔** سُہ تحریر یُس پُرن کرٛاڈٛھ آسہِ۔
سوٕ عبارتھ یُس نہٕ سہل سہل وَنہٕ
لوکہِ گژھہِ۔

**ما ایلی باپ تیلی بیٹا شاخِ زعفران۔**
مُ: ۱۔ موج بیٚچھان تہٕ نیٚچوِس ناو
مُراد بیگ، ۲۔ ماجہِ نہٕ لچکہٕ تہٕ سیتارِس
غلاف، ۳۔ مَہرینہٕ نہٕ گوٗش دِگجِ پھیر کرٛنٛڈ

**مابخیر شما بسلامت۔** اَسہِ تہٕ پانٛس توٗہی
تہٕ پانٛس۔ اَسہِ تہٕ خودایس حوالہٕ توٗہی تہٕ
خودایس حوالہٕ۔ مُ: ما بہ خار تو بہ سلامت

**مابہ تو مشغول و تو با عمرو وزید۔** اَسہِ
مَران ژٕ نٛے پیٹھ ژٕ مَران دوٚیَن پیٹھ۔
اَسہِ چون وَسہِ تہٕ ژٕ نٛے دوٚیَن ہنٛز پَتھ۔

**ما بیٹوں میں چھنا لا نہیں چھپتا۔** نکھ
روزن والین نشہِ چھُنہٕ عآب ژٕ کر
روزان۔ یمن سیتۍ دوشمن بَہن آسہِ
تمن نشہِ چھُنہٕ عآب کُنٛہہ روزان۔

**ما بیٹوں میں لڑائی ہوئی لوگوں نے جانا**
بیر پیر۔ پننین ہنٛز کَنٛتھ کَنٛتھ چھیٚنہٕ نیا ے۔

**ماپنہاری بھلی باپ ہفت ہزاری بُرا۔**
نہٕ ڈیچھ گو: ماجہِ ہنٛد چھُ ماِلو سنٛدِ
کھوتہٕ ژٕ ڈرٕ ے محبتھ آسان۔

**ماتوفیقی الّا باللہ۔** اَسہِ کم چھُ کرن والی
ہرگاہ خودایَن توفیق دِیت کیٚنٛہہ نتہٕ
کیٚنٛہہ سپدِ۔

**ماچہ می سرائیم و طنبورہ ماچہ می سراید۔**
مُ: راتس وَدنہٕ لال مُجمن وَدنُم
لال کیا دانٕہ بے مجلوٗنس۔

**مارا ازیں گیاہ ضعیف ایں گماں نہ بود۔**

تہٕ ڈیشِتھ گو ؛ پَرٕژھے اَسہِ سٕم تہٕ تَس ہیوٚہ
کرٕزٕ ورکرٕ ہٕژہٕ گام۔

**مارا بہ سخت جانی خود ایں گماں نہ بود۔**
پَے اوسُم نہٕ زٕ بہٕ چھُس یوت ڈوٗر مٮ۪نے
اوس ہٕ پَننِ سخت جان آسنُک پَے۔

**مارا چہ ازیں قصہ کہ گاو آمد و خر رفت۔**
مٮ۪نے کیاہ چھُ زِ کُس آو تہٕ کُس دراو۔

**ما ز لطف تو گر نشتیم غضب را چہ علاج۔**
چانہِ مٮ۪ہربانی ہٕندی گام تسلا مگر ژرکھ
نِشہِ کرت ژلہٕ۔

**مازِ یاراں چشم یاری داشتیم**
**خود غلط بود آنچہ ما پنداشتیم**
اَسہِ اُس یارن ہٕنزِ مٮ۪ہربانی ہٕنز
برانتھ مگر سُتھ گو اولہٕ بدل۔

**ما فقیرنی پوت فتح خان۔** م: موج
بیچھان گو بریس نادُمراد بیگ۔

**ماکا پیٹ کمہاری کا آوا کوئی کالا
کوئی گورا۔** ماجہِ ہٕندِ شکمہ دزاہتی ساری
شُری چھِنہٕ اکی اَنہارِ آسان۔ م:
اَنھس مَنٛز چھِنہٕ اونگجہِ پانژمہ ہٕشے۔

**ماکارِ خویش را بخداوندِ کارساز
بگزاشتیم تا کرم او چہا کند**

اَسہِ چھُ پننُ کار خوداییس پیش رُٹمُت اَدٕ
یہ زانہِ تہٕ تہٕ گرِ۔

**ماکو نہ باپ کو جو بنے سو آپ کو۔**
پَننِس گَرِ ہٕنزس چھُ پَرتھ اکھا ذمہٕ وار۔
پَرتھ کانٛسہِ چھُ پَنُن جواب پانے دِین۔
ہر اَکِس چھُ پَننین اَعمالَن ہٕنز
سزا پانے تلٕنۍ۔

**ما، مارے اور ما ہی ما پکارے۔**
ماج ہے مارِ تہٕ توتہِ وَنُو ماجی ماجی تہٕ
ڈیشِتھ گو۔ پَنٕنی سٕندِ بڈا دِنہٕ چھُنہٕ
لگان۔

**ما و مجنوں ہم سبق بودیم در دیوان عشق**
**او بصحرا رفت و ما در کوچہا رسوا شدیم**
اَسر تہٕ اَسہِ مجنونس ہوی عاشق
ووٚدٕل گو وَن زَن روٗٹ تہٕ۔

**مآب۔** [ت۔ آب۔ م آب۔ ع]۔
سو جاے ہیتھین آواز یوت پھیرِتھ
ہیتھ۔ پھیر اَنیج جاے۔ سو جاے یوتی
انسان پھیرِتھ گژھہِ۔

**مابون۔** [ت، مابُوْن۔ ع۔ مذکر]۔ سُدلیس
کرنادٕ ٹنگ ژاپھ آسہِ۔ یُس کرنادُن غوش
آسہِ گران، یُس ژھینہٕ نادِ ٹنگ چَسکہِ آسہِ تِژامت۔

**ماپ۔** [ت۔ ماپ، ہندی۔ مؤنث] ۱۔ پیمائش
میٹر، ماپ۔ زمین مینُن، کھیوٹ کڈُن
۲۔ پیمانہ۔ ماپ۔ اَنداز۔ ۳۔ باوُک
تہ ہوشُک اَنداز۔ زیچھر تہ کھجر تخمینہ۔

**ماپ تول۔** (مؤنث) زیچھر پچ تہ کھجر
اَنکہٕ وُن، روٗ قبہٕ، سام۔

**ماپک۔** [۱۔ پے مائش۔ روٗ قبہٕ بنٛدی۔
میٹر۔ ۲۔ مینُن وول۔ جریب کش۔
پیمائش کرن وول۔

**ماپنا۔** مینُن۔ پیمائش کرٕنی، میٹر کرُن۔
دُچھُن زکوتاہ چھُ۔

**ماپھل۔** اَکہ قسمُک پھل۔

**مات۔** [ت۔ مات۔] یہ چھُ "مانا" لفظُک
ژھوٚٹ۔ موج۔ والدٕ۔

**مات۔** [ت۔ مات۔ ع۔ مؤنث] ۱۔ ہورُن۔
شکس کھیون۔ ہار۔ ۲۔ تلو بے بنیاد۔
یتھ نہٕ حقیقتھ آسہٕ۔ یتھ کانٛہہ لطف
آسہٕ نہٕ۔ گوٚٹ۔

**مات بچنا۔** شطرنجس منٛز مات گژھنہٕ نشہٕ
بچُن۔ شکس کھینہٕ نشہٕ بچُن۔

**مات دینا۔** ۱۔ شطرنجس منٛز مُقابلُک بوج
ہارناوُن، بازی دِنی، باز زینُن تہٕ
کرُن۔ ہتہٕ پاو والُن۔ اَسمان ہاوُن،
خجل کرُن۔ نادِم کرُن۔ ۳۔ بانہہ بازی
منٛز ہارناوُن۔

**مات کرنا۔** ۱۔ شطرنجس منٛز کانٛہہ ہارناوُن،
شکس کھیاوُن۔ ۲۔ پیتہ کرُن، ہارناوُن۔
تل اَنُن۔ ۳۔ (کُنہ کامہ منٛز) برونٛہہ
نیرُن۔ روٗ تبہ پراوُن۔ مرتبہ حاصل
کرُن۔ ۴۔ اَنی راوُن۔ شرمندہ کرُن۔

**مات کھانا۔** ۱۔ اشارہ پاٹھو اَکہ چیز سُس
مُقابلہ کانٛہہ چیز ژھور تہ چھوٚٹ آسنہٕ
ہوکھ تل گژھن۔ شکس کھیون۔ تالہ
کہیٚ یُن۔ ۲۔ شکس کھیون۔ ہورُن۔
عاجز یُن۔ شطرنجس یا بانہ بازی منٛز
مُقابلُک بوج زیر اَنُن۔

**مات ہوجانا۔** ۱۔ ہورُن۔ شکس کھیون۔
شطرنج گِنٛدنس منٛز مات گژھن ۲۔ (اشارہ پاٹھی)
کم پایہ گژھن۔ دوٚسی پایہ گژھن۔ ۳۔
شرمندہ گژھن۔ خجل گژھن۔ نادِم سپدُن

**مات ہونا۔** وُچھو "مات ہوجانا"

:۔ لۆکہٕ کتھ :۔

**مات المفتی مات الفتوٰی۔** مرن والس
سیتی چھُ اَتھ سوٗرے ہو کلان۔ تُم:

م: یِیلہِ یُسٕنٛز جِہ داری تیلہِ تٔسٕنٛز پیشکارٕ
خوجہ تہٕ مُود تہٕ ژاس تہٕ لوتے پہٕ۔

**مات کردم مات کردم من ترا**
**ناک کاٹوں کان کاٹوں لے چھرا**

باتہٕ بازی مَنٛز چھُہ یہِ شار۔ زیٖنِتھ وول
ہارِن والِس پھوڈ تُلنہٕ باپتھ وَنان۔

**مات۔** [ت۔ بمعنٰی آب۔ ع۔ مذکر] ہیتہٕ واد
ہیتہٕ بُدکر۔

**ماتا۔** [ت۔ ماتا۔ مؤنث] ۱۔ موج، ماج۔
والِدٕ۔ ماتا۔ ۲۔ شُتلو بُڈ۔ شُتلا۔
۳۔ مَس۔

**ماتا پتا۔** ۱۔ مول موج۔ والِد تہٕ والِدٕ۔ ماتا
پِتا۔ ۲۔ زِیٹھ۔ آغہٕ۔ بُزرگ۔

**ماتا نکلنا۔** شُتلو نیرُن۔ شُتلہٕ پیٖنہٕ۔

**ماتحت۔** [ت۔ مات حت۔ ع] ۱۔ نِگرانی
مَنٛز۔ حکمس تابیا۔ حکمس پابند۔
۲۔ تابیا۔ تابین۔ آدیزٕ۔ ماتحت ۳۔
اَتھ بُنٛدُت گَرُن دول۔ اَتھ شیٖہلاوُن
دول۔ مَدد گار۔

**ماترا۔** [ت۔ مات را۔ مؤنث]۔ ہیٖنٛدی
حُرفن ہُنٛز حرکژ۔

**ماتم۔** [ت۔ ماتم۔ ع۔ مذکر] ۱۔ ردُن رُدُن
کانٛسہٕ ہِنٛدِس مرنَس پیٹھ ہُے تلُن۔
دُکھ۔ ۲۔ غم۔ ملال، سوگ، دُکھ۔
۳۔ مُصیبتھ۔ آفتھ۔ بلاے۔ ۴۔ زنانن
ہُنٛد کُنہِ حادثہٕ کِس موقس پیٹھ ٹسُن۔
۵۔ شور۔ کُرکہٕ ناد۔ ہُے۔ ۶۔ حضرت
امام حُسینؑ ہِنٛدِس غمس مَنٛز سیٖنہٕ ژٹُن،
مرثی گرُن، سیٖنس ژَوگی لاینہٕ۔ ۷۔
کربلاکِس واقس مُتعلق شار۔

**ماتم اندوز۔** دُکھس بیہتھ۔ ماتم زدٕ۔ ماتم
ہیتھ۔ غمزدٕ۔ غمگین۔ دُکھ زد، لد۔

**ماتم پُرسی۔** تازیتھ۔ سمکھُن۔

**ماتم پڑنا۔** وَدُن۔ ہُے دُکھُن۔ ماتم
ہیوٚن۔

**ماتم خانہ۔** دُکھ ہیتھ گر۔ ماتم خانہ۔ ماتم گر۔

**ماتم دار۔** دُکھ لد۔ ماتم زدٕ۔ دُکھ ہیٚنہٕ
دول۔ ماتم گرن وول۔ ییٖمس دُکھ
ہیوٚت مُت آسہٕ۔

**ماتمداری۔** ماتمداری۔ دُکھ دود۔ وَدُن
رَدُن۔ غم تہٕ فکر۔

**ماتم دھوم سے ہونا۔** تھیکتھ ماتم مناوُن۔
سیٹھا زیادٕ دُکھ ہیوٚن۔

**ماتم دیدہ۔** دُکھس زٕیتھ۔ غمگین۔ دُکھ لدٕ۔

ماتَم زدٕ۔ غمٕن وٕ دُلمُت۔

**ماتم زدہ۔** وُچھو "ماتم دیدہ"۔

**ماتم سرا۔** ماتَم سَراے۔ سو جاے یتھ ماتَم پیٚیہ کَرُنہٕ۔

**ماتم کدہ۔** وُچھو "ماتم سرا"۔

**ماتم کرنا۔** ۱۔ ماتَم کَرُن۔ غَم ہیوٚن۔ دوٚکھ ہیوٚن۔ ۲۔ دوٚکھ ہیوٚن، موٚدس وَدُن۔ وَدُن دان لاگُن۔ ۳۔ سیٖنہٕ ژٕٹُن، وَچھ ژٕٹُن، سیٖنہٕ دَگُن، کاٹھٕ ہنٛدِس مَرنس پیٹھ گٕلہٕ ٹھاسُن۔

**ماتم میں رہنا۔** دوٚکھس روزُن، دوٚکھ ہیتھ روزُن، غَم تہٕ ماتَم کَران روزُن۔

**ماتم نشین۔** دوٚکھس دِہتہٕ۔ سُہ یلیم ماتَم آسہٕ ہیوٚتمُت۔

**ماتم ہونا۔** ۱۔ دوٚکھ آسُن، غَم آسُن۔ بنتھ آسُن آمُت۔ ۲۔ وَدُن ہیٚے آسُن وَدُن دان لاگُن، تھَدِ تھَدِ وَدُن۔ ۳۔ وَچھ ژٕیلُن۔ وَچھہ وَچھہ دِنی۔ مَرتی کَرنی۔

**ماتمی۔** ۱۔ دوٚکھ ہیٚنہٕ وول۔ ماتَم ہیٚنہٕ وول۔ دوٚکھ کُلمُن وول۔ ۲۔ یمیٚنیک تُلُق دوٚکھس یا ماتَمس سیتی آسہٕ۔

**ماتمی باجہ۔** ماتَمی باجہٕ۔ سُہ باجہٕ یُس ماتَمہٕ خاطرٕ دایان چھُہ۔

**ماتمی پوشاک۔** ماتَمی پوشاکھ۔ ماتَمی لِباس۔ ماتَمی پلو۔ سِیاہ پلو۔

**ماتمی جامہ۔** وُچھو "ماتمی پوشاک"۔

**ماتمی چہرہ۔** وَدوُن بُتھ۔ ماتَمی بُتھ۔ سُہ بُتھ یتھ غَم آسہٕ پٔشپان۔

**ماتمی دھن۔** تُرز لے یمیٚہ سیتی دِل ژھیٚتہٕ گژھہ، رٔوُن ہیٚیہ۔

**ماتمی صف۔** ماتَمُک صَفہٕ۔ سُہ فرش یُس کاٹھٕ ہنٛدِ مَرنہٕ پتہٕ ژُتھِہن دوہن تام روزان چھُہ۔

**ماتمی لباس۔** کرٕہُن پوشاکھ۔ سُہ پوشاکھ یُس غَم اِظہار کَرنہٕ پُژھی لاگنہٕ یِیہ۔

**ماتھا۔** [ت: ماتھا۔ مذکر]۔ ۱۔ ڈیکھ۔ جبین۔ کَلہٕ کُھن پیٹھِم کَنیُک حصہٕ۔ ۲۔ ناو ہنٛد نَم۔ ۳۔ (اشارٕ پأٹھ) ذِمہٕ داری۔ ہٕٹھ تہٕ مُٹھ۔

**ماتھا سجر ٹکنا۔** ۱۔ ڈیکس پھٹھن۔ ڈیکس تیلُن۔ ڈیکہِ وُہان آسُن۔ ۲۔ کَلس دود آسُن، کَلہٕ دود آسُن۔

**ماتھا پٹن کرنا۔** کانڈی کھینز مغز ماری کَرٕنی۔ واریاہس وَقتس سمجاوُن۔

**ماتھا پیٹنا۔** ۱۔ ڈیکس ژٔنجہ دِنہٕ۔ ڈیکہٕ ڈیکہٕ دِنۍ۔ پانس مَس کڑٕن۔ ۲۔ پشماوُن۔ اَفسوس کرُن۔

**ماتھا پیٹن کرنا۔** ہاو باو خاطرٕ آلُو داکھ کرُن۔ ٹلی سلام کرٕنۍ۔

**ماتھا پیٹی۔** سوٗ ژٔنۍ یُس ڈیکہٕ سوٗتۍ ترٕ بے شوٗب آسہٕ۔

**ماتھا ٹکانا۔** کلہٕ نوٗمرُن۔ سجدٕ کرُن۔ آداب کرُن۔

**ماتھا ٹھنکنا۔** (اشارٕ پاٹھۍ) کانہہ کام کرنہٕ برونٹھے سمیک یِچھ بُتھ وُچھُن۔ گوڈے بد شوٗگو نیچ ژٔھینہٕ وَن لگنۍ۔ کنہ کامہٕ ہندا اَندٕ تہٕ گوڈنہ ژٔھینہٕ دُزٕ کنۍ معلوم گژھُن۔ کینہ سپدنہٕ برونٹھے نیچ ژٔھینہٕ وَن لگنۍ۔

**ماتھا ٹیکنا۔** سجدٕ کرُن۔ کلہٕ نوٗمراوُن۔ تابیاداری کرٕنۍ۔

**ماتھا رگڑنا۔** ۱۔ ڈیکہٕ گھِسُن۔ ڈیکہٕ گھکراوُن۔ ۲۔ (اشارٕ پاٹھۍ)۔ خوشامد کرُن۔ عاجزی کرٕنۍ۔ کھور رٹھنۍ۔ منتہٕ کرنہٕ۔ زارٕ پارٕ کرُن۔

**ماتھا کوٹنا۔** ۱۔ ڈیکس ژٔنجہ دِنہٕ یا لاینہٕ۔ ڈیکہٕ ڈیکہٕ دِنۍ۔ ۲۔ پانس وو ڈٕ وو ڈٕ دِنۍ۔ اَتھ موٗرٕنۍ۔ ۳۔ ماتم کرُن۔ وچھ ژٕھٹُن، دگُن۔

**ماتھا گودنا۔** تَس یِندٕ ڈیکس پیٹھ خال ترٛاوُن یُس عُمرٕ تام ڈک سزا آسہٕ لگمُت۔

**ماتھے بیٹھنا۔** کانٛہہ کلس کھسُن۔ مُبتہ یُن۔ مُصیبتہ یُن، بناوُتہ یُن۔

**ماتھے پر افشاں چننا۔** مُکوش لاگُن یا چھکٕٹُن۔ ساز کرُن۔

**ماتھے پر الف کھینچنا۔** قلندر بنُن، فقیر بنُن، درویش بنُن، تُنٛی یاس ہیٛون۔

**ماتھے پر ٹیکا ہونا۔** کُنہ کنتھ ہُند کانسہٕ پیٹھ دار مدار آسُن۔

**ماتھے پر شکن ہونا۔** فکر یا غمہٕ سیتھ ڈیکہٕ ژٕکرنہٕ آسُن۔

**ماتھے پر صندل لگانا۔** کلہٕ دود ژٕلراونہٕ موکھٕ ڈیکس ژٔندُن لاگُن۔

**ماتھے پر عرق آنا۔** ڈیکس گمہٕ ہیٛنہٕ۔ ڈیکس عارق یُن۔

**ماتھے پر لکھنا۔** ڈیکس لیکھُن۔

**ماتھے پر موت کا پسینہ ہونا۔** مرُن وِزٕ ڈیکس گمہٕ ہیٛنہٕ، عارق یُن، ییم گمہٕ پھٹہٕ لگنہٕ۔

ماتھے پڑنا۔ رُڏ کٿسڻ۔ اِلزام کھسڻ۔
مٿي پين مڙهه۔

ماتھے ٹیکا ہونا۔ کنهن پيهه ناز آهسڻ۔
مولي تي نه ٻنهه ڏين آهسڻ۔

ماتھے جانا۔ مٿي کٿسڻ۔ رڏ لگڻ۔ اِلزام
پئن۔ مٿي مڙهه پئن۔

ماتھے روئی چانول چڑھنا۔ نيتهر پيڊڻ۔
خاندر پيڊڻ۔ گلس ٻنڌي ٻري گنڊڻ۔

ماتھے کا ٹیک ہے۔ ڏکه ڏکه ڇو، کنهن وڙ
تي ڇپيو ادر پور گرڙهان۔

ماتھے کا گھمنڈا۔ ڏيکس پيهه شبدک آکه۔
شبدو ميتي پيڙهمُت ڏيکس نشانه۔

ماتھے کی ہڈی نکل آنا۔ کهانگهر نيبرڙي۔
ٽونگڻ نيبرڙي، کمزور گرڙهڻ۔

ماتھے لگنا۔ ڏسو "ماتھے پڑنا"۔

ماتھے ہونا۔ مٿي آهسڻ۔ ذمه آهسڻ۔
حوالي آهسڻ۔

لوکه کٿه :۔

ماتھے چاند، ٹھوڑی تارا۔ ڏکه ڇهه نون
تي هونگر پيرزلوني آهسي تي ڏيهه گو:
زونه هنڊري پاٹهي ڇهس ڏکه پيرزلان۔

ماتھر۔ [ت۔ ماتھر۔ مذکر]۔ ا۔ متهرا يه هنڊ
ره وزن دول، باشنڌ۔ ۲۔ کاسيئڻ
هنر آکه گرام۔ ۳۔ متهرا يه هنڊ ين
برهمڻن هنر آکه ذاته۔

ماتی۔ ڏسو "ماتا"۔

ماٹ۔ [ت۔ ماٹ۔ مذکر]۔ مٹه۔ کنهن ڈو ٻوڙ
تي گله کهول توٹ۔

ماٹ بگڑنا۔ بهه ديگ خراب گرڙهڻي۔ بهه
خراب گرڙهڻ۔ شوورے گرني آفاگرني۔

ماٹ کا ماٹ بگڑا ہے۔ ساري گو
عقل ناش۔ ساري ٻي خاندانس
لوگ وڏه۔

ماٹ کا ماٹ بگڑنا۔ خاندانکس خاندانس
وڏه لگڻ۔ ساري گني وُنن گرڙهڻي۔
ساپهه عقل تاوُن پيون۔

ماٹھ۔ [ت۔ ماٹھ۔ مذکر]۔ دان۔ کونڌ۔
گج۔

ماٹھا پھولام۔ ملکس سنهري تيار پيڊڻ
دول ديسي گپير قسم۔

ماٹھو۔ [ت۔ ماٹھو۔ ہندی]۔ ا۔ امسغر
آکه واٽڻدر ذاته ۲۔ چور، سيد پوٹي رساه۔

ماٹھی ملا۔ (زنانه کٿه) پاهه پام۔

ماٹی۔ [ت۔ ماٹی۔ مؤنث]۔ ا۔ ميٽر۔ گرد۔ ڌهوڙ۔

۲. زمین. بُتراتھ.

**ماٹی کا تھوا.** میٚژِ مو ٹھن. میٚژِ لوٚپُن.

**ماٹی کی مورت.** میٚژِ موٗن. میٚژِ ہُنٛد بُنیٛوٗمُت پوٗتُل.

**ماثر.** [ت. مَ آثِر. ع. مذکر]. جان رود کامہٕ. جان کامہٕ. مکانہٕ کی یِتھ کُن رُوٗدی تِم نِشانہٕ. جان رعد پہ یَتھ اثر آسہِ گومُت.

**ماثر.** نوشونہٕ. دُچھنہٕ بانہٕ تھ سوزنہٕ آمُت چیز.

**ماثور.** [ت. ماثور]. یِتھ سُنزِ یُومُت آسہِ. یِتھ مادِھہٕ آسہِ آمُت دِنہٕ.

**ماثورہ.** (مؤنث). وُچھو "ماثور".

**ماجد.** [ت. ماجِد. ع]. زُشیٹھ. مُری یا دام. یِزتہٕ دول. بوٚڑ.

**ماجدہ.** یِزتہٕ واجنِیٛ. دِید صاب. بَڈ ناج.

**ماجرا.** [ت. ماج را. ع. مذکر]. ا. حال. احوال. یہ پتھ کُن سپد. ۲. واقہٕ. نیاے. دارِی داتھ. حادثہٕ. ۳. خبر اتر. ڈلیل شلیل، شیٚنیچ وِہد.

**ماجرا پوچھنا.** حال پرژھُن. خبر اتر پرژھنی مولوم کرُن. زِ ڈلیل کیا چھے.

**ماجرا سُننا.** خبر اتر بوزنی. حال بوزُن.

**ماجرا کہنا.** حال وَنُن. گدرُن باوُن.

**ماجو.** [ت. ماجو. ف. مؤنث]. اکہٕ دوٚیہ ناو. اکہ بیول یُس مُنز کینژ کثیف آسہِ.

**ماجوج.** [ت. ماجوج. مذکر]. ا. حضرت یافث ابن نوح سُندِ ہُندِ زُریتِچ پیٚتر منٛ پیٹھ نِوٛیُومُت قوم. موجوج. ۲. حضرت یافث ابن نوح ع ہُندِس اَکِس نیٚچِوِ سُند ناو یُس منشح تہٕ چھ ژُنان.

**ماجھی.** [ت: ماجھی. مذکر]. ناٹُز. ناو چلاوَن وول.

**ماچا.** [ت. ماچا. مذکر]. ا. تھوٚد تہٕ بوٚڈ پلنگ. تھزِ چار پاے. ۲. ڈِیوٚنگ. رائچھ ڈیٚوٚنگ. ڈاٹنگ.

**ماچا توڑ.** (درگہ) آہٕزی. یُس بیٚٹھہ موٚنڈ آسہِ ژامُت. بیٚٹھہٕ دال.

**ماچا خرنی.** مُوٹھ دُروٹھ آہٕزی زِنی.

**ماچس.** [ت. ماچس. انگریزی. MATCHES. مؤنث]. ا. گنڈکہٕ ڈٔبی. ماچس. ۲. اقبال لکھنوی سُند تخلص.

**ماچی** [ت. ماچی. مؤنث]. ا. چارپاے. لوکٹ پلنگ. ۲. بھنگہٕ دِوُن مُت ٹھیلہ یُس ربدُس یتی کینی سامانہٕ تھوِنہٕ باپتھ آسان چھُو. ۳. گاڈِ ہُند سُہ پتِیُم حِصہٕ یتیتھ نوکر یا

بَچہ زہان چھُ۔ ۴۔ ہمہ یمن سیتی منسرٛڈ
چھِنے گِنڈنہٕ یوان۔

**ماحصل۔** وِچھِو "ما" لفظَس تَل۔

**ماحضر۔** وِچھِو "ما" لفظَس تَل

**ماحول۔** [ت۔ ماحَول۔ ع]۔ اڈنڈ پوکھ۔ ژُرِ شوٗرے
طرَف۔ یہ دُچھِنی کھوڑِند تہٕ پتہٕ برٛونٛٹھ
آسہٕ۔

**ماحی۔** [ت۔ ماحی۔ ع]۔ گالَن دول۔
مِٹاوَن وول۔ نابوٗد کرَن وول۔

**ماخذ۔** [ت۔ ماخذ۔ ع۔]۔ ۱۔ آگرٕ نیرَنٕچ
جاے۔ ۲۔ گوڈٕ کُن، بُنی یاد۔ اٙصل۔
ژوٗک۔ گوٚج۔ ۳۔ مادٕ۔

**ماخوذ۔** [ت۔ ماخوذ۔ ع]۔ ۱۔ کُنہٕ منٛزٕ کوٚڑُمُت
یا کَڈنہٕ آمُت۔ ۲۔ گرفتار۔ لوٗگمُت۔
پھسیوٗمُت۔ ۳۔ وَلنہٕ آمُت۔ ہُرِدنہٕ
آمُت۔ ہمنہٕ آمُت۔ ۴۔ یتھ پرٛژھ گَر
آسہٕ۔ جواب طلَب۔

**ماخوذ کرنا۔** ۱۔ رٹُن۔ بنٛد کرُن۔ پھساوُن۔
وُٹھُن۔ ۲۔ ہرُوٗن۔ رَڈٕ زد کرُن۔
اِلزام کھارُن۔ مُجرِم مانُن۔

**ماخوذ ہونا۔** گرفتار گژھُن۔ رٹنہٕ یُن۔

**ماخوذی۔** گرِفتاری۔ گرفتار گژھنٕچ حالتھ۔

**ماخولیا۔** [ت۔ ماخوٗل یا۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ پاگَل۔
دیوانٕہ۔ موٗت۔ ۲۔ بے وِقوٗف۔ اٙحمق۔

**مادام۔** [ت۔ ما۔ دام۔ ع]۔ ۱۔ یوٚتام: توٚتام۔
۲۔ ہمیشہٕ۔ پرٛتھ ساتہٕ۔ ہَر وَقتہٕ۔ ۳۔ خوتوٗن۔
بیگم۔ پادشاہ بائے۔

**مادام الحیات۔** ساری سے واُنسہٕ۔ یوٚتام
زندگی چھِنے۔ اٙنٛدٕ وَنٛد۔ ہمیشہٕ۔

**مادر۔** [ت۔ مادر۔ ف۔ مؤنث]۔ مأج۔
وٲلِدٕ۔

**مادرانہ۔** ماجہِ ہنٛد ہیوٗہ۔ ماجہِ ہنٛدی پأٹھی۔
ماجہِ ہِشس۔

**مادر بخطا۔** اَکھ قسمٕچ سَخ ماجہِ لیکھ۔ تہٕ
ڈِنہٕ گو: چأنی مأج آس مالزادہ۔

**مادر پدر ہو رہے ہیں۔** لبکہٕ لیکھ چھِنے
نیران۔ لیکہٕ فاش چھِ یوان پرنہٕ۔

**مادر خواہر کرنا۔** مأج بینِنہٕ کُنہٕ نٔھوٚنی۔ ماجہِ
بینِنہٕ لبکہٕ ژارنہٕ۔

**مادر خواہی کرنا۔** ناو ہیتھ ماجہِ لیکہٕ کڈنہٕ۔ ماجہِ
لیکہٕ ژارنہٕ یا کَڈنہٕ۔

**مادرِ رضاعی۔** دودٕ مأج۔

**مادر زاد۔** پأدٲیشی۔ یتھ پأٹھی ماجہِ
زامُت چھُ تیتھے یتھ زِنہٕ گُراوس۔

بہ اکھ گوہ ننگے ۔ نبتہٕ نوٚن ۔

**مادر زاد اندھا** ۔ زینہٕ اوٚن ۔ زینہٕ گرِ پیٹھے اوٚن ۔

**مادر زاد ننگا** ۔ نبتہٕ نوٚن ۔ عُریان ۔ ننگے ۔

**مادر علاتی** ۔ وۄرِ ماج ۔ پَننہِ ماج نہٕ ۔

**مادر گیتی** ۔ ماج زمین ۔ ماج بُتراتھ ۔

**مادرِ مادر** ۔ ماجہِ ناز ۔ ماجہِ ہٕنز ماج ۔ ماتامال ۔ ناز

**مادری** ۔ پادایشی ۔ ماجہِ ہٕنٛد ۔ ماجہِ ہٕنٛزِ طرفہٕ ۔ زینہٕ گرِ ہٕنٛد ۔

-: لُکہٕ کَتھ :-

**مادر چہ خیالیم و فلک در چہ خیال** ۔

اَسہِ کیا ؛ سونچان تہٕ دُنیا کیا ؛ داپان

یہ چھِ ثمر وزِ ونان یِیلہِ کانٛہہ یِژھنس

کانٛہہ اَدلہٕ بدل گژھہٕ ۔

**مادہ** ۔ [ت : مادّہ ۔ ع ۔ مذکر] ۱۔ پرتھ چیزُک اَصل ۔ سُہ چیز یتھ مٕنٛزٕ کانٛہہ دوٚیِم چیز بناونہٕ ییہِ ۔ ۲۔ قابلیت ۔ صلاحیت ۔ کیٛنٛہہ کرنس لایق آسُن ۔ تگُن ۔ ہونر ۔ ۳۔ جسم ۔ وجود ۔ کلے ۔ ۴۔ بود ۔ گاٹٕہ ۔ دِماغ ۔ فکرِ ترنک ۔ قوَتھ ۔ ۵۔ پاکہٕ ۔ پال ۔ مادٕہ ۔

**مادہ تاریخ** ۔ سُہ مِصرٕ یا فِقرٕ یتھ مٕنٛزٕ کیٛنٛہہ لفظن اَبجد حسابہٕ موٗل گرِتھ سنہ ژھنیران ۔ اَبجد حسابہٕ سُہ فِقرٕ یتھ مٕنٛزٕ کیٛنٛہہ حرفن ہٕنٛد موٗل رلاوِتھ سنہ ژھیوان گژھہٕ ۔

**مادہ رو** ۔ ہیجڑ ۔ دِیہہٕ مۆہنیُو ۔ لانٛژہ مۆہنیُو ۔ زنانہٕ زوٚے ۔

**مادہ گاو** ۔ گاو ۔

**مادہ نہ ہونا** ۔ قابلیت نہٕ آسٕنۍ ۔ صلاحیت نہٕ آسٕنۍ ۔ لایق نہٕ آسُن ۔

-: لُکہٕ کَتھ :-

**مادہ بر عضوِ ضعیف میریزد** ۔ کمزورس پیٹھ چھِ ژکھ گژھان ۔ کمزورس چھِ ساری پوشان ۔ ییمتِس چھِ ساری لتہٕ مۆنٛڈ کران ۔

**مادھو** ۔ [ت ۔ مادھو سنسکرت ۔ مذکر] ۔ کرشن جی سُنٛد لقب ۔ گزشتہٕ سُنٛد اَکھ ناٹھہٕ نیا رُک ناد ۔

**مادھو کا دینا نہ اودھو کا لینا** ۔ مامِلہٕ ساف آسُن ۔ بکھیر فرق نہٕ آسٕنۍ ۔

**مادی** ۔ [ت ۔ مادی ۔ عربی] ۔ اَصلی ۔ پَنُن ۔ قدرتی ۔ ذاتُک ۔ سہ مادِ موجوب دوچھنٛدُک ۔

**مادیان** ۔ [ت ۔ مادیان ۔ ف ۔ مؤنث] ۔ گُر ۔ گرِ ہٕنٛز مادٕہ ۔ مادی یان ۔ گُرد ۔

مادیت۔ ۔ مادی ہُت۔ ہُتہ وجود آسُن۔ یہ وُلس تُل آسُن۔

مادین ۔ ۔ ماد۔

ماذنہ۔ [ت۔ ماذنہ۔ ع]۔ مُشید ہُنز سُہ خاص جاے یتھ بانگ پران چھُ۔ مُشیدُک سُہ حصہ یتھ پیٹھ بانگ پران چھُ۔

ماذون۔ [ت۔ ماذون۔ ع۔ صفت] یمس کُنہ کامہ ہنز اجازتھ دِنہ آمُت۔

مار۔ [ت۔ مار۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ سرپ۔ ۲۔ دب۔ ٹاس، مارگنڈ، ڈگہ مار۔ ۳۔ قتل کرُن۔ حملہ کرُن۔ ۴۔ ذکہ صدمہ۔ دوکہ۔ ۵۔ لانتھ ملامتھ۔ شاپھ۔ آزار۔ ۶۔ خونِ کھیون، دباون، نوقصان، گاڑ، خسارہ، خیانتھ۔ ۷۔ لوٹھ، تباہی۔ تُبیچھ تُھپ۔ ۸۔ خوداے قہر۔ بلاے نازل۔ شامتھ۔ ۹۔ سزا، عوضہ ماڈن سزا۔ ۱۰۔ کھوژناون، آہر بیہناون۔ ۱۱۔ شدت۔ زیادتی۔ بلاے۔ ۱۲۔ خرچ، مصرف ۱۳۔ کارِ بار۔ کام کوٹ۔ ۱۴۔ کوشش۔ جلدی۔ تاکید۔ باندباند۔ ۱۵۔ سختی۔ گذر بسر۔ علاج۔ ۱۶۔ دور پرہ، نہر، جولب ۱۷۔ دوکھ۔ چال، فریب۔ ژھل۔ ۱۸۔ یُس مار، یُس مارتھ تراو۔ ۱۹۔ لائق۔ طمع۔ ۲۰۔ اکھ رُت میٹھر قسم۔ ہری میٹھر۔ ۲۱۔ نرم میٹھر یتھ اکثر دانہ چھُ بوان۔

مارا۔ (ہندی۔ مونث)۔ کنجہ زمین۔ سُہ زمین یُس رُودِ سیتی سنگہ وُنہ چھے پوان۔ بارانی زمین۔

مارا۔ ۱۔ یُس مارگنڈ آسیکھ کورمُت، کانیوُنہ آمُت ۲۔ قتل کورمُت، مورمُت یُس چوبُو سیتی لیتھ لور آسہ آمُت کرنہ۔ ٹوپُر آمُت۔ ۳۔ یُس تکلیف آسہ دِتمُت دوکھ لد۔ یُس مصیبتھ پیومُت آسہ۔ ۴۔ تباہ گومُت، برباد گومُت۔ ۵۔ یُس مار آسہ دِنہ آمُت، زہر، زہر چھ گرناونہ آمُت۔ بیتاب کورمُت۔ ۶۔ یُس نوقصان آسہ دِتمُت، تباہ گومُت بوز برباد گومُت۔

مارا پانی نہ مانگے۔ مورمُت کیا منگہ ترِیش۔ یہ چھ تمہ سہچر وَنان یلہ کانہہ ہنگہ تہ منگہ مرہ۔

مارا پڑنا۔ ۱۔ مارنہ یُن۔ قتل سپدُن، مارُن۔ ۲۔ خارس منز روزُن، گاٹس منز روزُن۔

۳۔ تباہ گژھن۔ بۆرباد گژھن، تیوٚت
نوقصان گژھن. یُتھ زُوٚس گُدرِ۔

**مارا پھرنا۔** ۱۔ وُتہٕ وُتہٕ پھیرُن؛ دَربدَر پھیرُن۔
آوارٕ پھیرُن۔ ۲۔ دَکہٕ تہٕ ڈُلہٕ کھیوان
پھیرُن۔ ڈَب تہٕ دٕژسی کھیوان پھیرُن۔
بےٚ قدری گژھنۍ۔

**مارا اُتارنا۔** ۱۔ مارُن، مارِتھ ژھنُن۔ زِندٕ
نہٕ تراوُن۔ ۲۔ مَرنَس واتہٕ ناوُن۔
پریشان کرُن۔ حاران کرُن۔

**مارا تو کیا مارا۔** مۆدمُت مارُن چھُنہٕ کانٛہہ
کمال۔ یُس پانے مَران آسہِ تَس مارُن کُس
کمال چھُ۔ مۆدی ہَنٛزِس لَتھ ترٲوِنۍ کیا
کمال چھُ۔

**مارا جانا۔** ۱۔ زُوٕ نِشہِ گژھن؛ قتل گژھن۔
مرُن۔ اَنجامَس واتُن۔ ۲۔ پھٹُن۔
ضایہ گژھن، وٕڈھوٗل نہٕ سَپدُن یَل
لگُن۔ ۳۔ تباہ گژھن۔ بۆرباد گژھن۔
واٰران گژھن۔ ۴۔ کمینہٕ یُن۔ دَہادنہٕ
یُن اِحق بیترِ۔ ۵۔ شِہتہٕ پِنۍ۔ بَلایہ
مَنٛز ہینہٕ یُن۔ آفتَس یا مُصیبتَس مَنٛز
پھسُن۔ ۶۔ (اشارٕ پاٹھۍ) غاب گژھن،
وُڈِتھ گژھن۔ نۆنۍ نہٕ نیرُن تباہ گژھن

راوُن۔ ۷۔ گُزارٕ نہٕ روزُن۔ کُنہٕ لایق نہٕ
روزُن، ژُور پھرِنۍ۔ ۸۔ ذٔلیل گژھن۔
خارٕ گژھن۔

**مارا دھرا ہونا۔** ۱۔ قبرِ بُٹھس پیٹھ وُتُمت۔
مَرنَس وُتمُت۔ مَرنہٕ نزدیک۔ ۲۔ (وَرگہٕ)
مورِد گژھن۔

**مارا لہرئیے۔** سَرپہٕ ٹوپہ چھُنہٕ شاہ
دِوان ہینہٕ۔

**مارا مارا۔** ۱۔ پۆتُس پَتھ۔ پےٚ ہَم۔ لگاتار۔ برابر۔
ژھینہٕ وَرٲے۔ ۲۔ ژلہٕ ژلہٕ، دَکہٕ دکھ۔
بِہر بارٕ سے۔ ترِپہٕ ترٛپھ۔ ۳۔ گُنٛجار۔
ہُرٕ بَرتہٕ ژٕرٕبرٕ۔ کَنٛشرٕ سَتھ۔ ۴۔ زُوٕ ژُٹن۔ پانٛن
گالُن، سیٹھا ژکھُن۔ جانفِشانی کرِنۍ۔
۵۔ جِدٕ جُہد کرِنۍ۔ کوشِش کرِنۍ۔ مینَنَتھ
کرِنۍ۔ ۶۔ دُوٕ دَو۔ اَلہٕ اَلہٕ۔ اَفراتفری۔
۷۔ ظُلمہٕ سِتَم۔ مار گَنڈ۔ پزرٕ پیٹھۍ ظُلم۔

**مارا مارا پھرنا۔** ۱۔ وُتہٕ وُتہٕ پھیرُن۔ دَربدَر
پھیرُن۔ آوارٕ پھیرُن۔ پریشان پھیرُن۔
۲۔ ہٹرِ ہٹرِ پھیرُن۔ دُکَن تہٕ ڈُلُن لگُن۔

**مارا مار جانا۔** کُن نہٕ واتُن، پوشُن پِلُن نہٕ۔
پیتھ تِہتھ پِلُن۔

**مارا مار چلا آنا۔** شِشی کرِتھ یُن۔ ڈُلی ڈُلی یُن۔

ہیئس وُژھ کرُن۔

**مارا مار کرنا۔** ۱۔ سخ جکھُن۔ دوِ دو کرِنی،
گشالہ سان کاتھہ کام انُد واتناوِنی، گنہ
چھِرک گنتھار کرُن۔ مشگُن۔ وُگرائے کرِنی۔

**مارا ہوا۔** تباہ کورمُت۔ برباد کورمُت،
پریشان کورمُت۔

**مارا ہوا ہونا۔** موت آسُن، دیوانہ آسُن،
گانسہ پتھ گومُت آسُن۔

**مارِ آستین۔** کانہہ ہُند پھِل۔ پننے
عزیز بیگ۔ دوس لاگِتھ دُشمن۔

**مار آنا مار نہ کھانا۔** پانہ ظالم آستھ بے
بسندِس ظُلمس خِلاف احتجاج کرُن۔
پنُن بول بجا اُنُن نہ بییس نہ کینہہ کرِنہ
دِیُن۔

**مار بر گنج ہے۔** کونڈ چھ گومُت۔ نہ چھُ
کھیوان تہ نہ چھُ کھینہ دِوان، نہ چھُ
پانہ خرچاوان نہ چھُ خرچنہ دِوان۔

**مار بھگانا۔** شکس دِیُن، لڑایہ منز ہارناوُن۔
لار ژانِنی۔ ژنڈ ژنڈ دِوان ژلراوُن۔

**مار بیٹھنا۔** ۱۔ ٹھہراسُن۔ لوِرلاوُن کرُن۔
چوبہ ہنکار کرُن۔ بتھا پرہ لایہ منہ۔
۲۔ شعبہ کرُن۔ بد دیانتی کرِنی۔

خیانتھ کرُن، کھیون۔

**مار پٹائی۔** ژگہ مار۔ زدِ کوب۔ الہسرا لہسی۔

**مار پٹنا۔** مار پیون۔ زدِ کوب کرُن۔ دگن
مُرتھ سپدِنی۔

**مار پچھڑ ہونا۔** دبدبہ منز آسان ہاوُن۔
کانسہ یڈ آسان کُن گژھنی۔

**مار پڑنا۔** ۱۔ مار پیون۔ چوب پینی، پازار
پینی۔ ۲۔ خودائی قہر نازل سپدُن۔
مُصیبتھ یُن۔ دہ کو واتُن۔ صدمہ واتُن۔
۳۔ ضُبر پیون۔ ژہٹ پیدِنی۔

**مار پڑے۔** ۱۔ چوب پیینے نے۔ ۲۔ بلاے
پی نے، شاہمتھ پی نے۔

**مار پیٹ۔** مار گنڈ۔ چوب بیتر۔ ہر،
نیلاے بیتر۔

**مار پیٹ کے۔** کمہ تام گشالہ۔ کیتھ تام گنی۔
مُشکلہ سان۔

**مار پیچ۔** ۱۔ جُنڈ۔ تالہ ہُند چھیوت۔
۲۔ کھُر، ؤر۔

**مار پیچ کی باتیں۔** دغل دستی ہنز کتھہ۔
دغا بازی ہنز کتھہ۔

**مار پیچ کی راہ۔** ہنگ وتھ، گھُری دار وتھ۔
ؤرل وتھ۔

**مار پیچھے سنوار۔** پتہٕ چھےٚ ژ نانہٕ ژمل ژدی گژھنہٕ پتہٕ پانس یژتہ شوبہٕ موکھ وَنان۔

**مارتا ہوا۔** ڈالہٕ دِوان دِوان۔ ژھایہٕ گتہٕ گرہٕوُن۔

**مارتے خان۔** (اشارہٕ پٲٹھو) بہوُدر۔ ظالم۔ زبردس۔ زوراوار۔

**مارتے خان سے سب ڈرتے ہیں۔** ظالمس چھِ ساری کھوژان۔ زوراوارس نِش چھِ ساری پناہ منگان۔

**مارتے مارتے الو بنا دینا۔** ماردی دی گفتہٕ کرُن۔ گاشچھ کڈُن۔ سنہ مار دِیُن۔

**مارتے مارتے بُھرکس نکال دینا۔** لایان لایان برکس کرُن، جان کڈُن ہیٹھا مارُن۔ الہسہ الہسہ چوب دِنہٕ۔ ماردی دی ژوٚمراوُن۔

**مارتے مارتے مجبور کر دینا۔** ماردی دی پتھر پاوُن۔ سنہ مار دِیُن۔ وَزِدی وَزِدی دِنہٕ۔

**مار چال۔** ہیٚنڈ دیس منز اکھ شارٕ ذاتھ۔

**مار چلنا۔** لائن ہیٚون۔ لائن شوٚرُ گرُن۔

**مار دِلوانا۔** لایہ ناوُن۔ چوبہٕ ٹھکار کرناوُن۔

**مار دو زبان۔** منافق۔ اوٚرک یوٚر وَنن وول۔

**مار دھاڑ۔** مار گنڈ۔ لڑائی۔ جنگہٕ جدل۔

**مار دینا۔** ۱۔ مارُن۔ قتل کرُن۔ ہلاک کرُن۔ ۲۔ شرارتس منز کانٹسہ پیٹھ اتھ تُلُن۔ کانٹسہ لایُن۔ زدوکوب کرُن۔ ۳۔ موٚنٹہٕ بازی کرٕنہٕ۔ زنانہٕ کام ہیٚنہٕ۔ ۴۔ پانٹسہٕ بیترِ دباوُن۔

**مار ڈالنا۔** ۱۔ مارُن۔ قتل کرُن۔ ہلاک کرُن۔ مارِتھ ژھینُن۔ ۲۔ کنہٕ کارک نہٕ تھوُن، کنہٕ لایق نہٕ تھوُن۔ برباد کرُن۔ تباہ کرُن۔ ۳۔ موت کرُن، مُٹراوُن۔ پیٚن دلوانہٕ بناوُن۔ ۴۔ بےٚ تاب کرُن۔ بے قرار کرُن۔ وُلہش دِیُن۔

**مار ذبح کرنا۔** ختم کرُن۔ مارِتھ ژھینُن۔ مارہٕ مار کرٕنہٕ، قتل کرُن۔ زِندہٕ نہٕ تراوُن۔

**مار رکھنا۔** ۱۔ زِندہٕ نہٕ تراوُن، مارنہٕ بغار نہٕ تراوُن۔ ہلاک کرُن۔ زو ہیٚون۔ ۲۔ موت کرُن، عاشق بناوُن، فریفتہٕ کرُن ۳۔ سم سوٚتر کرُن۔ وُجارٕ کرُن۔ بور باد کرُن۔ پریشان کرُن۔ ۴۔ کانٹسہٕ ہنٕدِس مالس پیٹھ) ناجایز قبضہٕ کرُن۔ ۵۔ نابود کرُن۔ غایب کرُن۔

مار رہنا۔ کُنیِہ تیٖزی روزٕنۍ۔ گُنہگار روزُن۔ سیٹھا آسُن۔

مار سکنا۔ مارُن لایق آسُن، مرُن لایق آسُن۔

مار سے بھاگنا۔ چوبَن ہِنٛدِ خوفہٕ ژلُن۔ مار پینہٕ کِنۍ خوفہٕ دۄد ترٛاوُنۍ۔ ٹۄسی دَسنہٕ کِہ خوفہٕ ژلُن۔

مار سے بھوت بھاگتا ہے۔ چوبَن ہِنٛدِ کانٛہہ چھِہ جِن تام ژلان۔ مارِک ناد بوزِتھ چھُ دیوُن تہٕ خوف اَژان۔

مارِ ضحاک۔ ضحاکہٕ سِنٛدیٚو پھیکیو مَنٛز وۄتلُن دٕ اُلۍ سَر یِمہٕ یِم انسان کادٕ ژین پیٹھ پلان اَسۍ۔

مار کٹائی۔ لایہٕ لاے۔ چوبہٕ چوب، مار گنٛڈ۔

مار کر بیٹھا کر دینا۔ تُل اَنِتھ بزرِکِہ دِن۔ ناد ہیتھ گالُن۔

مار کھا جانا۔ دوکھس مَنٛز یُن۔ دوکھ کھیٚون۔ فریب لگُن۔

مار کھانا۔ ۱۔ مار کھیٚون، شَلکھ کھیٚون، گوسر دُسنہٕ۔ ۲۔ ژھل بازی کرِتھ زیٖنُن۔ ژھل کرِتھ اَتھس مَنٛز اَنُن۔ ژدٕرِ نِتھ کھیٚون۔ مَنٛز گنڈُن۔

مار کھانے کی باتیں۔ چوبَن لایق کتھہٕ۔ پاژارُن لایق کتھہٕ۔

مار کھانے کی نشانی۔ یہِ چھِہ کمزورس مُتعلق دُنان زِ یمہٕ چھِہ مار کھیٚنکہٕ آثار۔

مار کھلوانا۔ کانٛہہ دُگہٕ ناوُن، کانٛسہِ چوب دیاوِناوُنۍ۔

مار کے۔ ۱۔ حدٕ روٛس۔ بے حد، سیٹھا زیادٕ۔ اَنٛتھہٕ روٛس۔ ۲۔ دَب دٕ اَلِتھ۔ ٹۄسی دِتھ۔ مار گنٛڈ کرِتھ۔

مار کے اُلو بنا دوں گا۔ تیٖتھ مارِ ژےٚ یُتھ لبہ کھسنے۔ مار دی دالے دُتل۔

مار کے اُلو کر دوں گا۔ وُچھو "مار کے اُلو کر دوں گا"۔

مار کے آگے بھوت بھاگتا ہے۔ چوبَن برٛونٛہہ کنِہ چھُ بھوُت دُرن تہٕ کارِ خم اَژان۔ چوبَن ہِنٛدِ کانٛہہ چھِہ دیوتا تِتھ گن روزان۔

مار کے فرش کر دینا۔ مار دی دی لیٚتھ لور کرُن۔ مار دی دی اُڈی پر پھیٚسٹر کرُن۔ تیٖتھ مار وُین یُتھ دَراز دِتھ پھیٚیہ۔

مار کے مرنا۔ بٕنیس یا رِتھ پانہٕ مرُن، کانٛسہِ ژدٕ ہیتھ پانہٕ ژدٕ دِیُن۔

مار گرانا۔ مار دی دی پَتھر پاوُن۔ لاے لاے

سۆت کرُن۔ دَب دِیُن۔ ہارناوُن، تَل
اَنُن، تھۆد تُلتھ دَب کڈُن۔

**مارگزیدہ۔** یَمِس سَرپھن ٹوپھ آسہٕ وِزہٕر
یُس سَرپھن کھیتھ مُت آسہٕ۔

**مارِ گنج۔** ۱. سُہ سَرُپھ یُس دیارٕ کھوڈُس
پیٹھ بیہہٕ۔ ۲. کۆنٛد تہٕ کنجوٗس
شخص۔

**مارگیر۔** ۱. سَرُپھ رَٹُن وول۔ یُس سَرپھ
ثانتھ آسہٕ۔ سَرپھ تماشہٕ ہاوُن وول۔
۲. مکار، حیلہٕ کرُن وول۔ ژھلہٕ گور۔

**مارگیری۔** مکاری۔ چال سازی، ژھل
بازی۔ دوکھہٕ بازی۔

**مارگیسو۔** ... (ورگہ)
ماشوقہٕ ... کھیش، زُلف۔

**مارلات پوٹا پھٹ جائے۔** ...
گو: چالاکی تہٕ ژُرہ چلاوُن۔

**مارلانا۔** ۱. مارِتھ اَنُن۔ شکار کرِتھ اَنُن۔
۲. غصب کرِتھ اَنُن۔ تھپہٕ اَنُن۔
چال کرِتھ اَنُن۔

**مارلیا ہے۔** پرٛاوِ مُت چھُن۔ حاصل
چھُن کۆرمُت۔ کامیاب چھُ گومُت۔

**مارلینا۔** ۱. لُٹاوُن۔ تباہ کرُن۔ برباد کرُن۔
۲. شکاری سُنار کوتر رَٹُن۔ ۳. زیٖنُن۔
فتح کرُن۔ تَل اَنُن۔ اَتھس منز اَنُن۔
۴. کھیٛون۔ غصب کرُن۔ اَتھہٕ مۆرِتھ
نیُن۔ منٛزری گۆل کڈُن۔ ناجائز
قبضہٕ کرُن۔ ۵. شرٛاکرُن۔ ۶. زخمی
کرُن۔ مارُن۔ ۷. تابِع کرُن تَل اَنُن۔

**مار مار۔** ۱. زور کرٕنی۔ لکان گژھن۔ ۲.
لاٛے لاٛے۔ ماری ماری۔ ۳. لتہ مۆنٛڈر
کنہٕ دَر۔ ۴. کوشش۔ تگہٕ دَو۔ ۵.
ہکی ہکی کرُنک شور تہٕ کرٛکہ۔

**مار مار ڈھول اُڑانا۔** ہاو باوُکھ کرٛکہٕ ناد۔
اپنے شان۔

**مار مار رکھنا۔** مجبور سپدِتھ صبر کرُن صبر
کرُنَس تہٕ پارٕ آسُن۔

**مار مار کر بھرکس نکال دینا۔** مار دی
دی اُڈی جہ پھٹرنہٕ۔ مار دِتھ تہٕ تھۆد
وۄتھن لایق تھوٚون۔

**مار مار کرنا۔** ۱. ژرٛنجہ ژرٛنجہ کرنک اجازت
دیُن۔ کلس ژنٛڈ ژنٛڈ دِنی۔ ۲. لتہ کرٛم
کرُن، کنہٕ دَر کرٕنی۔ جواب ہیوٚن۔ ۳.
زوٗ ژرٛنُن۔ سخ ملیمتھ کرٕنی۔ ۴. دوٗرٛہ
کرُن، جلدی کرٕنی۔ ۵. پانس نکھہ تہٕ

پننہ دِیُن۔ اُڈ زاڈ کرُنی۔ لایُن۔

**مار مار کئے جانا۔** کوشِش کران روزُن، کوشِش کرنس نہ پرِگی تھاوِنی۔

**مار مار کے سیدھا کرنا۔** مار دِتھ سیٚزراوُن، مار دِتھ انُن۔ چوبُ مستی سیوٚد کرُن۔

**مار مارنا۔** زدِ کوب کرُن۔ چوب دِنی۔ ٹاسہ والِنی۔ دب والُن۔ ٹاس والُن۔

**مار مار ہو رہی ہے۔** سخ دُتاولی چھے پوان کرنہ۔

**مار ماہی۔** اکہ گاڈ ذاتھ۔

**مار مرنا۔** خود کُشی کرنی۔ پانس شراکہ ژھنِنی۔ پانہ موّر گرُن۔

**مار مُہرہ۔** ۱۔ اُسہ ننگہ یُس سرپھ ہِسند کلہ منز چھ کڈان۔ ۲۔ زہر ردش۔

**مار میں جانا۔** روپیہ دوٚد مُول نہ گژھنہ پھٹُن۔ مار گژھن۔

**مارنا۔** ۱۔ لایُن۔ چوب دِنی۔ ۲۔ حملہ کرُن۔ ٹاس والُن۔ اتھ تُلُن۔ ۳۔ بلہ کرُن (جنگس بیترِ منز)۔ ۴۔ لور جرُن۔ دِیُن۔ سیوٚد کرُن۔ ۵۔ قتل کرُن، شہید کرُن، جان کڈُن۔ زُد ہیوٚن۔ ۶۔ ژرنہ موٚمُہ کرُنی۔ سوٚر گوُن۔ کشتہ کرُن۔ ۷۔ امانتس خیانتھ کرُن۔ حق کھیوٚن۔ ۸۔ رُکاوُن۔ دتھ رٹھنی۔ منزِ ینُن۔ روٚٹ بنُن۔ ۹۔ نشانہ بناوُن۔ ۱۰۔ اتُل کرُن۔ زیر انُن۔ کم کرُن۔ تنبیہ والِنی۔ ۱۱۔ گرٹھ ہُمر اونی۔ ۱۲۔ کم گژھنی۔ کم پیدنی۔ ۱۳۔ ہمُن۔ کم گژھن۔ مدسوٚرن۔ ۱۴۔ ستاوُن۔ تنگ کرُن۔ تکلیف داتاوُن۔ ۱۵۔ تباہ کرُن۔ تور باد کرُن۔ کنِہ کامہ ہنند نہ تھاوُن۔ ۱۶۔ وُجار کرُن، کانسہ لایق نہ تھاوُن۔ ۱۷۔ شرمندہ کرُن۔ احساس تُل کرُن۔ نادِم کرُن۔ ۱۸۔ سزا دِین۔ بیزتی کرِنی۔ ۱۹۔ حلال کرُن۔ گردن دِنی۔ ۲۰۔ زیٚنُن۔ فتح کرُن۔ تُل انُن۔ ۲۱۔ باز زیٚنُن۔ دبدبہ منز زیٚنُن۔ ۲۲۔ ہکناوُن، ژلراوُن، اکتھ کُن وُتلُن۔ ادر ہور ڈالُن۔ ۲۳۔ خورد برد کرُن، غبن کرُن۔ کھیوٚن۔ ۲۴۔ رٹُن۔ زالہ لاگن رپھساوُن۔ ۲۵۔ ٹھانُن، دب کڈُن، دامِ رتھ دیُن۔ برتھ دیُن۔ ۲۶۔ چلاوُن۔ ترّاوُن۔ زیٚنُن۔ ۲۷۔ ہیوٚن۔ دوشس ترّاوُن، کرزکھ دِنی۔ ۲۸۔ کماوُن۔ حاصِل کرُن۔ پراوُن۔ ۲۹۔ فریفتہ کرُن، موت گرُن، عاشق کرُن۔

۳۰۔ ژۆمراوُن، ہۆکھراوُن۔ ۳۱۔ کانٹھہ
پیٚتی دار چیٖز ٹھاسُن یا سُنٛن۔ نیٖزٕ،
شٕراکھ ہیتھ بوٗٹ ناوٕنۍ۔ ۳۲۔ دٕرسہٕ یا
ڈال ۔ ۳۳۔ قوٗ کرُن۔ پنٕنۍ خاہِش
دباوٕنۍ۔ ضبط کرُن۔ ۳۴۔ دایُن ژُنڈ
دِنۍ۔ مضراب لاگُن۔ ضرب دِیُن۔ ۳۵۔
کرُن رعملہٕ منٛز انُن، تھپکُن۔ لاٹھ دِنۍ۔
۳۶۔ (اِشارٕ یا ٹھِ) سلیٹھا وسی یا پیہ سمجھُن۔
ضفیہ سمجھُن۔ ۳۷۔ گھکھراوُن۔ گہُن۔
گرٕ پیٹھ کُنہٕ چیٖزس گژھس دِیُن۔ ۳۸۔
ٹوپھ دِنۍ، تجھُن۔ ۳۹۔ تَل رٹُن چیٖز ن۔
دباوُن، تَل انُن۔ ۴۰۔ زخمی کرُن۔
چھوکھ لٕد کرُن۔ چھوکھ داد کرن۔
۴۱۔ سُوِن ٹیٖب دِنۍ۔ ترٛوپ دِیُن ۴۲۔
دوکھ دِیُن۔ فریب دِیُن۔ دغا دِیُن۔
دوکھہ دِتھ لُٹاوُن۔ ۴۳۔ ننگلاوُن۔
ہٕٹہٕ لبن والُن۔ ۴۴۔ لگہ دِیُن، ہیٚیٹِر دِنۍ۔
۴۵۔ ژھیٚوراوُن۔ ژھیٚتہٕ کرُن۔ مٕد
والُن۔ ۴۶۔ ٹیٹہٕ دار کرُن۔ اُچھ ٹیٚنٹھ
کرٕنۍ۔ زِپہ کرنہٕ۔ اُچھ سٕنی ہاوُن۔ ۴۷۔
چھُوَن تولُن۔ ڈٕنڈ مارٕنۍ۔ ماد دِنۍ۔ ۴۸۔
ژٹُن۔ ژالُن۔ کتھ ترٛاوُن۔ ۴۹۔ شِکار
کرُن۔ زالس منٛز انُن۔ رٹُن۔ ۵۰۔ کم
کرُن۔ سوٗت کرُن، ہولہٕ والُن۔ ۵۱۔
دٲرِتھ دِیُن۔ برِتھ دِیُن۔ ۵۲۔ ژدار نِھاوُن
کھٹیتھ تھوُن۔ ننیٚر نہٕ کرُن۔ ۵۳۔
شٕروپ زاوُن۔ اُنٛدرِکی ہیٚوُن ۵۴۔ زال
ترٛاوُن۔ وہراوُن (زال)۔ ۵۵۔ (اشتہہ)
ترٛاوُن، گٔڈُن۔ ۵۶۔ مرد پُنٛد مردس
کٔٹُن۔ موٗنٛڈ بازی کرٕنۍ۔ ۵۷۔ ٹھُکراوُن۔
ہارناوُن، لوسہٕ ناوُن۔ ۵۸۔ رُسوا کرُن،
ذلیل کرُن، کنہٕ کنہٕ کرُن۔ ۵۹۔ (ڈیرٕ)
ترٛاوُن یا دِیُن۔ ۶۰۔ واریاہ نفع ہیٚوُن۔
واریاہ فایدٕ واتُن۔ ۶۱۔ (مُشک) ہیُن۔
باسُن۔ ژِینہٕ وَن لگٕنۍ۔ ۶۲۔ نِکہٕ لایُن۔
مُش ژھنٕنۍ۔ دَوگ لایُن۔ ۶۳۔ فریفتہٕ
کرُن، عاشق بناوُن۔ موٗت بناوُن۔
قرار راوٕراوُن۔

**مارنے والے سے جلانے والا بڑا ہے۔**

دُشمَن کرِ ژَن کیا یَس خۄ دلے مارٕ
تس کُس ہیکہٕ مارِتھ۔

**مارو۔** ۱۔ مارن وول۔ قتل کرُن وول، ہلاک
کرُن وول۔ ۲۔ یُس منٛزی گول گٔڈٕ۔
یُس رِتھ والُس رِپہٕ۔ یُس قرضہٕ ہور نہٕ۔

۳۔ اکھ وانگُن، قسم۔

**مارو گیر۔** موَنٹھ باز۔ لونڈے باز۔ مَردن زنانہ کام ھلیہ وول۔

**مار ہٹانا۔** ٹَل اُڻ، دَگہ مار کَرِتھ ژرلراوُن۔ چوب دِتھ ژرلراوُن۔

**مار ہونا۔** لَڑائے گرڈھنی۔ ہِر نیائے گرڈھن۔

**مار ہی ڈالنا۔** ماری تھے ژھلُن۔ کھتیے کرُن۔ نیاپی سو کلاوُن۔

**مارے۔** ۱۔ موجوب، کِہی خاطر۔ موکھ۔

۲۔ وڈولمُت۔ لوگمُت۔ (شامتھ) لد، بوزت۔

**مارے باندھے۔** زورِ۔ زور زبردستی کرِتھ۔

**ماری پڑنا۔** شامتھ یِنز۔ صدمہ پہُچن۔ داتُن، نباہی سپدن۔

**مارے پڑنا۔** مارِ یُن۔ قتل سپدن۔ مارِ گژھن۔

**ماری پڑی ہونا۔** اُڈی اُڈ نیرن۔ بدنام گژھن، رسوا گژھن، ذلیل گژھن۔

**مارے پھرنا۔** در بدر پھیرُن۔ دتہ دتہ پھیرُن۔ آوارہ پھیرُن۔ ہٹر ہٹر پھیرُن۔

**مارے پیاس کے۔** ڈدسہ موجوب۔ تیپہ شہ کہنہ، ترلیشہ موکھہ۔

**مارے جوتیوں کے سر پر ایک بال نہ رکھوں**

پاُزار دی دی گالے تالہ مُس۔

**مارے جوتیوں کے فرش کر دینا۔** پاُزار دِتھ پھتر پاوُن۔ مار دِتھ کوُش کڈُن۔

**مارے خوشی کے منہ سے بات نہ نکلنا۔** خوشی سیتی زبو کلہی۔ شادمرگی رکھ کتھ کمو کہرنی۔

**مارے غصے کے۔** اشتیالہ موجوب۔ غوصہ سیتو۔ ملاُنشہ موجوب، ژکہ کھنہ کہنی۔

**مارے غصے کے منہ تمتمانے لگنا۔** ژکہ سیتی کنہ پھیر دوہ زلہ۔ شرارتہ سیتی رتہ بتہ کھسُن۔

**مارے کوڑوں کے کھال گرا دینا۔** کر دِتھ مُسلہ تُلُن۔ کوڑو سیتی مُسلہ ڈُون۔

**مارے مار کر۔** سیٹھا لایتھ سیٹھا چوب دِتھ۔

**مارے مار کے۔** وچھو "مارے مار کر"۔

**مارے مار کر بچھا دینا۔** لئے لئے پھتر پاوُن۔ چوبو سیتی لر تراوُن۔

**مارے مارے پھرنا۔** در بدر پھیرُن۔ دتہ دتہ پھیرُن۔ آوارہ پھیرُن۔

**مارے مرنا۔** مارُن۔ ماریتھ ژھنُن۔

**مارے ہنسی کے پیٹ میں بل پڑ جانا۔** اسان اسان کانہن گرُس گژھن۔

اُسان اُسان ٹلہٕ پھٹنہٕ، ٹلہٕ کانین گژوس گژمن۔
مارے ہنسی کے لوٹ جانا۔ اسان اسان ڈلہٕ گژھن وِنی۔ واریاہ اَسُن۔ کھ رووُس آسُن۔
مارے ہول۔ غم، ڈر یا خوفہٕ کِنہِ دِل بہِتھ گژھنہٕ موکھ۔ سالو کرکھیو۔
مارتے کا ہاتھ پکڑا جاتا ہے، کہنے کا مُنہ نہیں پکڑا جاتا۔ ظالِمس ہیکو اَتھ رٹِتھ مگر کتھ کتالِس کیاہ کرو زِ۔ م: بانہٕ ہَٹس دِی زِ رٹھانٛدٕ ہِتھ اَمہِ ہٕتس کیاہ کرِ زِ۔
مارتے کے پیچھے بھاگتے کے آگے۔ م: ژلہٕ دِہین بڑ ذنہ تہٕ لار دِہین پتہٕ۔
مار کے آگے بھوت بھاگے۔ چوبن ہِنٛدِ کانپہٕ چھو جِن تام ژلان۔
مارِ گزیدہ از ریسماں می ترسد۔ سرپھ سُند ژھُمُت چھُ گاسہٕ تلبن تہٕ کھوژان۔ یُس سرپھن آسہِ ژھوپرُت سُہ چھُ رزِ نہٕ کھوژان۔
مار مار کے جا فتح داد الٰہی ہو۔ انسانس پَزِ نہٕ کوشِش کرنس منزٕ ہمت ہیرون کامیابی چھِنے خدایس اَتھ۔
مار موئے مار تیری ہتھڑی پرائے میری عادت نہ جائے۔ دِژٕ کرتاہ سزا دِکھ پننی اَتھو تھکنے تہٕ بہ گوس نہٕ پننہٕ ہنہ ڈلن دول۔
ماروں گھٹنا پھوٹے آنکھ۔ سوکھتہٕ یتھ ہوٹ لوٹے آسہِ نہٕ۔
مارے آپ لگا دے، تاپ۔ م: پتس گوڈ گوتاہ تہٕ وُگوس چوب۔
مارے اور رونے نہ دے۔ دگہٕ مار کٔرِتھ نہٕ دِیہٕ نہٕ وُدنہٕ تہٕ دُپہِتھ گو: زار پار تہٕ چھِنہٕ بوزان۔ زار پارس چھِنہٕ کن داوان
مارے سپاہی نام سردار کا
کاٹے باڑھ نام تلوار کا
کرِ کزاوِ کُس تام ناو پزاوِ کُس تام۔ مارِ گژھہٕ سپاہ تہٕ سرداس ہُر یزتھ۔
مارے مرے نہ کاٹے کٹے۔ نہٕ مرِ لایہٕ تہٕ نہٕ ژھینہٕ شتراکہِ۔
مار نہ کوٹے دل ہی دل میں گھونٹے۔ کانٛسہِ سیٹھا زبادنہٕ موکھ تس پتی کنہٕ بڑا داتاوُن۔
مارچ۔ [ت: مارچ۔ انگریزی۔ MARCH۔ مذکر۔]

عیسائے (انگریزی) وُرِی یِک ترٛتیٖم
رٕہتھ۔ مارچ۔

مارشل۔ [ت۔ مارشل۔ انگریزی — MARTIAL۔ مذکر]۔ سپہ سالار۔
فوجُک سرٕس افسر۔

مارشل لا۔ فوٗجی قونوٗن۔ یُس قونوٗن یُس
وُجِس منز مُروج آسہ۔

مارکا۔ [ت۔ مارکا۔ انگریزی۔ MARK]۔
۱۔ (سرکاری) موہر، نِشانہٕ۔ ۲۔ چھاپہٕ۔
نِشانہٕ۔ ٹکُر۔

مارکیٹ۔ [ت۔ مارکیٹ۔ انگریزی: MARKET۔
مذکر]۔ بازر۔ سُہ جاے یتہِ خوٗرۆ رتکو
چیٖز کِننہٕ آسن۔

مارکین۔ موٚٹ پاژھو کپُر۔ کور کھدر۔

مارگ۔ [ت۔ مارگ۔ مذکر]۔ ۱۔ علاج۔
طریقہٕ۔ چارٕ۔ ۲۔ وَتہٕ۔ سَڑکہٕ۔

مارو۔ [ت۔ مارو۔ مؤنث]۔ اکہٕ راگنی
ہُنٛد ناو۔

مارواڑ۔ ۱۔ جودپورُک پرٛوٚن ناو۔ ۲۔ اکہٕ
قسمکو باتہٕ یم راجستھانہٕ چھِ گِومان۔

ماروت۔ [ت۔ ماروت۔ ع۔ مذکر]۔ اکِس
فرِشتہٕ سُنٛد ناو یُس عذابس منز چھُ۔

ماریہ۔ [ت۔ ماریہ۔ ع۔ مؤنث]۔ گرٛبہٕ ہُنک
دوٚیُم ناو۔

ماڑیا۔ [ت۔ ماڑیا]۔ کمزور۔ لاغر۔ اوٚژھ۔

مازاد۔ ہُرِ بہانہٕ۔ زٛۆدٕر۔ علاوٕ۔

مازاغ۔ وُچھِو "ما" لفظس تَل۔

مازو۔ [ت۔ مازو۔ ف۔ مذکر]۔ اکھ کیٖمو گوٚژ۔

ماس۔ [ت۔ ماس سنسکرت۔ مذکر]۔
۱۔ رٕہتھ۔ ۲۔ ماز۔

ماس نوچنا۔ ماز ژلُن۔ ژٕکہٕ ژکہٕ ماز ژلُن۔
ماز لوٗکھر ژٕلِنۍ۔ لوکھ کھیتہٕ۔

ماس بنا سب گھاس رسوئی۔ ماز پھلہِ
وُرٕتے رٕنہٕ پھوکہٕ سہ رٕنہٕ پھو گُیہ۔

ماس سب کوئی کھاتا ہے، ہڈی گلے
میں کوئی نہیں باندھتا۔ رٕتس وٕندان
ساری کرٛتس نہٕ پرٛژھان کانہہ۔

ماس سب کھاتے ہیں ہاڈ گلے میں
کوئی نہیں باندھتا۔ قابلس چھِ ساری
شیر لاگان تہٕ ناقابلس چھِ ساری دِرٕ
دِرٕ کران۔

ماسبق۔ وُچھِو "ما" لفظس تَل۔

ماست۔ [ت۔ ماسُت۔ ف۔ مذکر]۔ زامُت
دود۔ زٛۆو رووٕمُت دود۔

**ماسٹر۔** [ت: ماسٹر۔ انگریزی۔ MASTER۔ مذکر]۔ ووستاد، ہیچھ ناوَن وول۔ یُس تالیم دِیہ۔ ماشٹر۔

**ماسلف۔** وِچھو "ما" لفظس تَل۔

**ماسواء۔** وِچھو "ما" لفظس تَل۔

**ماسی۔** [ت: م اس ی۔ مذکر]۔ ماس۔ ماجہِ ہنز بینہ، ماُلی سِنز سال۔

**ماش۔** [ت۔ ماش۔ مذکر]۔ دالہِ ہنز اَکھ قسم۔ مُہہ۔

**ماش کا آٹا ہوا جانا۔** وُشھنہ یِن۔ یوُرک بوُزن۔ نخرٕ کرٕنی۔

**ماش کا پتلا۔** ۱۔ (اشارٕ پاٹھی) خوب صوُرتھ۔ بِرٕ بیہ وُن۔ ۲۔ پیریم زٕنانہٕ بناوِتھ ژوُتس پیٹھ چھٹے تراوان۔

**ماش مارنا۔** جود کرُن۔ سینحر کرُن۔

**ماشی۔** ۱۔ مُہہ رٕنگ، گوٹ موُنگہ رٕنگ ہیوُ۔ ۲۔ مُہہ رٕنگہٕ۔

**ماشی بھورا۔** اَکہِ قِسمُک کوترٕ۔

**ماشاءاللہ۔** وِچھو "ما" لفظس تَل۔

**ماشرا۔** [ت: ماش را۔ سریانی۔ مذکر]۔ (حُکیم کتھ) دٕمہ تہ شاشہٕ سِتی گلس تہٕ بھس کھوتمُت ہنیز۔

**ماشہ۔** [ت۔ ماشہ]۔ ۱۔ اُٹھ رٕتھ۔ اَکھ وزن، ماشہ۔ تولُک اِٹھیُم حِصہ۔ ۲۔ زنیک گیُل۔ واٹہ ڈٕیدٕ۔

**ماشہ بھر۔** رٕتھ کھنڈ۔ ہیوُ نت کھنڈ۔ تہِ یتھ اُٹھ رٕتھ وزن آسہ۔

**ماشہ بھر کی۔** رٕتھا اَکھ۔ ہیوُنت کھنڈ۔

**ماشہ تولہ ہونا۔** ڈٕنجہِ نہٕ روزُن۔ قرار نہٕ روزُن، حالتھ بدلان روزٕنی۔

**ماضی۔** [ت۔ ماضی۔ ع۔ مذکر]۔ پتھ کال۔ پتھ کُن گومُت۔ ترٕوومُت زمانہٕ۔ پتھ کُن گومُت، پتیُم۔ یلیمہٕ پتیُم۔

**ماغ۔** [ف۔ ماغ۔ ف۔ مذکر]۔ اَکھ کوترٕ قِسم۔

**ماقوتی۔** [ت۔ ماقوتی۔ ف۔ مذکر]۔ اَکہِ قِسمُک حلوٕ۔

**ماکولات۔** [ت۔ ماکولات۔ ع۔ مذکر]۔ کھینی لایق چیز۔

**ماکولات ومشروبات۔** کھینہٕ چینکی چیز۔

**ماکول اللحم۔** حلال پوش۔ تِم جانور یمن ہند ماز کھیُن شرع رٕ خوب حلال چھُ۔

**ماکھو۔** [ت۔ ماکھو۔ ہندی۔ مؤنث]۔ آفا۔ ژٕرچیرٕ۔ شوہر تھ۔

**ماکیاں۔** [ت: ماکیان۔ ف۔ مؤنث]۔ کوکٕر۔

ماگھ۔ ہِندی وُرِیُک سٕتیٕم رٔتھ۔ ماگ۔

**ماگھ پوس کی باوری اور کنوار کا گھام**
**ان سب کو جھیل کر کرے پرایا کام**

نوکری مَنٛز چھُ ٹیوٹھ مۄدُر ژالُن پیوان۔

**ماگھ ننگی بلیسا کھ بھوکی۔** دوہے اَتھہ دارِنٛس دوہے مَنٛگہٕ وُنے۔ م: مَنٛگہٕ وُن ہیے ٹنٛگہٕ وِنہٕ پیٹھ تہٕ تھوٚہَن تنہٕ آسہٕ مَنٛگہٕ وُنے۔

**ماگھ کا جاڑا جیٹھ کی دھوپ۔** ماگہٕ تہٕر تہٕ زیٹھک تاپھ دوشوے چھہٕ گٕٹٕری۔

**مال۔** [ت: مال۔ ہندی۔ مؤنث]۔ یونہٕ۔

**مال۔** [ت۔ مالُ۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ سُہ چیٖز یُس بٔنیٖہ سُنٛد آسہٕ۔ مال۔ جاداد۔ روپیہٕ۔ پانٛسہٕ، نَقدٕ رقم۔ ۲۔ دولتھ۔ جاداد۔ سامانہٕ۔ ۳۔ جنِس۔ ۴۔ مالیہٕ۔ لگان۔ ٹیکس۔ ۵۔ مالِش۔ گگھر۔ ۶۔ پاداوار۔ آمدنی۔ زراتھ۔ ۷۔ ڈاک ٹھیلہٕ۔ ڈاکہٕ وٲلی ٹھیلہٕ۔ ۸۔ ماری مۄند ژوٚن یا ژٕنی۔ ۹۔ حقیقتھ۔ اصل۔

**مال اُٹھانا۔** پانٛسہٕ لُوٚٹھ خرچ کرُن۔

**مال اُٹھ جانا۔** مالُس ژوٚر گژھنی۔ مال راوُن۔

**مال اُڑانا۔** ۱۔ فضول خرچی کرٕنی، روپیہٕ خرچ کٔرِتھ عأش وُڈاونی۔ فضول خرچ کرُن۔ پانٛسہٕ بوٚر باد کرٕنی۔ عیأشی مَنٛز پانٛسہٕ اُڑاونی۔ ۲۔ نفیس تہٕ مزدار کھیٚن کھیٚون، قیمتی چیٖز کھیٚنی۔ ۳۔ روپیہٕ غبن کرُن۔ مَنٛز کھیٚون، مَنٛزی گوٚل کٔڈُن۔ ۴۔ روپیہٕ خرچ کٔرِتھ عأش یا مزٕ کرٕنی۔ فضول خرچ کرُن۔

**مال اڑ جانا۔** مال خرچ سپدُن، دولتھ خرچ سپدٕنی۔ روپیہٕ تباہ تہٕ بوٚرباد گژھنہٕ۔

**مال المال۔** گٕنہٕ گژنہٕ ہُنٛد ژوٚرنم بل۔

**مالا مال۔** ۱۔ بَنہٕ ہار۔ زَر خاز۔ ۲۔ تالہٕ تام۔ تال گٕڈٕتھ۔ پُوٚرٕ۔ مالامال۔ ٹیپالہٕ۔ بٔرِتھ۔ خوش حال۔ دولتھ مَنٛد۔ روپیہٕ دول۔ پونٛسہٕ دول۔ آسَن دول۔

**مال اموات۔** موٚردَن ہُنٛد مال۔ لاوارث مال۔ سُہ مال یُتھ کانہہ مالِکس آسہٕ نہٕ۔

**مال بچا بیٹھنا۔** مالُس خوٚرد بُرد کرُن۔ خیانتھ کرُن۔ م:

تم بچا بیٹھے ہو پرایا مال    ان کی مالش کریں گے حاکم سے
(داغ)

**مال پچنا۔** کانٛسہٕ ہُنٛد مال بیٚنہٕ شُرِ پچُن۔ ہضم گژھُن، کانٛسہٕ ہُنٛد مال اَتھہِ لگُن۔

**مال پر زکوٰۃ ہے۔** مالس چھنے کھسان زکات۔ کنایہ مُوجُوب چھ خرچ گڑھان۔

**مال پرست۔** مال پَرَس۔ لالچی۔ سون روپہ ژھاران دول۔

**مال پر لوٹ ہونا۔** کانہہ چیز سیٹھا پسند آسُن۔ چیز پَتھ یا ڈار کھسُن۔

**مال پڑا پانا۔** پتیوٗمت مال اَتھہِ لگُن۔ ہٹھ پتھ دولتھ اتھہِ ییِنی۔

**مال پھیرنا۔** مولی ہیتھ چیز واپس کرُن۔

**مال تال۔** روپیہ۔ پونسہ۔ آسُن لبُن۔

**مال چکھنا۔** مزِ وُچھن۔ کھیون چون۔

**مال چیرنا۔** مال پکناوُن۔ ژور نیُن۔ شرو پراوُن۔

**مالِ حرام۔** حرامک مال۔ حرامچ دولتھ۔ ناجائِز کمائے۔

**مال حرام خور۔** ۱۔ حرامک مال کھینہ دول۔ حرام خور۔ ۲۔ سُہ شخص یُس قرض یا وۄزم ہیتھ واپس کرِ نہ۔

**مالِ حصہ داری۔** شُرکتُک مال۔

**مال خانہ۔** ۱۔ مال گر۔ سُہ مکانہ یتھ منز یتھ مال تھوونہ پیہ۔ ۲۔ گدام۔ خزانہ۔ ۳۔ یتھ منز اناج، غلہ، پھل بیتر تھوونہ پیہ۔

**مالدار۔** مالہ دیارہ وول۔ مالہ وول۔ مالدار۔ پانسہ وول۔ آسُن وول۔

**مالداری۔** امیری۔ دیار آسنو۔ مالہ آسنہ۔

**مالِ دنیا۔** سرمایہ۔ ساز سامان۔ ژرِ ٹپٹ۔ روپیہ پونسہ۔

**مال دھنی۔** مالک۔

**مال ڈھالنا۔** سرِ گرِ موہ مال ترٛاوُن۔ سستہ نیرخہ مال ترٛاوُن۔

**مال سائر۔** موصول۔ گُذر۔ زیج۔

**مال سستے پر ڈھالنا۔** تھج موہ کِنُن۔ مال سستُگ کِنُن۔

**مال سمجھنا۔** مولُل زانُن۔

**مالِ شراکت۔** شراکتھ ہُند پونسہ شراکتُک مال۔

**مالِ ضامن۔** ضمانتھ دِنہ وول۔ سُہ شخص یُس کانسہِ ہندِ قرضُک ذِمہ دار بنہِ یا ذِمہ داری ہیتھ۔ منز اتھن دول۔

**مال ضامنی۔** مالچ ضمانتھ دِنی۔ روپیہ ہنز ذِمہ داری۔ روپیہ نکہ داہچ منزہ داری۔

**مال ضامنی داخل کرنا۔** ضمانتھ دِنی ضمانتچ روپیہ ادا کرِنہ۔ سرکاری خزانس ضمانتچ روپیہ واتناونہ۔

**مال ضامنی دینا۔** ضمانتھ روپیہ برنگ ذِمہ وار بنُن۔ نقد ضمانتھ دِنی۔

**مال ضبطی۔** سُہ مال یُتھ قرق آسہ تھوِنہٕ آمُت۔ یُتھ مالس سرکارِن قبضہٕ آسہ کوٚرمُت۔ قُرقس تل مال۔ سُہ مال یُتھ سرکارکہِ حکمہٕ قبضہٕ آسہ کرنہٕ آمُت۔

**مال طبیب۔** حلالہٕچ کمائے۔ جان مال۔ سُہ مال یُتھ منز اُدرک یوٚرک شامِل آسہِ نہٕ۔

**مالِ غنیمت۔** ۱۔ لوٗٹہٕ مال۔ لوٗٹک مال۔ مالِ غنیم۔ تھٕپہٕ اوٚنمُت مال۔ ۲۔ لڑایہ دوران اَتھس منز آمُت دُشمنہٕ سُند مال (دَرگہٕ) مُفتک۔

**مال غیر منقولہ۔** سُہ مال یا جایداد یُتھ یُس نہٕ اَکہِ جایہِ پیٹھہٕ بیٚیس جایہِ نِنہٕ ییہِ۔ مثلن زمین۔ مکانہٕ بیتر۔ سُہ مال یُس اورٕ یور ہیکہِ نہٕ ڈالِتھ۔

**مال فرود۔** مال تراونچ جاے۔ مال وانچ جاے۔ منڈی۔

**مال کاٹنا۔** ۱۔ ژلِہ وِنہٕ گاڈِ منز مال کڈُن۔ گاڈِ منز زور کرُنی۔ ۲۔ داریاہ مال ہینُن۔

**مال کٹنا۔** ۱۔ مالس زور گژھُن۔ گاڈِ زور پیُن۔ ۲۔ گیتجارِسان مال دِوان۔ گُتل مال دِوان۔

**مال کھانا۔** مال کھیوٚن۔ آسنس لبنس پھٹہٕ پھاک کرُن۔ پانسہٕ لوٗٹک خرچاوِتھ موکلاوُن۔

**مال کھلانا۔** دَولتس پھٹہٕ پھاک کرُن۔ دَولتس دِہ تلُن۔ ڈاس کرُن۔ پانسہٕ آدرِ وادرِ کرُنی۔

**مال کھینچنا۔** مال زینُن۔ مال سوٚمبرُن۔ دیار کماوُنی۔

**مال کی رسید۔** مالک رسید۔ مالچ بلٹی۔

**مال کی خاطر پہاڑ اُٹھاتے ہیں۔** مال حاصِل کرنہٕ خاطرٕ چھہٕ بکریچھر تہٕ پیوان ژالُن۔ پانسہٕ لوٗٹک زینہٕ موکھ چھُ زوتہٕ پیوان ژٔلُن۔

**مال گاڑی۔** مالہٕ گاڑی۔ سوٕ گاڑی یُتھ منز مال سوزنہٕ یوان چھُ۔ مال اورٕ یور سوزنچ گاڑی۔

**مال گدام۔** مال گدام۔ سوٕ جاے یُتھ مال تھونہٕ ییہِ۔ گدام۔

**مال گذار۔** مایہ دِنہٕ وول۔ ٹیکس دِنہٕ وول۔

باج یا ژرج دِنہٕ وول۔

**مالگزاری۔** ٹالیہٕ سرکارٕ ٹیکس یُس زمینداران چھہٕ ہیوان۔

**مالِ گلتا ہے۔** دولتھ چھیٚے آیکرٕ پاٹھی خرچ گژھان۔

**مال گننا۔** پأنسن گژھ ناد کرٕنی۔ دیار گنزرٕنی۔ ہارٕ گنزرٕنہٕ۔

**مالِ لاوارث۔** سُہ مال یمیُک کانٛہہ مالِک آسہِ نہٕ۔ یمیُک نہٕ کانٛہہ وارثے آسہِ۔ یمیُک نہٕ کانٛہہ ٹالی کھیے آسہِ۔

**مال مارنا۔** ۱۔ (کأنسہِ) مال کھیوٚن۔ (کأنسہِ ہُنٛد) مال ہینگلاوُن۔ ۲۔ (اشارٕ پاٹھی) دیار وٕٹھنی۔ میہنتہٕ روٚستے دولتھ پرٛاوٕنی۔

**مال مارُو۔** لوٗٹُر۔ غبن کرن وول۔ ۲۔ غصب کرن وول۔

**مالِ متاع۔** دولتھ۔ جاداد۔ مالٕ اسباب۔ سرمایہ۔

**مالِ محمولہ۔** ۱۔ سُہ مال یُس گاڑٕ ہیتھ کینہہ اوٕر یور نِنہٕ ییہِ۔ ۲۔ جہازس بٔنٛژِ برنہٕ آمُت مال۔

**مالِ مردم۔** ۱۔ بیٚیِن ہُنٛد مال کھینہٕ وول۔ بیٚیِن ہُنٛدِس مالس لوٗٹھ کرن وول۔

۲۔ بدبأپأری۔ یُس کأنسہِ نشہٕ قرضہٕ تُلِتھ ہور نہٕ۔

**مال مست۔** یُس دولتُک دگدگہٕ آسہِ۔ یُس دولتُک نشہٕ آسہِ۔

**مال مستی۔** دولتُک نشہٕ۔ اٰمیری ہُنٛد دگدگہٕ۔

**مالِ مُفت۔** مُفتُک مال۔ کمادنہٕ روٚستُے حأصل سپنہٕ ہڑ دولتھ۔ لوٗٹہٕ مال۔

**مالِ مقروقہ۔** قرقہٕ مال۔ سُہ مال یتھ قُرقی سپنہٕ ہڑ آسہِ۔

**مال منقولہ۔** سُہ جاداد یُس ہینہٕ جایہ پیٚٹھ جایہ ڈالنہٕ ہیکہ ز۔ منقولہٕ جاداد۔

**مالِ موقوفہ۔** یتھ کُن، بِچاڑِتھ تھَونہٕ آمُت جاداد۔

**مالِ مومن۔** مومنہٕ سُنٛد جاداد۔ نہٕ ڈیٖٹھ گو: سُہ مال یتھ قدر کرِ ز۔

**مال نہ سمجھنا۔** دُسی پایہ زانُن۔ قار نہٕ کرٕنی۔ وُقتھے نہٕ زانٕنی۔

**مال والا۔** دولتھ مند۔ اٰمیر۔ سرمایہ دار۔

**مال ور۔** وٕچھو "مال والا"۔

**مال وزر۔** دولتھ۔ ہارٕ دیار۔ روپیہ بٔنٛژِ۔

**مالِ وقف۔** خوداہس ہُنٛدی ناوی تھوٚومُت مال۔ وقفہٕ مال۔ وقف تھوومُت مال۔ نیازٕ مال۔

**مال ومتاع** ۔ دیکھو "مال و دولت"۔

**مال ہاتھ لگنا** ۔ مال ژھُن ۔ دولتھ ژھُنۍ ۔

**مال ہونا** ۔ ۱۔ موٗلُل آسُن ۔ قدر گرُن لایق آسُن ۔ ۲۔ حسین آسُن ۔ خوبصورتھ آسُن ۔

**مالی** ۔ مالک ۔ یتھ مالس جاداس سیتی توٗلُق آسہٕ ۔

**مالیت** ۔ ۱۔ سرمایہ ۔ دولتھ ۔ ۲۔ موٗل ۔ قیمتھ ۔

**مالیت جانچنا** ۔ موٗل کرُن ۔ موٗلہٕ وُن ۔ قیمتھ کرُن ۔

**مالی کام** ۔ روپیَن پانسَن ہنز کام ۔ پیسکاو دکاو ۔

—: توک کیتھ :—

**مال از بہر آسایش عمر است**
**نہ عمر از بہر گرد کردن مال ۔**
پانسہٕ چھُ زندگی ہنزِ باپتھ نہ زندگی چھےٚ پانسَن ہنزِ باپتھ ۔

**مال حرام بود بجائے حرام رفت** ۔ م: حرامُک مال حرامچہِ وٕتہٕ نہ گژھہٕ وٕتہٕ گژھہٕ تتہٕ ۔

**مال عرب پیش عرب** ۔ پٔنُن مال پنَنین اَتھن تَل آسُن چھُ جان ۔

**مال کا منہ کرتا ہے جان کا منہ نہیں کرتا** ۔ مالہٕ خاطرٕ یَزَتھ کٕنُن ۔ پونسہٕ بُنس تہٕ یزتس تہٕ وُچھہٕ نہ کینہہ ۔ پانسہٕ پزُھو گرنا وُ دستارس نہ لتہ موٗنڈ ۔

**مال کا نقصان جان کی خیر** ۔ مال راوِتھ زو بچُن ۔ مالک نقصان گژھتھ زُو بچُن ۔

**مال لٹے سرکار کا مرزا کھیلے پھاگ** ۔ م: اکس دزان دار بیاکھ وُشادان اتھ ۔

**مالِ مفت دلِ بے رحم** ۔ مُفتُک مال چھُ بییَن دایہ پاٹھی خرچ گرنہٕ یوان ۔ مُفتیچہ دولتُچ چھےٚ نے قدری کرنہٕ یوان ۔

**مال موذی نصیب غازی** ۔ یہ چھُ تمہ وِز وَنان ییلہ کانٔسہٕ مُہند چیز ہنگہ نہٕ منگہ بییس نش واتہٕ ۔ م: اکی سُند تے بییس سُند غذا ۔

**مال نثار جان بود جان نثار آبرو** ۔ زُوک خاراتھ گو مال تہٕ یزتہٕ خاطرٕ چھُ زُو تھوربان گرُن پیوان ۔

**مآل** ۔ [ت ۔ مال ۔ م آل ۔ ع ۔ مذکر] ۔ ۱۔ آداز پھیرتھ ییچ جلے ۔ پھیرتھ زنیچ جلے ۔ ۲۔ آخرس ۔ پتس ۔ پھل ۔ میوٕ ۔ انداخر ۔

**مآل اچھا ہونا** ۔ انجام رُت آسُن ۔ جان پاٹھی اند واتُن ۔ انجام بیتھر آسُن ۔

**مآل اندیش۔** یُس نظر دُور آسہِ۔ کُنہ کتھِ
ہُنٛد انجام سوچُن وول۔ دُور اندیش۔

**مآل ایک ہونا۔** کُنے انجام آسُن۔ ہوٗے
انجام آسُن۔ نتیجہٕ اکھ آسُن۔

**مآل بیں۔** یُس انجامس پیٹھ نظر آسہِ،
گامُل۔ نتیجہٕ بُرٛونٛہہ کُنہ تھاوَن وول۔

**مآل دیکھنا۔** نتیجہٕ وُچھُن۔ انجام وُچھُن۔

**مآل سوچنا۔** انجامس پیٹھ سوچُن۔ انجام
نظرِ تَل اَنُن، انجامٕچ فِکرِ کَرٕنۍ۔ نتیجس
پیٹھ نظر تھاوٕنۍ۔

**مآل کار۔** ۱۔ کامہِ ہُنٛد حاصل۔ کامہِ یا کارُک
انجام۔ ۲۔ پٔتُس، جمیکِرس، نتیجہٕ
موٗجوب۔ اِمامہٕ حُسینؑ سٕندِ مجلسہِ مَنٛز
شامِل لُکن ہُنٛد زالہِ زالہِ اوٗش ہارُن۔

**مآل کار سمجھانا۔** انجام فکرِ تارُن، نتیجس
کُن توجہ پھِرُن۔

**مآل کی خبر رکھنا۔** انجامُک خیال تھوٗن۔
انجامس پیٹھ نظر تھاوٕنۍ۔ نتیجُک خیال تھوٗن۔

**مآل معلوم ہونا۔** نتیجہٕ نظرِ تَل آسُن۔ انجامہٕ
نِشہِ خبر دار آسُن۔

**مالا۔** [ت۔ مالا] ۱۔ ہار۔ گجر۔ مال۔ پوٚشن،
سوٗنس یا موکھتس کُرِ مال ۲۔ تسبی۔
ژُپہ مال۔ ۳۔ اکھ کُل یتھ ووزُل بوٚش
چھ پھولان۔

**مالا جپنا۔** مال پھیرٕنۍ۔ ژُپہ مال پھیرٕنۍ۔

**مالتی۔** [ت۔ مال تی۔ موٗنث] ۱۔ اکہِ بوٗٹہِ
ہُنٛد ناو۔ اکہِ قسمچ ٹٔھر۔ ۲۔ چنبیلی۔
اکہِ پوشک ناو۔ ۳۔ جوان زنٛانۍ۔ ۴۔ دُری یاد۔
۵۔ زوٗنہٕ گاش۔

**مالتی لبسنت۔** سونہٕ درقن تہٕ موکھتس
پیٹھ تیار کورمٕت کُشتہٕ۔ یُس کاژ
بیمارِ لگان چھ۔

**مالزادہ۔** [ت۔ مال زادُہ۔] ۱۔ حرامُک شُر
حرام زادٕ۔ حرام گٔٹھ۔

**مال زادی۔** ۱۔ دزال۔ زنانَن بیتر دزالز
کھبنہٕ واجینز۔ ۲۔ گانٛی۔ کنجر بینی یا النائق
کو پھِنچل زنٛانۍ۔ بے حیا۔ کٔڈ ہش۔

**مالسری۔** [ت۔ مال سری۔ سنسکرت۔ موٗنث]۔
اکھ راگ یُس دُپہر پتہٕ گیوان چھ۔

**مالش۔** [ت۔ مالش۔ ف۔ موٗنث]۔ ۱۔
(دکانہٕ چیز) مَلُن۔ پھَش دِنُن۔ گگھر دِنۍ۔
۲۔ درد کہ پھیرٕنۍ۔ مَن پھیر لگُن۔ ۳۔
گرزکھ۔ صفائی۔ جلاو۔

**مالش کرنا۔** ۱۔ (دکانہٕ چیز) مَتھُن، مَلُن، مالش کرٕنۍ۔

۲. مانجُن۔ صاف کرُن۔ چمکاوُن۔ پالش
کرِنی۔ گزکھ دِنی۔ ۳۔ درو کھ ینی۔ دروہ کھ
پھیرِنی۔ وُلٹی ینی۔

**مالک**۔ [ت۔ مالِک۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ آغہٕ۔ مالکھ۔
مالکِ کُل۔ ۲۔ خوداے۔ بگوان۔ دِے۔
۳۔ کُنہٕ چیزُک مالکھ۔ مِلکیتھ دار۔ قابض
۴۔ رُون۔ خاوُند۔ خانہٕ دار۔ ۵۔ موختار۔
یختیارٕ وول۔ خود موختار۔ ۶۔ حاکم
افسر۔ سردار۔ زٕٹھ۔ ۷۔ سُنی فرقہ کھ
ژورو اِمامو منز اکھ مشہور امام یُس
ناوُیس ترٕ تیم امام مانہٕ چھ یوان۔ ۸۔
جہنمٕ کِس داروغہٕ کِس ناو۔ ۹۔ اکھ
سوداگر ییمی حضرت یوسفؑ مصرس
منز مُنزُک گمُت اوس۔

**مالکِ اراضی**۔ زمینُک مالکھ۔ زمین دار۔
جاگیر دار۔

**مالک اشتر**۔ پاغمبر صابس اکس مشہور
صحابی ہُنٛد ناو۔

**مالکُ الملک**۔ مُلکُک مالک۔ راز۔ بادشاہ۔

**مالکِ تقدیر**۔ تقدیرُک مالک۔ قسمتھ
بناوُن وول۔ (وِرگِم) خوداے۔

**مالکِ حقیقی**۔ اصلی مالکھ تہٕ دپنہٕ گو خوداے۔

پروردگار۔

**مالک خود کاشت**۔ سُہ زمیندار یُس
پننہِ زمین پانے لاگہِ۔

**مالک دینار**۔ اکس ولی اللہ سُنٛد لقب۔

**مالکِ زمین**۔ وُچھو "مالک اراضی"۔

**مالک زندہ مال میراث**۔ بدذات شخص
ہُنٛد مال یُس زندگی منز جاداد
باگرُن یا تتھ آوُر واد کرِنی۔

**مالکِ علی الاطلاق**۔ مالکھ۔ زٕٹھ۔ رب۔
خوداے۔

**مالک کرنا**۔ مالکھ بناوُن۔ یختیار دِیُن۔
قبضہٕ دیُن۔ خود موختار بناوُن۔

**مالکِ مختار**۔ مالکھ۔ یختیارٕ وول

**مالکِ مکان**۔ مکانہٕ وول۔ مکانُک مالکھ۔
خاندار۔ گرٕ وول۔

**مالکن**۔ خانہٕ دارینی۔ مالکینی۔ گرٕ واجینی۔

**مالک ہونا**۔ ۱۔ وارث آسُن۔ قابض آسُن۔
۲۔ مالک آسُن۔ ۳۔ آغہٕ۔

**مالکی**۔ ۱۔ اِمامہٕ مالکہ سُنٛد پیروکار۔ ۲۔
مِلکیتھ۔ مالکھ آسُن۔

**مالکیت**۔ مالکھ آسُن۔ مالکھ آسنُک حق۔

**مال گنگنی**۔ جادہٕ ہنہٕ۔ گُری مسالہ۔

**مالکوس۔** [ت۔ مالکوس۔ مذکر]۔ اکھ راگ یُس ہند ناد۔ یو سہ پھاگنس منز گیونہ چھِ یوان۔

**مالم۔** [ت: مالم۔]۔ پےَ۔ پتاہ۔ خبر۔

**مالن۔** [ت۔ مالن۔ مؤنث]۔ ۱۔ آر میٚنی۔ آرم باے۔ داندر بلے۔ ۲۔ پُشو ریٚنی۔ پوش کِنن واجنیٚ۔

**مالوف۔** [ت۔ مالوف۔ ع]۔ ٹوٹھ۔ بیوُر، عزیز۔ یَس سیٹھاہ اُلفت آسہ۔

**مالی۔** [ت۔ مالی۔ مذکر]۔ باغوان۔

**مالی کے پھول ڈالی ہیں۔** م: تمہ انس موٗل وانس پیٹھ۔

**مالیخولیا۔** [ت۔ مالی خول یا۔ یونانی۔ مذکر]۔ فاتر دیماغی۔ دیماغ ڈٕلنچ عمل۔ مُژر۔ جنوٗن۔

**مالیدہ۔** [ت: مالی دہ۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ پُرز گُرتھ۔ ۲۔ پُرز کرتھ اکھ پشمینہ کپُڑ۔

**مام۔** [ت۔ مام۔ مذکر]۔ ۱۔ طاقت۔ ہمت۔ گنجائش۔ م: مجھ میں اتنا مام نہیں کہ میں اپنی بیٹی کی شادی کر دوں۔
۲۔ طاقت۔ بل۔ زور۔

**ماما۱۔** [ت۔ ماما۔ مذکر]۔ ۱۔ بام۔ ماجہ ہُند بوے۔

**ماما۲۔** [ت۔ ماما۔ مؤنث]۔ نوکرانی۔ زنانہ نوکر۔ داے۔

**ماما اصیل۔** نوکرانی۔ کنیز۔ داے۔

**ماما پُختہ بال۔** تمہ ژٕہ چہ کھٕنجہ یمہ نوکرانہ پننین شُرین ہنٛدِ خاطرٕ امیرن ہنٛد بو گرٕ منز ژوٗر چھِ انان۔

**ماما پختہ یاں کھانا۔** نوکرانہ ہنز کوٗ مزٕ ژٕہ چہ کھینہ۔ ۲۔ مُفتک مال کھیٚون۔

**ماما چھو چھو۔** رٕنن پاکن واجینی سو زنانہ یمِس گرس منز رنٛنچ پاکٕ ہنچ کام مٕنٛز آسہ۔ دانہ دپد۔

**ماما حوا۔** نہ ڈیہہ گو حضرت حوّا۔

**ماما گیری۔** وازٕ کام۔ رنٛنچ پاکٕ ہنچ موٗزٕدوری۔

**مامتا۔** [ت۔ مام تا]۔ ۱۔ اٹاٹھنیار۔ پیار۔ محبت۔ ۲۔ ڈٕہی دود۔ سہ محبت یُس ماجہ پننِس شُری سٕندِ چھُ آسان۔

**مامتا پھڑکنا۔** ڈٕہی دود وٕتلُن۔

**مامتا ہونا۔** لول آسُن۔ محبت آسُن۔

**مامکِ دیرینہ دوز۔** پٕڈ زنانہ۔ زٕتو بُڈ۔ پرانی زنانہ۔ مُردیاد م زنانہ۔

**مامن۔** [ت۔ مامن۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ امنچ جاے۔

جایہِ پناہ۔

**مامور۔** [ت۔ مأمور۔ ع]۔ ۱۔ لاگنہٕ آمُت۔ مُقرر کرنہٕ آمُت۔ بناونہٕ آمُت۔ ۲۔ حکم کرنہٕ آمُت۔ یُنھ اجازتھ دِنہٕ آسہٕ آمُت۔

**مامور شدہ۔** مُقرر کرنہٕ آمُت۔ لاگنہٕ آمُت۔

**مامور کرنا۔** مُقرر کرُن۔ لاگُن (نوکری بیتر۔ کام بیتر) مٕنٛزٕ تھوٚن۔

**مامور ہونا۔** مُقرر گژھُن۔ لگُن (نوکری بیتر)

**مأمول۔** [ت۔ مأمول۔ ع]۔ یتھِچ آش، وٕمید آسہٕ۔

**ماموں۔** [ت۔ ماموں۔ مذکر]۔ مام۔ ماجہِ ہُند بوے۔ (لوکہٕ کتھ):

**ماموں کے کان میں آئی بھانجا اینڈا اینڈا پھرے۔** م: ہٕڈی باہنی تھدی کھڑا دِہری تھیکنی۔

**مامون۔** [ت۔ مأمون۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ اُمنس مٔنز۔ محفوظ۔ یُس نہٕ کانٛہہ خطر آسہٕ۔ ۲۔ خلیفہ بغداد ہارون رشید سُند نیٚچُو۔

**مامی۔** [ت۔ مامی]۔ ۱۔ طرفداری۔ ٹیکھ داری۔ ۲۔ ماجہِ ہنٛز ہش ہمدردی۔

**مامی پینا۔** رٕکٲنٕہ ہنٛز) طرفداری کرٕنی۔ نٕنہٕ وانہٕ ٹیکھ رٕچھنی۔

**مامیرا۔** [ت۔ مامی را۔ ف۔ مذکر]۔ اَکہٕ قسمُک لیدر، گنٛدٕر ہٕش بوٗٹی یوٚسہٕ اَچھ دادِس چھینٛے لگان۔

**مامیران۔** [ت۔ مامی ران۔ ف۔ مذکر]۔ وُچھو "مامیرا"۔

**مال۔** [ت۔ مال۔ مؤنث]۔ موج، مٲج، دٲلو دٕ۔

**مان۔** [ت۔ مان۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ گرٕ خانہٕ۔ روزٕن جاے۔ رٕٹہٕ جاے۔ ۲۔ گرٕ جاداد۔ گرٕ وبیٹھ۔

**مان۔** [ت۔ مان۔ سنسکرت۔ مذکر]۔ ۱۔ اِیزتھ۔ قدٕر۔ رتبہٕ۔ ۲۔ رُتٕھ ناوُن۔ اِستقبال کرُن۔ ۳۔ کبر۔ زٕھوکھ۔ تکبُر۔ گمنٛڈ۔ ۴۔ ناز۔ نخرٕ۔ غمزٕ۔ ۵۔ شوق۔ آرزو۔ تمنا۔ ۶۔ لولہٕ کتھ۔ عشقہٕ داستانہٕ۔

**مان۔** ۱۔ ژٕ مان۔ تٕہ بول کر۔ اَنکار کر۔ ۲۔ راضی سپد۔ اجازتھ دِ۔

**مانا۔** مون۔ مون زٕن۔ تسلیم کوٚر۔ منظور کوٚر۔

**مانامت۔** ۔۔ شور۔ کٕزبکہٕ ناد۔

**مانامت مچانا۔** شور تُلُن۔ کٕز کرٕ ناد لاگُن۔

**مانج۔** [ت۔ مال ج۔ مؤنث]۔ ۱۔ ڈیمب۔ نمبل، یُنھ زٕہنس آب آسہٕ سمان وٕن چھپھ۔ لبٕر۔

**مانجنا۔** [ت۔ مانج نا]۔ ۱۔ مانٛجُن۔ صاف کرُن۔

بانہٕ بیتر چھلنہٕ۔ ۲۔ ہترہ کرٕنۍ۔ ۳۔ (ذرگرٕ)۔
گُنہٕ کامہٕ یا ہونرٕ پتھ ہوت آسُن۔

**مانجھ۔** [ت۔ مانجھ۔ مؤنث]۔ ۱۔ اکہٕ راگہٕ ہند ناو۔ ۲۔ مُنٛزٕ تُیم۔ مَنٛز۔ درمیان۔

**مانجھ دار۔** آدلُن۔

**مانجھنا۔** [ت۔ مانجھنا۔ مذکر]۔ ۱۔ دمہٕ گنڈِتھ شیشہٕ ژُون یتھ پتہٕ بیتر سیتی چھُ آسان۔ ۲۔ اُمہٕ سال یُس کھانٛدرٕ بردٕ نیتھ گوبر بالٕ ہنٛد گرٕ ونہٕ یوان چھُ۔ ۳۔ چار پایہٕ۔ پلنگ۔ ۴۔ لیدرٕ رنٛگک پوشاکہ یُس نہرٕ بیٚنہٕ منٛہ راز مس پھرِ سالس پیٹھ لاگان چھُ۔ ۵۔ اُتھ دان یتھ شہلاب کھسان آسہٕ ہنگلس ہیٚن۔

**مانجھا دینا۔** پتنگہٕ کِس ڈورِس ودتارس بون گون بتٕس سیتی رلاوِتھ، شیشہٕ ژُن لمُن۔

**مانجھے بٹھانا۔** پھیر لٕہٕ ہنٛدی یلو لاگتھ کُور بیہتہٕ تھاوٕنۍ۔

**مانجھے کا جوڑا۔** پھیرلہٕ ہنٛد جوڑ۔

**مانجھی۔** [ت؛ مان جھی۔ مذکر]۔ ناوٕ ناو چلاوان ودل۔ ناوِ ہانٛز۔

**مانجی۔** [ت۔ مال جی۔ مؤنث]۔ ژٕڈی چالہٕ

اُمہٕ سامانہٕ یُس لاجوری رنٛگہٕ داغ ترٛاوِنس چھُ لگان۔

**مانٛد۔** [ت۔ مانٛد۔ ہندی۔ مؤنث]۔ ۱۔ گھاہ ڈیر۔ لوٚہ بَرٕ بون۔ ۲۔ گوپھ۔ غار۔ ۳۔ یتھ قلاے یا پالش بیتر ڈزِ ھمٕز آسہٕ ۴۔ شُس رنٛگ۔ گوٚٹ رنٛگ۔

**مانٛد کرنا۔** شکل بگراونۍ۔ نیپہٕ ناد سورُن۔ شوب نہٕ روزٕنۍ۔

**مانٛد ہوجانا۔** ۱۔ بدشکل گژھن، شکل بگڑٕنۍ۔ نیپہٕ ناد نہٕ روزُن۔ ۲۔ رنٛگ وُسُن۔ رنٛگ چھیٚنُن۔ رنٛگ گوٚٹ گژھن۔ رنٛگ نیرُن۔

**ماندا۔** [ت: ماں دا۔]۔ ۱۔ بیمار۔ علیل۔ ۲۔ تھوکمُت۔ سور ژُومُت۔ سوتیُومُت۔

**ماندا پڑجانا۔** سوتُن۔ گوٚٹ گژھن۔ شکل بگڑٕنۍ۔ نیپہٕ ناد نہٕ روزُن۔

**ماندا پڑنا۔** عاجز زُن۔ بیمار گژھن۔ تھوکمُت آسُن۔

**ماندا ہوجانا۔** علیل گژھن، بیمار پیُون۔

**ماندگی۔** ۱۔ تھکُن۔ سُستی۔ لوسُن۔ لوسِتھ پیُون۔ پریشانی۔ ۲۔ بیمار۔ بیزارہٕ نہٕ ٹھپکھ آسُن۔

ماندگی اُترنا۔ موٗس نیرُن۔ تھکوٗن ژلُن۔

ماندگی دکھی۔ پیٖڑا۔ تکلیف۔ دُکھ۔ بیمارٕی۔

دود۔ آزار۔

ماندہ۔ ۱۔ تھوٚکمُت۔ پتھ کُن روٗدمُت۔

۲۔ پیوٚمُت۔ لوسمُت۔

مانڈ۔ [ت۔ مانڈ۔ مذکر]۔ ۱۔ اَذٕ مہ پھیار۔

۲۔ مار دارٕ گبہٕ پنُن اَکھ صنف۔

مانڈی۔ اَذٕ مہ پھیار۔

مانڈا۔ [ت۔ مان ڈا]۔ تہ تھزٕ پیٚتھ زاوج

گبہٕ دار ژوٚٹ یا لواسہٕ۔

مانس۔ [ت۔ مانس۔ مذکر]۔ انسان۔ مَنُش۔

مانع۔ [ت۔ مانع۔ ع۔ صفت]۔ ۱۔ مَنع

کرن دول۔ رُکاوَن وول۔ پیٚتھ رُٹن

دول۔ بُتھ پیٚنہٕ وول۔ ۲۔ خوٗد اَسے

یُس یہ خوٚشی کرُن تہ دِیہ۔ پرٕتھ

مانُو۔ کانہہ پیٚنہٕ پیٚنہٕ مقصد کِنہِ با گراوُن

نٕوقُل تہ نہ پیٚٹھ گوٗ خوٗد اَے۔

مانع آنا۔ رُکاوُن۔ اعتراض تُلُن۔

روٗٹ بَنُن۔ منشر یُن۔

مانع ہونا۔ روٗکھ پیدُن۔ روٗٹ بَنُن۔

ٹھہر یُن۔ بُتھہ یُن۔

مانک۔ [ت: مانک۔ سنسکرت]۔ جوہر۔ لال۔

مانگ ٹیکا۔ ہندرٕ ٹھوک۔ موکھنتہٕ ٹیوک۔

مانگ۔ [ت۔ مانگ۔ مؤنث]۔ ۱۔ نیٚتر گژا کھ

کوٗر۔ ہٕرش۔ مٔرکوٗر۔ ۲۔ خاندار۔ رٔون۔

۳۔ (مستیج) سُم۔

مانگ اُجڑنا۔ (اشارہٕ پٹھو) ڈیکہٕ راوُن۔

رٔون مرُن۔ موٚنڈ گژھُن۔

مانگ بھرنا۔ ۱۔ سمہٕ سُنز سیندور ترٛاوُن۔

سُم پارُن۔ ۲۔ نیٚتھر کرُن۔ تھاندرٕ کرُن

مانگ بھری۔ ۱۔ نہرینی۔ ڈیکہٕ واجینز۔

نیٚترٕ گژا کِنز۔ ۲۔ ٹانٹھ۔ خوشبوی۔ خاندارینت

مانگ بھری رہے۔ ڈیکہٕ بڈاس۔ ڈیکہٕ

پوٚشنَے۔ خاندار لسنَے۔ ڈیکہٕ پھول۔

مانگ پٹی۔ مَس پارُن۔ مَس شیرتھ جوٚر بناوُن۔

مانگ پٹی میں لگا رہنا۔ پان پاراوُنس

سیٚتی آوُر روزُن۔ دوٚہی دوہس گنگنی

کران روزُن۔ پان پاراوتھ بہُن۔

مانگ ٹیڑھی نکلنا۔ ہیچ سُم نیرُن۔

مانگ جلی۔ موٚنڈ۔

مانگ چوٹی میں گرفتار ہونا۔ ہر وزِ

پان پاراوُنس فِکر روزُن۔

مانگدار۔ کانٹھ بٔر ژیتھ سُم بناوِتھ

چھِنے آسان۔

مانگدار خربوزہ۔ رِکھہ دار خربز۔ راٹھ دار
خربوز۔
مانگ سنوارنا۔ سُم شیرٕنۍ۔ مَس پارُن۔
مَس گُنگٕنۍ دِنۍ۔ واتکہٕ بارُنہٕ۔
مانگ سنورنا۔ سُم نیرٕنۍ۔ مَس شیرُن پارُن۔
مانگ سے ٹھنڈی رہے۔ (پیٚ چھنے اُہی)
ڈیکہ پھولنے۔ ڈیکہٕ دبدبہ آس۔
مانگ کوکھ سے ٹھنڈا رہنا۔ بچہٕ تہٕ ڈیکہ
لُدنے! ڈیکہٕ نُورنے تہ پھولنے۔
ڈیکہٕ تہٕ ڈمبہٕ پھولُن۔
مانگ کوکھ سے ٹھنڈی ہے۔ ڈیکہٕ بڈ
چھنے۔ ڈیکہٕ دبدبہ چھنے۔
مانگ کھلنا۔ کور گوبرس کتھ گنڈتھ کور
یا گوبُر مرِتھ کنہ اُتمادی زُھیننی۔
مانگ موتیوں سے بھرنا۔ سُمہ موختہٕ ہمرُن۔
مانگ میں آگ لگنا۔ موندٕ گرٕھنہٕ ڈیکہٕ
دُجار گرُھن۔ رِنۍ تاوُن ہیوٚن۔
مانگ میں سندور بھرنا۔ سُمہ سیٚنڈُر
تراونۍ۔ یہ چھنے رِنۍ داجلیٚنہ آسنچ
حالتھ۔
مانگ میں صندل بھرنا۔ سُمہ مُنزٕ
زُندن رِکھ تراونۍ۔ یہ چھنے رِنۍ گزاکھ
آسنچ علامتھ۔
مانگ میں موتی بھرنا۔ سُمہ موختہٕ لرٕ بَرنۍ۔
مانگ نکالنا۔ سُم کڈٕنۍ۔
مانگ نکلوانا۔ سُم کڈناونۍ۔
مانگیا۔ سُمہ دارٕ بڈ گانٹھہٕ بٕڑ آر۔
مانگنا۔ [ت۔ مانگ نا]۔ ۱۔ مَنگُن۔ اَتھ دارُن۔
۲۔ نیتھر مَنگُن۔ ۳۔ دُعا کرُن۔ دُعا منگُن۔
زارٕ پارٕ کرُن۔ دُعایہ خار کرُن۔ دُعایہ
خارٕ بایتھ اَتھ تلُن۔ ۴۔ قرض ژھانڈُن۔
وِدٕ زُم منگُن۔
مانگتا۔ سُونگمُت۔ وِدٕ زُم اونُمت۔
مانگا تانگا۔ وِدٕ زُم ہیوٚمُت۔ وِدٕ زُم ہیٚوتمُت۔
قرضس ہیتھ اونُمت۔
مانگا کرنا۔ مَنگُن۔ مَنگان روزُن۔
مَنگہٕ وُلن۔
مانگ تانگ کر۔ ادرٕ بورٕ انتھ۔ وِدٕ زُم
وِدٕ رُد کرتھ۔
مانگ تانگ کر کام چلانا۔ وِدٕ زُم وِدٕ رُد
کرتھ کارٕ چلاوُن۔ نَشگیتھ مازِنتھ
گزارٕ کرُن۔
مانگ تانگ کر کھانا۔ بیٚچھتھ گزارٕ
کرُن، کھیوٚن۔

**مانگ کھانا۔** ہیچھتھ کھیوٚن۔ اَتھہٕ دارِتھ دوہ گذارٕنی۔

**مانگ کے لانا۔** مَنگِتھ اَنُن۔ ووزُم اَنُن۔

**مانگ لینا۔** ۱۔ ووزُم ہیوٚن۔ اَتھہٕ پَہہ ہیوٚن۔ ۲۔ ہیوٚن۔ زارٕ پارٕ کٔرِتھ ہیوٚن۔

**مانگے۔** ۱۔ مَنگِتھ۔ ماژِتھ۔ ۲۔ پَہہ۔ ووزُم۔

**مانگے تانگے۔** ووزمس ووردِس پیٹھ ہیچِناوِتھ۔ اَتھہٕ پَہہ اَنہٕ ناوِتھ۔ اَتھہٕ پَہہ ہیتھ۔

**مانگے تانگے کا۔** ووزُم اوٚنمُت۔ پَہہ اوٚنمُت۔

**مانگے تانگے کی۔** اَتھہٕ پَہہ اوٚنمُت۔ ووزُم اوٚنمُت۔

**مانگے جانا۔** اَتھہٕ پَہہ دِیُن۔ کانہہ چیز کُنہہ جایہِ ووزُم پاٹھی سوزنہٕ یُن۔

**مانگے جانچے۔** پَہہ اَنِتھ۔ ووزُم ژٕہتھ۔ تُرُنس پیٹھ۔

**مانگے دینا۔** پَہہ دِیُن۔ ووزُم دِیُن۔

**مانگے کا۔** پَہہ۔ ووزُم۔ اَتھہٕ پَہہ۔

**مانگے کی۔** پَہہ۔ ووزُم۔

**مانگے موت نہ ملنا۔** (اشارہٕ پاٹھی) پُرزٕ پیٹھی پریشانی آسنۍ۔ حدِ کھعتہٕ زیادٕ مُصیبتھ آسُن۔

:- لُکہٕ کتھ :-

**مانگے پر تانگا، بڑھیا کی برات۔** م: اَکِ اوٚدن مَنگِتھ بِنیاکھ نیہ ژٕنگِتھ۔

**مانگے تانگے ٹکڑے بازار میں ڈکار۔** م: گرِ نہٕ لگارٕ تہٕ گوٚنژعن تیل۔ گرِ گوٚٹ تہٕ مُشدِ ژوٚنگ۔

**مانگے تانگے کام چلے تو بیاہ کرے پیزار۔** یِیٚلہِ ووزمس ووردِس پیٹھ کام چلہِ تیٚلہِ کتھہٕ پیٹھ چھیٚنے کھارٕنکھس ہیٚنز۔

**مانگے کا تانگا، بڑھیا کی برات۔** وُچھِو "مانگے پر تانگا، بڑھیا کی برات"۔

**مانمت۔** [ت۔ مانمت۔ مؤنث]۔ کُڑکھ چکھ۔ کُڑکہٕ ناد۔ ہنگامہٕ۔ شور۔

**مانند۔** [ت۔ مانند۔ ف۔ مذکر]۔ ہیکوہ۔ زلہٕ وٚن۔

**مانوس** [ت۔ مانوس۔ ع۔ صفت]۔ عادی۔ یَس کُنہِ ہال آسہِ گامُت۔ لور۔

**مانی** [ف۔ مذکر]۔ اَکھ مشہور نقاش تہٕ مُصورٕ سُند ناو۔

**مانی**[2] [ت۔ مانی۔ مؤنث]۔ ۱۔ گُرٕڈی نہٕ ہُنز تھپ۔ ۲۔ تسلیم کُرمٕژ۔ مانی فُر کتھ۔ یو سہٕ کتھ

کھُر آسہٕ۔ ۳۔ دوٕد ماج۔ دلے۔ ژودٕنز۔

**مانی ہوئی۔** مانٕنۍ ژ۔ تسلیم کرٕنۍ۔

**مانیانکہ۔** [ت۔ مان یال کہ۔]۔ اُسی ساری۔ اُسی۔

**مانیٹر۔** [ت۔ مانیٹر۔ انگریزی۔ MONITER۔ مذکر]۔ سُہ لڑکہ یُس کلاسس منٛز جمان، ہُشیار تہٕ سنجیدٕ آسہٕ۔ زٕٹھ زاٹھ۔

**ماوا۔** [ت: ماوا۔ ع۔ مذکر]۔ ٹھکانہٕ۔ چھپنٕ جاے۔

**ماوا۔۲** [ت: ماوا۔ اُردو۔ مذکر]۔ اکہٕ چیزٕچ اُصلیتھ۔ ہرتر۔ جوہر۔ ۲۔ مَلاے۔ ۳۔ دٕبی ہُند مایہ۔ ۴۔ خصلتھ۔ خمیر۔ ۵۔ ژٕندٕ ننک ژر۔

**ماوا نکالنا۔** ۱۔ مایہ کڈُن۔ ۲۔ مار دی دی گاشچھ کڈُن۔

**ماورا۔** [ت۔ ماورا۔ ع۔]۔ امہٕ ورٲے۔ امہٕ لغار۔ امہٕ علاوٕ۔

**ماورٲ النہر۔** اکہٕ نہرٕ ہُند ناو۔

**ماول۔** [ت۔ مُ اول۔ ع]۔ یتھ تاوِل آسہٕ کرنہٕ اُمت۔

**ماہ۔** [ت: ماہ۔ فارسی۔ مذکر]۔ ۱۔ رٕتھ۔ اکہٕ ژٕندرٕ پیٹھٕ دوٚیمس ژٕندرس تام منٛزٕ ژُھم وق۔ ۲۔ ژٕندر۔ زوٗن۔

**ماہ انور۔** نوٗن ژٕندر۔ پٔترٕ زلہٕ دیٚنۍ زوٗن۔ پھل ژٕندر ہش زوٗن۔

**ماہانہ۔** رٕتہٕ وار۔ رٕتہٕ پتہٕ رٕتہٕ۔ رٕیتیٚ ریٚتی۔

**ماہ بماہ۔** پٔرتھ رٕتہٕ۔ ہر رٕتہٕ۔

**ماہ پارہ۔** ۱۔ زوٗنہٕ ہنٛز ژھل۔ ماہ پارہ۔ ۲۔ (وُرگہٕ) سیٹھا خوبصورت۔ مٲری موٗند ماشوق۔ یاون رائے۔

**ماہ پیکر۔** ۱۔ زوٗنہٕ ہیو۔ ماہ پیکر۔ ۲۔ (وُرگہٕ) سیٹھا خوبصورت۔ زٕنہٕ ہُدن، مٲری موٗند۔

**ماہ جبین۔** پھلہٕ وُن ڈیکہٕ۔ پھولہٕ وُن جبین، تہٕ دِیتھ گوٚ خوبصورتھ۔ حسین۔

**ماہ جلالی۔** نوٗرٲنی رٕتھ۔ مارچک رٕتھ۔

**ماہ چاردہ۔** ژودا ہِمُم زوٗن۔ پُنِم زوٗن۔

**ماہ چہار ہفتہ۔** گوٗلمُت ژٕندر۔ اٹھوٕ ہمُم ژٕندر۔ ۲۔ (وُرگہٕ) سُہ چیز یُس نہٕ وُنِس تل پیہہ۔

**ماہ خانگی۔** (وُرگہٕ) ماشوق۔ مُدن، محبوب۔

**ماہ در عقرب۔** زوٗنہٕ ہُند عقرب گژھُن۔ منٛز اُسُن یُس منحوس چھ یوان گنٛزرناونہٕ۔

**ماہ رُخ۔** ۱۔ مٲری موٗند ماشوق یُس زوٗنہٕ

ہندی پاٹھۍ بُتھ ٕس نوٗر کٕشیہٕ ۔۲۔ سفید
زنٛگُک کوتُر ۔ شیٖرٲزی کوتُر ۔

**ماہ رُو ۔** زوٗنہِ بُتھ ۔ رٕو پٹھۍ بُتھ ۔

**ماہِ روزہ ۔** ماہِ صیام ۔ ماہِ رمضان ۔

**ماہ سے تا ماہی ۔** اسمانہٕ پیٹھ زٕمیٖنس تام
آکاشہٕ پیٹھ بُتھرٲژ تام ۔

**ماہ سیما ۔** ۱۔ یُس رٕو پٹھۍ ڈیچھہٕ آسہِ ۔۲۔
(دورگہ) ماشوق ۔ آرِ ہوٗنتہٕ حُسین ۔

**ماہِ شعبان ۔** شعبانُک رِیتھ ۔ ماہِ رجبہٕ
پتہٕ ییٚنہٕ وول رِیتھ یتھ منٛز شبِ برات
چھیٚ آسان ۔

**ماہِ صیام ۔** روزٕ تھوٗنُک رِیتھ ۔ ماہِ رمضان ۔

**ماہِ طلعت ۔** وُچھو "ماہ رُخ" ۔

**ماہِ عزا ۔** محرمُک رِیتھ ۔ ماتمُک رِیتھ ۔

**ماہِ کامل ۔** ژوداہِیٖم زوٗن ۔ پُنِم زوٗن ۔

**ماہ کنعاں ۔** (ادرگہ) حضرت یوٗسف ۔

**ماہِ لقا ۔** ۱۔ یُس وُچھنہٕ تٕلہٕ زوٗنہٕ ہُند اَنہار
آسہِ ۔۲۔ (ادرگہ) زوٗن ۔ محبوب ۔ یار ۔ دِلدار ۔

**ماہِ مُبین ۔** پژزالہٕ دار زوٗن ۔ نُنہٕ تہٕ ٹاکارٕ
زوٗن ۔ پھُل ژٕندرٕ ہش زوٗن ۔

**ماہِ مُنیر ۔** ۱۔ نیبہ نیبہٕ گرِدٕ زوٗن ۔۲۔ (ادرگہ)
مٔدن ۔ یار ۔ دلدار ۔ ماشوق ۔

**ماہ نخشب ۔** سہ زوٗن یوسہٕ حکیم ابنِ عطا ہن
پارٕ دس تٕیار آسی کٔرمٕژ ۔

**ماہِ نو ۔** ژٕندرٕ ۔ ہِلال ۔ دوہ یِہ ہُند ژٕندرٕ ۔

**ماہ نیم شبی ۔** (دورگہ) ماشوق ۔ مٔدن ۔ دِلدار ۔

**ماہ نیم ماہ ۔** ژٕوداہِم زوٗن ۔

**ماہ و اختر ۔** زوٗن تارکھ ۔ زوٗن تہٕ تارکھ ۔

**ماہوار ۔** رِیتہٕ وار ۔ ریتہٕ پاٹھۍ ۔ ریتہٕ پتہٕ ریتہٕ ۔

**ماہواری ۔** ۱۔ رِیتُک ۔ رِیتہٕ حسابہ ۔۲۔
نہوآری ۔ ریتہٕ حساب ۔ مأنفکی دوہ ۔

**ماہواری سے ہونا ۔** زنانہٕ ریتہٕ حساب آسُن ،
مأنفکی دوہ آسنی ۔

**ماہ و سال ۔** ہمیشہٕ ۔ ہر ہمیشہٕ ۔ پٔرتھ ساتہٕ ۔

**ماہ وش ۔** زوٗن ہیوٗ ۔ زوٗنہٕ ہندی پاٹھۍ
خوبصورت تہٕ ڈیچھ گژ ماشوق ۔

**ماہتاب ۔** [ت : ماہ تاب ۔ ف ۔ مذکر] ۔۱۔ زوٗنہٕ
گاش ۔ زوٗنہٕ ہُند نیبہٕ ناو ۔۲۔ ژٕندرٕ ،
زوٗن ۔ ہِلال ۔۳۔ مٔردٕ بازٕ منٛز دوزٕ رس
وَنان ۔۴۔ اکہٕ قسمٕچ آتش بازی ، مہتابی ۔
۵۔ توپہٕ ہٕنزِ سہ یژ ژٕکھ دِژن ۔ توپہٕ
ہُند فتی لہٕ زالُن ۔

**ماہتابی ۔** (ف) ۔ کٔپرُک اکھ قسم یتھ زوٗنہٕ
تارکن ہیتیٚر ہٕنزِ شکلہٕ تٕلہٕ یاراسہٕ سیٚنتی

بناونہٕ چھےٚ آسان آسان آسہٕ۔ ۲۔ آتش باز
ہُند اکھ قسم یمہٕ ستۍ زٕونہٕ گاہ چھُ پیوان۔
۳۔ لوکٕٹ اُر یوسہٕ کولہٕ بُٹھس بیترٕ پیٹھٕ
بناونہٕ آسہٕ آسان۔ ۴۔ اکہٕ قسمُک ہیشہٕ
ویشہٕ۔ ۵۔ اکہٕ قسمُک میوٕ یُس سنگترٕ
پیوندٕ لاگنہٕ وو پیدا پیوان چھُ۔

**ماہر۔** [ت۔ ماہر۔ ع]۔ ۱۔ ماہر۔ ووستاد۔ ہوشیار
مند۔ کاریگر۔ ۲۔ واقف۔ زانن وول۔
خبردار۔

**ماہرِ فن۔** کُنہِ ہونرِ منز ماہر۔ ہونر مند،
ووستہ کار۔

**ماہر نہ ہونا۔** بےٚ خبر۔ اَن زان۔ بےٚ پےٚ۔
ناواقف۔

**ماہو۔** [ت۔ ماہو۔ مؤنث]۔ کُنہِ ہاپنی۔

**ماہی۔** [ت: ماہی۔ ف۔ مؤنث]۔ ۱۔ گاڈ۔ ۲۔
سو گاڈ یمس مُتلق خیال اوس کرنہٕ یوان
زٕ اُمی ہنزِ تھرِ پیٹھے چھےٚ زمین دٕرِتھ۔
۳۔ گاڈ شکلِ اکھ گُرِ ہُد۔

**ماہیِ بے آب۔** ۱۔ پانہٕ روس گاڈ۔ تہٕ دپتھ
گو: سخ بےٚ قرار۔ سخ بےٚ تاب۔ ۲۔
یُس دادِ بیترِ ستۍ چرتنگ آسہِ دِوان۔

**ماہی پشت۔** ۱۔ سُہ چیز یتھ منزس یڈ
ہش دراہِ آسہِ۔ سُہ چیز یُس منزس
ستھن تہٕ انددن ووگن آسہِ۔ ۲۔ گاڈٕ گنڈرٕ
چالہِ پنجر۔

**ماہی توا۔** گاڈٕ تاو۔ گاڈٕ تلنچ تاو۔

**ماہی جال کی کنگیاں۔** اکہٕ قسمچ گاٹہ برار
یتھ گاڈ شکلِ بناوِتھ چھےٚ آسان۔

**ماہی خوار۔** گاڈٕ کھاو۔ برگ۔

**ماہی دندان۔** اکس خاص قسمہٕ چہ گاڈٕ
ہندۍ دند یتھ تلوارِ دن چھِ بناوان۔

**ماہی زریں۔** سنکہِ گاڈ۔ اکہٕ قسمچ
گاڈ یوسہٕ سنکہِ ہنز چھےٚ روزان۔

**ماہی فروش۔** گاڈٕ (کِنن) وول۔

**ماہی گیر۔** گاڈٕ ہانز۔ گاڈٕ رٹن وول۔

**ماہی مراتب۔** اکہٕ قسمچ علَم یتھ پیٹھ ستن
بُرجن ہنز شکل بناوِتھ آسہِ آسان
تہٕ یتھ پُرتھی آس پادشاہ ہنزِ سوارِ
لوکہٕ کیتھ برونہہ برونہہ پکناونہٕ یوان۔

**ماہی ماہی را خورد ماہی گیر ہر دو را خورد۔**
گاڈ کھیوان گاڈ تہٕ گاڈٕ ہانز کھیوان
دونوٕنی۔

**ماہیت۔** [ت: ماہی یت۔ ع]۔ ۱۔ کُنہِ چیزُک
اصل۔ اصلیت۔ ۲۔ جوہر۔ سَت۔

**ماء۔** [ت۔ ما۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ آب۔ پونی۔
۲۔ عاَرق۔ رَس۔

**ماء الجبین۔** مُنہٕ وونی۔

**ماء الحیات۔** ۱۔ آبہٕ حیاتھ۔ لَس وونی۔ ۲۔
ماچہ تہٕ گیوٕ ہیتر رلاوِتھ اکھ دوا۔

**ماء الشباب۔** جوانہٕ سندِ بنھٕنیک
نپہٕ نادیہ۔

**ماء اللحم۔** ماز رس۔

**ماء الورد۔** گولاب عاَرق۔

**ماء طین۔** میٚژ تہٕ آب تہٕ دُپتھ گو: آدمی مورد۔

**ماء معین۔** ۱۔ پکہٕ ون، وَسہٕ ون آب۔ ۲۔
صاف آب، پاک آب۔

**مایدہ۔** [ت۔ مادٕہ۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ دسترخان۔
۲۔ قرآنِ شریفُک اکھ سورہ شریف۔

**مائع۔** [ت۔ مایِع۔ ع۔ مذکر]۔ پانٹھ چیز،
ماپہٕ۔

**مائل۔** [ت۔ مائل۔ ع]۔ ۱۔ یُس کُنہٕ کُن
توجہ گومُت آسہِ۔ یُس کُنہِ راے
گنیمژ آسہِ۔ مائل۔ ۲۔ یُس کُنہِ مالٕے
آسہِ۔ یُس کُنہٕ کُن ظوِن گومُت آسہِ۔
۳۔ عاشق۔ فریفتہٕ۔ مَتہٕ مَتی گومت۔
۴۔ سلامی۔ وَسہٕ ون۔ ۵۔ کیٚمہٕ ہن۔

ہنا۔ کُنہٕ حدس تام: ہ م: سُرخی مایل۔

**مائل کرنا۔** ۱۔ آمادٕ کرُن۔ (یاتس کُن) پھیرُن۔
ملے گنی راونی۔ ۲۔ فرماوُن۔ ڈوکراوُن۔

**مائل ہونا۔** ماَل پھیرُن۔ کُنہٕ کُن توجہ گژھن۔
ملے گنی۔

**ماؤف۔** [ت۔ ماؤف۔ ع]۔ دوہ کھولد زَد۔
یُس تکلیف دوہمت آسہِ۔

**مائی۔** [ت۔ مائی۔ مؤنث]۔ ۱۔ ماج۔ موج۔
داُلدٕ۔ ۲۔ اُبیٚ۔ یتھ آلس سیٚتی تولتھ
آسہِ۔ ۳۔ زرزیٚٹھ۔ داُنسٕٹھ زنانہٕ۔

**مائی باپ۔** ۱۔ مول ماج۔ ۲۔ رٚچھن دول،
تہٕ دُپتھ گو، خودائے۔

**مائی کا لال۔** ماجہِ ٹوٹھ۔ پننہٕ ماجہِ ہُند
ٹوٹھ گوبُر۔

**مایا۔** [ت۔ مایا]۔ دُنیا، دولتھ۔

**مایع۔** [ت۔ مایع۔ ع]۔ دِچھو "مائع"۔

**مایہ۔** [ت۔ مایہ۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ مایہ خاص
کرِتھ دَونٹھنہٕ ہُند۔ ۲۔ تُبی یاد۔ کُن۔
۳۔ سرمایہ۔ پاٗنسہٕ ٹوٹھنک، سوٗمبرمُت
سود مُت۔ ۴۔ دَسگاہ۔ جوہر۔ ۵۔ ناد۔
کاے۔ ۶۔ مال تہٕ دولتھ۔

**مایۂ حیات۔** زندگی ہُند سرمایہ۔ زندگی ہُند

عمل۔ زندگی ہُند حاصِل۔

**مایہ دار۔** آسن دول۔ مالدار۔ دولتھ مند۔

**مایہ داری۔** آسُن بَسُن۔ دولتھ مندی۔

**مایہ ناز۔** ۱۔ (اشارِ پاٹھی) ناشوق رُدن۔
۲۔ یَژ نہ وول۔ تھکَن لایق۔ پسند

ــ لوکی کتھ۔ سیتی یَژ نہ تہ رتھ تبہ اُمر۔

**مایہ تیرے تین نام، پرسا، پرسو، پرسرام۔**
دولتھ چھیّہ ہٹہ ہٹہ انسانس بدہ
کھاران تہ ناو دار گران۔

**مایوس۔** [ت۔ مایوس۔ ف]۔ نا وومید۔
نامُراد۔ ناکام۔ یُس کانہہ آش آسہ نہ۔

**مایوس کرنا۔** نا ووُمید کرُن۔ نامُراد گژھن۔
کانہہ آش نہ تھاونی، دِل پھٹرُن۔
نراشس کرُن۔ ناکام کرُن۔

**مایوس ہونا۔** ناوومید گژھن۔ ناکام
گژھن۔ دِل ہولول گژھن۔ دِل
پھٹُن۔

**مایوسی۔** ناوومیدی۔ ناکامی۔ مویُسی۔

**مباح۔** [ت: مُباح۔ ع۔ مذکر]۔ جایز۔
حلال۔ یہ شرِیعتہ مُطابق آسہ۔

**مُباح رکھنا۔** جایز تھَوُن۔ حلال زانُن۔
درُس مانُن۔

**مباح کرنا۔** جایز قرار دیُن۔ حلال زانُن۔

**مباحث۔** [ت: م باحث۔ ع۔ مذکر]۔
بحثُک مقام۔ وارِیاہ بحث۔

**مباحثہ۔** بحث، اکھ اکس سیتی بحث
کرُن۔ تکرار۔ گفتگو۔

**مبادا۔** [ت۔ مبادا۔ ف]۔ خوداما کرُن۔
خدا نخواستہ۔ یہ مہ بنی نے۔

**مُبادات۔** [ت۔ مُبادات۔ ع]۔ ۱۔ جلدی۔
تیزی۔ دُژہ۔ وتاولی۔ ۲۔ ابتداء۔
گوڈ۔ گوڈ انوآری۔ ۳۔ چالاکی۔ جورتھ۔
دلیری۔ بے خوفی۔

**مُبادات کرنا۔** برونہہ گژھن۔ ترس
روزُن۔ جورتھ کرُن۔ چالاکی کرنی۔
بوہ ہوزری کرنی۔

**مُبادلہ۔** [ت۔ مُبادلہ۔ ع۔ مذکر]۔ بدلہ، اُمہ
بدلہ۔ پانہ وانی بدلُن۔ بدلاوُن۔ اَدلہ
بدلہ کرُن۔

**مبادی۔** [ت۔ مُبادی۔ ع۔ مذکر]۔
"مبدا" لفظُک جمع۔ ابتدائی کتھ۔
رتمہ کتھ یمہ گوڈ الوارِ ہیچھنا دِیہ ین۔

**مبادی العلوم۔** رتمہ کتھ یمہ گوڈ
ہیچھنہ ضروری آسن ہے

مُبادی عالیہ ۔ فرِشتہٕ ۔ مَلکھ ۔

مُبارِز ۔ [ت ۔ م بارُز ۔ ع ] ۔ بٔہوٗدر ۔ دِلاوَر ۔

مبارزت ۔ لڑائی ۔ جنگ ۔ لڑایہ باپتھ
صفہ منٛز نیبر نیرُن ۔ جنگک مٲدان ۔

مُبارز طلب ہونا ۔ جنگہِ باپتھ مخالفس
نادٕ دِیُن ۔ لڑایہ ہُنر داوتھ دِنی ۔

مبارک ۔ [ت ۔ م بارک ۔ ع ] ۔ ۱۔ مُبارکھ ۔
رُت شوگون ۔ اِقبال ۔ ۲۔ بابرکتھ ۔ ۳۔
بختٕہ بوڈ ۔ قسمتہٕ دول ۔ باگہِ وان ۔ ۴۔ رُت
جان ۔ سوازُن ۔ ۵۔ رُژ خبر ۔ رُژ شیٖنچھ ،
پوشتہٕ (وَرگہ) منحوس آسنچ ترٛینہٕ کرن ۔
۶۔ پھرُوژ نیبرِ دِنے ، رُت نیبرِ نے ، حوالہٕ ہتھ
آسرِ نے ۔ ہیوت آسرِ نے ۔

مُبارکباد ۔ ۱۔ مُبارکھ ۔ رُژ خبر ۔ رُژ شیٖنچھ ۔
۲۔ دُعایہ خٲر ۔ نیکھ دُعا ۔ رُت دُعا ۔
بییر شھرِنے ۔ ۳۔ ہیوت تہٕ پھرُوژ آسرِ نے ۔
چھاوُن ہُنہٕ بابرکتھ بنی نے ۔

مُبارکباد دینا ۔ مُبارک کرُن ۔ پوشتہٕ
کرُن ۔ رُت تہٕ پھرُوژ نیبرٕچ آسی کرنی ۔

مبارکبادی ۔ خوش خبری ۔ رُژ خبر ۔
رُژ شیٖنچھ ۔ اِقبال مندی ۔

مبارکبادی دینا ۔ مُبارکھ کرُن ۔ پوشتہٕ کرُن

مبارکبادی گانا ۔ شادِ ہندی ہرگہ گنگرا دِنی ۔
کھاندر وِزِن گیوٚن ۔ شادی یانکھ
باتھ گیوٚن ۔ وَنہٕ وُن ۔

مبارک دم ۔ یُسہٕ آسُن برکتھ لوٗرت
آسہِ ۔ رُژ زنگہِ دول ۔

مبارک سلامت ۔ اکھ اکس مُبارکھ
کرُن ۔ پانہٕ وٲنی مُبارکھ کرُن ۔ کٲنسہِ
مُبارکھ کرُن ۔

مبارک سلامت ہونا ۔ مُبارکھ کرُن ۔
مُبارکس گژھُن ۔

مُبارک قدم ۔ رُت قدم ۔ پھرُوژ قدم ۔
رُژ زنگ ۔

مبارک کرنا ۔ مُبارک کرُن ۔ دُعایہ خٲر کرُن ۔

مبارک نہاد ۔ یُس برکتھ آسہِ ۔ بابرکتھ ۔
برتر طبیعتُک ، مزاژک ۔

مبارک ہو ۔ پھرُوژ نیبرِ نے ۔ ہیوت نیبرِ
چھاوُن بییر شھرِنے ۔

مبارک ہونا ۔ جان آسُن ۔ رُت آسُن ۔
مُبارکھ آسُن ۔

مبارکی ۔ ۱۔ مُبارکھ بادی ۔ پوشتہٕ ۔ ۲۔ دُعایہ
خٲر ۔ ۳۔ نیکی ۔ ۴۔ بختہ ۔ سعادتھ ۔ ۵۔ اکھ
بیماری یمہِ سیتی زِژ بیٹہٕ رچھِنے پیوان ۔

مُباشرت۔ [ت : مُ باشِ رَت۔ ع۔ مؤنث]۔
سُنگ کرُن، کانٛسہِ نِش شونٛگُن،
ہم بِسترٕ کرٕنۍ، صوحبتھ کرٕنۍ۔

مباف۔ [ت۔ مُ باف۔ مذکر]۔ "موباف"
لفظُک ژھوٚٹ۔ جوٚر۔ مَس لوٚٹ پارنہٕ
پَتہٕ تتھ گنڈنہٕ یِنہٕ وَجہٕ رِبل۔

مبالغ۔ [ت۔ مُ بالِغ۔ مذکر]۔ بعد پیہ نَقد
پانٛسہ۔ واریاہ رَقم، سیٹھاہ دیار۔

مبالغہ۔ [ت : مُ بالَ غہ۔ ع۔ مذکر]۔ ا۔ کانٛہہ
ہیٛنٛڈ۔ حدٕ کھۅتہٕ زیادٕ۔ ۲۔ کُنہِ چیزٕچ
پَزٕ پیٛٹھ تعریف کرٕنۍ یا کھُلہ کڑٕنۍ۔

مبالغہ کرنا۔ ہُرِ راٚوِتھ وَنُن، اصلس
خِلاف وَنُن۔ اصل واقعہٕ ہُرِ راٚوِتھ یا
زیٛچھر اٚوِتھ وَنُن۔ مبالغہٕ کرُن۔

مبالغے سے کام لینا۔ زیٛچھرس کام
ہیٛنۍ۔ اصلس شُرکھارِتھ پیش کرُن،
مُبالغہٕ کرُن۔

مُبانی۔ [ت۔ مُ بانی۔ ع۔ مذکر]۔ کنٛہ،
بُنیاد، اَدمول۔

مباہات۔ [ت : مُباہات۔ ع۔ مؤنث]۔ ناز
کرُن، فخر کرُن، گمنڈ کرُن۔

مباہلہ۔ [ت۔ مُ باہ لہٕ۔ ع۔ مذکر]۔ اکھ
اکس نفرتھ کرٕنۍ۔ دُعا یا بد کرُن۔

مبتدا۔ [ت۔ مُب تَ دا۔ ع۔ مذکر]۔ ا۔
اِسمیہ جُملُک سُہ حِصہٕ یتھ متعلق کیٛنٛہہ
وَننہٕ پیِٛیہ۔ ۲۔ شوٗرُو، کلامُک ابتدا۔
آغاز۔ گوڈ۔

مبتدا و خبر۔ ا۔ اِسمیہ جُملکۍ دوٚ شوٗرے
حِصہٕ۔ گوڈُنیُک تہٕ پَتیُم تِہ۔ ۲۔ اوّل
تہٕ آخر۔ ابتدا تہٕ انتہا، گوڈٕ نہٕ اَند۔
اَزل تہٕ ابد۔

مبتدا و خبر ندارد۔ گوڈ تہٕ تہٕ پھر رُوس
کتھ۔ اَنٛد بَر رُوس کتھ۔ بے ہۅد کتھ۔
لوفضول کتھ۔

مبتدع۔ [ت۔ مُب تَ دِع۔ ع]۔ بدعتھ
نوٚو راوَن وول۔ دیٖنس منز نوٚی
نوٚی طریقہٕ کڈن وول۔

مبتدی۔ [ت۔ مُب تَ دی۔ ع]۔ ہیٚچھن
وول، گوڈ ہیٚنہٕ وول، شوٗرُو کرُن وول۔
دُسلا یہ کرُن وول۔

مُبتذل۔ [ت۔ مُب تَ ذِل۔ ع]۔ ذلیل۔
حقیر، کمینہ، دُسی پایہ۔

مُبتلا۔ [ت۔ مُب تَ لا۔ ع۔ مذکر]۔ ا۔
دُوِٹھنہٕ آمُت، لوٚگمُت، اَنٛدٕ موٗمُت۔

۲. پھَسیوُمُت ، ہلیہ آمُت ۳. موٗت.
دیوانہٕ، عاشق ۴. آدُر، مشغول۔

**مُبتلا کرنا۔** پھساوُن ۔ ہتہٕ کرُن ، دیوانہٕ
بناوُن ، گپھر کرُن ۔

**مبتلا ہونا۔** ۱. گرفتار گژھُن ، پھسُن ،
گپھر گژھُن ۔ ۲. ہلیہ ییُن ، پھسُن ،
عاشق گژھُن ۔

**مبتلائے آفت۔** بلایہِ منز ہلیہ آمُت ،
مُصیبتَن وولمُت ، دِرکھو کھیوٗمُت ۔
تاوٕنس لوٗگمُت ۔

**مبتلائے عشق۔** عشقن وولمُت ،
عشقہٕ زالہِ لوٗگمُت ۔ کانسہِ پتہٕ ہتہٕ
گومُت ۔

**مبحث۔** [ت ۔ مَب حَث ۔ ع ۔ مذکر]۔
بحث ییتھ جایہِ کتھ کرنچ گنجایش
آسہِ۔

**مبداء۔** [ت ، مُب دا ۔ ع ۔ مذکر]۔ آگُر۔
نیرنچ یا شوٗرو سپدنچ جاے ۔

**مُبدع۔** [ت ۔ مُب دِع ۔ ع ۔ مذکر]۔ چھرا
یژھ عنہٕ ، کانہہ چیز ایجاد کرن دول۔
ماہ وراے ایجاد کرن وول ۔

**مُبدّل۔** [ت ، مُ بَد دَل ۔ ع ]۔ ۱. بدلیوٗمُت۔

ییتھ تبدیلی آسہِ آمژ ۔ ۲. یُس
کُنہ بدلہٕ آسہِ ۔ مُبدَل ۔ ناوِ پتہٕ تمیک
بدل ۔

**مُبدء فیاض۔** ابتدا کرن وول ۔ فائض
واتناوُن وول ۔

**مُبدی۔** [ت ۔ مُب دی ۔ ع ۔ مذکر]۔
خدایہ سُند ناو ۔

**مُبذّر۔** [ت ۔ مُ بذ ذِر ۔ ع ]۔ اسراف
کرن وول ۔ فضول خرچ ۔ فضول
خرچ کرن وول ۔

**مبذول۔** [ت ۔ مَب ذوٗل ۔ ع ]۔
خرچ مُت ۔ آدُر ۔

**مُبرّا۔** [ت ۔ مُ بَر را ۔ ع ]۔ ۱. پاکھ ، صاف ،
آلایشہ روٚس ۔ بلاوٕ ژٕ وراے ۔ ۲.
بے گوناہ ۔ بے تقصیر ۔ عائبو وراے ۔
عائبو روٚس ۔ معصوم ۔

**مبرد۔** [ت ، مُ بَر رِد ۔ ع ]۔ (حکیم کتھ)
سرد کرن وول ، ٹھنڈراوُن وول ۔

**مُبردات۔** سرد تاثیر والی دوا ۔ یمو دۆہر
ستہٕ شیہلتھ پییہ ۔

**مبرز۔** [ت ۔ مَب رز ۔ ع ۔ مذکر]۔ ژھوٚنہٕ
پلون ۔ بیارکہ ژیچ کرنکہ ۔

مُبرم ۔ [ت ۔ مُب رَم ۔ ع ] ۔ ۱۔ دٔور ۔ پایدار ۔
۲۔ یِنہٕ پیٹھ یقین آسہِ ، پزٕر آسہٕ ۔

مُبرَم فرداکہ فرداکہ دیدار ، پگہٕک ناو (غم)
مہٕ ہیٚے ، پگاہ کِمہٕ چھ وُچھمُت ۔

مبرور ۔ [ت ۔ مَب رُور ۔ ع ] ۱۔ یُس
گونہن مغفرت سُیدُ یُت آسہٕ ۔ گونہو
نِش پاک ۔ ۲۔ قبوٗل سُیدمُت ۔

مبرہن ۔ [ت ۔ مُ بَرہَن ۔ ع ] ۔ یَتھ دَر
دٔلیل دِتھ وضاحت آسہٕ سپٕز کرنہٕ
وِیترمٕنٕومُت ۔

مبسوط ۔ [ت ۔ مَب سُوط ۔ ع ۔ صِفَت ] ۔
گُشاد ۔ کھوٗل ۔ وۄسی ۔ کاڈ گَڈتھ ۔

مُبشّر ۔ [ت ۔ مُ بَش شِر ۔ ع ۔ صِفَت ]
بَشارت دِنہٕ وول ۔ رُژ خبر واتناوَن وول ۔

مُبصِر ۔ [ت : مُ بَص صِر ۔ ع ۔ صِفَت ] ۔
۱۔ گاش دار ۔ وُچھن وول ۔ یُس
گاش آسہٕ ۔ ۲۔ پرکھاوَن وول ، صَراف ۔
کھرٕ دِنہٕ وول ۔ ۳۔ تبصرٕ کرن وول ۔
یُس نَظَرٕ بٲر آسہٕ ۔ نظر وول ۔ مُبصر

مُبصر بٔہی ۔ (قونوٗنی کتھ) بٔہی کھاتس
پڑتال کرن وول ۔

مُبطِل ۔ [ت ۔ مُب طِل ۔ ع ] ۔ غلط ثابت

کرن وول ۔ کھٹراوَن وول ۔

مبعوث ۔ [ت ۔ مَب عُوث ۔ ع ] سوزنہٕ
آمُت ۔ پادٕ کورمُت ۔ تُلمُت ۔

مبعوث ہونا ۔ نبی سوزنہٕ یُن ۔

مبغوض ۔ [ت ۔ مَب غُوض ۔ ع ] یَتھ میٚنِک
بُغض آسہٕ ۔ یَتھ سٍتۍ دُشمنی آسہٕ ۔
نفرتس لایق ۔

مبغوض ترین ۔ سارِوٕ کھوتہٕ نفرتس لایق ۔

مُبکی ۔ [ت ۔ مُب کی ۔ ع ] ۔ وَدناوُن ۔
یَمہٕ سٍتۍ اوٗش یِیہٕ ۔

مبلغ ۔ [ت : مَب لَغ ۔ ع ] ۔ واتنیار ۔
پلَن پایہٕ ۔ دسگاہ ۔ مہارتھ ۔

مبلغ ۔ [ت ۔ مُب لِغ ۔ ع ] ۔ گُل ۔ پوٗر ۔
کُلہم ۔

مبلغ [ت ۔ مُ بَل لِغ ۔ ع ] ۔ تبلیغ کرن
وول ۔ حُکم خُدا یا شریعت لُکَن
تام واتناوَن وول ۔

مبنی ۔ [ت ۔ مَب نا ۔ ع ۔ مذکر ] ۔ کُنہ
چیزٕ رچ بُنی یاد ۔

مبنی ۔ [ت ۔ مَب نی ۔ ع ] ۔ ۱۔ یَتھ پیٹھ
کُنہ چیزٕ رچ بُنی یاد آسہٕ ۔ بنومُت ۔ ۲۔
دُرتھ ۔ ٹھہرتھ ۔ ۳۔ سُہ لفظ یَمِکۍ حرف

پوٚنُس اورِ پور گژھن نہٕ۔

**ملبنی ہونا۔** کُنہِ کتھِ ہُنٛد، کُنہِ کتھِ پیٹھ دٕرِتھ آسُن۔ کُنہ پیٹھ مُنحصر آسٕنۍ۔ کانٛہہ کتھ کُنہِ بٕنۍ یاد آسٕنۍ۔

**مُبہم۔** [ت : مُب ہَم۔ ع]۔ سو کتھ یوسہٕ صاف آسہِ نہٕ۔ یتھ گُجر آسہِ۔ گٹ۔ گول مول۔ مُبہم۔

**مبہوت۔** [ت۔ مَب ہُوٚت۔ ع]۔ حَیران۔ ہکہٕ نہٕ ہکہٕ۔ رٕوزِتھ گومُت۔ پریشان۔ رٕوُومُت۔

**مبہی۔** [ت۔ مُبہِ ہی۔ ع]۔ مَردانگی ہُرراوُن وول۔ یتھ سِتۍ ستانگ کرنگ بَل ہُرِ۔

**مَبیع۔** [ت ؛ مَ بیع۔ ع۔ مذکر]۔ مُلہ ہیوٚتمُت یا اڈٕ مُت چیز۔ سُہ سامان یُس کُنہِ آسہِ اَنمُت۔

**مُبین۔** [ت۔ مُ بین۔ ع]۔ نوٚن۔ ظاکار۔ صاف۔

**مپان۔** [ت ؛ مَ پان۔ مؤنث]۔ مینٛژر۔ ناپ۔ پیمایش۔ مِقدار۔ پے مانہٕ۔

**مپانا۔** ۱۔ مینٛژر۔ ناپ۔ ۲۔ مینُن۔ ناپ ہیوٚن۔

**مپائی ہونا۔** اَنداز کَرنہٕ یُن۔ اَنٛگہٕ دَن کَرنۍ۔

**مپت۔** پیمایش۔ ناپ۔ مینٛژر۔

**مپنا۔** مینُن۔ مینٛژ ہیوٚن۔

**مپوانا۔** مینہٕ ناوُن، پیمایش کَرناوٕنۍ، مینٛژر کَرناوُن۔ ناپ ہیاوناوُن۔

**مت۔** [ت۔ مَت۔ ]۔ ۱۔ لُکار رُک آلو۔ ۲۔ اَنداز، اَنٛگہٕ دَن، دِ تھ بیٹھ۔ ۳۔ فہم، عقل، زیرکی، ہُشاری۔ گاٹہٕ جار۔ ۴۔ راے۔ داے۔ ۵۔ پَژھ۔ عقیدٕ۔ اعتقاد۔ یقین۔ دَرم۔

**مَت اُلٹنا۔** عقل راونۍ۔ عقل نہٕ روزٕنۍ۔

**مَت اُلٹی ہونا۔** عقل راونۍ۔ عقلہِ ناش گژھن۔

**مت بارلینا۔** سوچن ترائے۔ کُتہِ کور داتہٕنۍ۔ طرز بدلُن۔

**مَت پلٹنا۔** راے پھرٕنۍ، بدلاونۍ۔ سوچس تَلکھ پیٹھ گژھن۔

**مت پوچھو۔** کیٚنٛہہ مہ دَن۔ کیٚنٛہہ مہ پرٕژھ۔ گتھ مہ کر۔

**مت پھرنا۔** راے پھرٕنۍ، بدلٕنۍ۔ راے ڈٕنجہِ نہٕ روزٕنۍ۔ عقلہِ کُنہ پینٛہ۔

**مت جاتی رہنا۔** عقلہِ کُنہ پینٛہ۔ عقل راونۍ۔

کیتھ نہ سمجس متھنز ہن۔ کیتھ نہ بوزن تگن۔

**مت دینا**۔ نصیحتھ کرنی۔ رائے دِنی۔ مشورہ دِنُن۔ عقلِ ہنز کتھ وَنہنی۔

**مت کھو جانا**۔ عقل راونی۔ مغز راونی۔

**مت مار دینا**۔ عقل راونی۔ بے سروہ لسر کرنی۔

**مت ماری پڑنا**۔ عقل ژھوٹھنی۔ عقل راونی۔ حس ہوش راونی۔

**مت ماری جانا**۔ بیوقوف بنُن، احمق بنُن۔ عقل راونی۔

**مت ہونا**۔ عقل آسنی، سمجھ آسُن، فہم آسُن، گاٹہ جار آسُن۔

لوکہ کتھ۔

**مت کر ساس برائی تیرے بھی آگے جائی**۔

م: یتھ دوکھ دیتھ لوکہ
یہ نیس کرکھ تیتی پانس بکار۔

**متابعت**۔ [ت۔ م تاب عت۔ ع۔ مؤنث]۔
۱۔ پیروی۔ نقل۔ ۲۔ تابعداری۔ فرمانبرداری، وَنُن، بوزُن۔ م:

اے شیخ رندوں میں جنت تو اپنی ہے ہی
بتلادے کیا ملے گا تیری متابعت سے
(صبر)

**متاثر**۔ [ت: م تاث ثر۔ ع]۔ ۱۔ ییمہ اثر قبول آسہ کورمت۔ ییمہ تاثیر آسہ روٹمُت۔ متاثر۔ ۲۔ یہ دِلس اثر یہ بوزتھ اوش پھٹہ۔ ییمہ سِلتی دِل بے قرار گژھہ۔ دِل گداز۔

**متاخر**۔ [ت۔ م تاخ خر۔ ع]۔ پتہ ہینہ وول۔ سُہ یُس پتُس پیہ۔

**متاخرین**۔ آخرس پیٹھ ہینہ وألی۔ آخر زمانکی لوکھ۔

**متاس**۔ [ت۔ م تاس۔ مؤنث]۔ میتر ہینک حاجتھ۔ ادرار کرنک ضرورت۔ حاجتِ بشری۔

**متاسا**۔ یُس ادرارک جار آسہ آمُت۔ یُس ہیتر جار آسہ۔

**متاس لگنا**۔ ادرارک حاجتھ پیون۔ آب ریز کرنک حاجتھ ہیون۔ حاجتِ بشری ہیوٗن۔

**متاسف**۔ [ت: م تاس سِف۔ ع]۔ پشتاون وول۔ افسوس کھینہ وول۔

**متاع**۔ [ت۔ م تاع۔ ع۔ مؤنث]۔ مالہ دولتھ۔ سرمایہ آسُن بسُن۔ م:

متاعِ حواس و خرد لُٹ گئی
عنانِ صبر و آرام کی چھوٹ گئی (اختر)

**متاعِ نیک ہر دکاں کہ باشد۔** جانِ یا ژٕرت مال آسِہ تن کُنہٕ تہٕ وانٛگ نہٕ ڈیپتھ گو: اَسِہ گژھِہ جان چیز اَدٕ سہٕ ہیٚتہٕ یَدس سپدِ تہٕ تُہٕ۔

**متاعے جمع کُن شاید کہ غارت گر شود پیدا۔** تہٕ ڈیپتھ گو: اِنسانس پزِ کینٛژھا ہاوِتھ کرِتھ دیُن، اَدِ چھِ قدر دان تہٕ بنان۔

**متاعی۔** [ت۔ مُتاعی۔ مؤنث]۔ یَس زنہٕ سیتی مُتاع آسہِ کورمُت، کُنہٕ مُقرر وَقتَس آشِنہٕ۔

**مُتالی۔** [ت۔ مُتالی۔ مؤنث]۔ گرُدٕ سُنز پیشاب کرٕنٛچ جاے۔ ۲۔ ژھوٹھ تہٕ کوٚڈ بیتر۔

**مُتامِل۔** [ت۔ مُتامِلُ۔ ع]۔ بوزٕ شوژ کرَن دول۔ سوچُن دول۔ ژیٚتھ دِنہٕ وول۔

**متانا۔** [ت۔ مُتانا۔]۔ ۱۔ بچہٕ پھش کرناوُن، سُرٕ مٔتھر کرناوُن۔ ۲۔ مَثانہ۔ مٔتر گوژر۔ ۳۔ مٔتھر کرٕنٛچ جاے۔ مٔتھر کرنہٕ باپتھ دوب بیتر۔

**مُتانی۔** ۱۔ طبیلس مَنز گُرِ ہنٛدِ پیشاب کرٕنٛچ جاے۔ ۲۔ گرُدٕ مٔتھر۔

**متانت۔** [ت۔ مَتانتُ۔ ف۔ مؤنث]۔ ۱۔ اَدبہٕ رُگہ بہر۔ سنجیدگی۔ تہذیب۔ شائستہٕ گی۔ شوٗب شرم۔ ۲۔ خیالاتن ہُنٛد پاراو۔ زبان گنٛدِ لفظو نِشہٕ پاک آسُن۔

**مُتاہِل۔** [ت: مُتاہِلُ۔ ع]۔ گرٕ وول۔ یَس شُری مٔری آسَن۔ خانہٕ دار

**متباوِر۔** [ت: مُتبادِرُ۔ ع]۔ یہٕ دُلہٕ دُل فکرِ تُرِ۔ بڑوٚنہہ نیرَن دول۔

**مُتبادِلہ۔** [ت: مُتبادِلَہ۔ ع۔ مذکر]۔ (حِساب دان کِتھ) دوٚن سِپدِ لرٕ لوٚر یکَن واجنین رِکھن پنٛھٹی یَیلہِ ترٛیشیم رِکھ پییہِ تہٕ اَتھ رِکھِ دوشونی اندرُونی زاوی ییٚن چھِہ مُتبادِلہٕ زاوی بہٕ وَنان۔

**مُتباعِد۔** [ت، مُتباعِدُ۔ ع]۔ اَکھ اَکِس سیتی رُتِس آسُن۔ دوٗرِ کی۔ یمَن سیتی دوٗر پر آسہِ۔

**مُتبائن۔** [ت: مُتبایِن۔ ع]۔ ۱۔ اَکھ اَکِس مُخالِف یِم اَکھ اَکِس پیٹھ دُرس یِین نہٕ۔ یمَن پانہٕ وانٛی برابری آسہِ نہٕ۔ ۲۔ (حِساب دان کِتھ) سُہ گژھنہٕ

یِتھ ضربٕ جمع نیرِن نہٕ ۔

**مُتَبَحِّر** ۔ [ت ۔ مُ ت بَح حِر ۔ ع ] ۔ سیٹھا عٔلِمہٕ دول ۔ سیٹھاہ زانَن دول ۔ یُس سیٹھاہ عٔلِم آسہِ ۔ یُس عِلمہٕ دٔپی زِ تہٕ مُزان آسہِ ۔ بوڈ عالِم ۔

**مُتَبَدِّل** ۔ [ت ؛ مُ ت بَد دِل ۔ ع ] ۔ بَدلُن ۔ اَدلہٕ بَدل گژھن ۔

**مُتَبَرَّک** ۔ [ت ۔ مُ ت بَر رَک ۔ ع ] ۔ ۱ ۔ پاکھ ۔ صاف ۔ برکتہٕ دول ۔ یِتھ نہٕ کانٛہہ عٲب آسہِ ۔ ۲ ۔ بُزرگ ۔ تأظیمس لایق ۔ یُس فرشتن ہِنٛز ہِش خصلتھ آسہِ ۔

**مُتَبَسِّم** ۔ [ت ۔ مُ ت بَس سِم ۔ ع ] ۔ ۱ ۔ اسہ وُن ۔ اَسن دول ، یُس لوتہٕ لوتہٕ اسہ ۔ یُس اَسُن وُتھن پھولِہ ۔ ۲ ۔ پھولمُت ۔ تازٕ ۔

**مُتَتَبِّع** ۔ [ت ۔ مُ ت تَ بِع ۔ ع ۔ صِفت ] ۔ پتہٕ پتہٕ پکن دول ۔ پٲروکار ۔

**مُتَنَبِّہ** ۔ [ت ؛ مُ ت نَ بَ نا ۔ ع ۔ مذکر ] ۔ مُنگتہٕ اوٗنمُت ، مُنگِتھ اوٗنمُت ۔

**مُتَنَبِّہ کرنا** ۔ مُنگتہٕ اَنُن ۔ مُنگِتھ اَنُن ۔ نیچھو بناوُن ۔

**متبوع** ۔ [ت ۔ مَت بو ع ۔ ع ] ۔ یِتھ پتھ عمل آسہِ سپنہٕ ہیٛر ۔ وۄتھ ناوَن دول ۔

**مُتَجاوِز** ۔ [ت ۔ مُت جا وِز ۔ ع ] ۔ حدٕ نیرِن دول ۔ نیبر نیرِتھ گژھن دول ۔

**مُتَجَسِّس** ۔ [ت ۔ مُ ت جَس سِس ۔ ع ] ۔ ژھانڈن دول ۔ ژھارن دول ۔ سُہ یُس ووٚن دِیہ ۔ تلاش کرن دول ۔

**مُتَجَلّی** ۔ [ت ؛ مُ ت جَل لی ۔ ع ] ۔ نیپہٕ نیپہٕ کرٕ وُن ۔ نوٗن ۔ ٹاکارٕ ۔ [illegible]

**مُتَحَجِّر** ۔ [ت ۔ مُ ت حَج جِر ۔ ع ] ۔ (حکیم کنہٕ) ۔ لانژر ۔ وَرِم ۔ سیپھیپھر ۔ ہنیپر ۔

**مُتَجَلّٰی** ۔ [ت ۔ مُ ت جَل لا ۔ ع ] ۔ نوٗ و مُت ۔ یِتھ گژھکھ آسہِ آمژ دِنہٕ ۔ صاف ، نوٗن ۔ ٹاکارٕ ۔

**مُتَّحِد** ۔ [ت ۔ مُ ت تَح حِد ۔ ع ] ۔ ہمُن ہوٗتھ آسہِ ۔ ہمن یکُت آسہِ ۔ ہمن کنی کنیتھ آسہِ ۔ مُتَّحِد ۔

**متحد الخیال** ۔ کانٛسہِ ہُند ہم خیال ۔ کانٛسہِ ہندِ ین خیالن سیتی اتفاق کرن دول ۔

**متحد البطن** ۔ اَکی شکمکو ۔ اَکی ہے ماجہِ ہندی ۔ اَکی ڈنمبکی ۔

**متحد المفہوم** ۔ یِتھ کُنے مانے آسہِ ۔

**متحد بالذات** ۔ حقیقتس تہٕ ذاتس منٛز اَکُے آسُن ۔

**مُتحرِک**۔ [ت ۔ مُت حَر رِک ۔ ع ] ۔ ۱۔ یمہ حرکتھ آسہِ ۔ پکہٕ وُلت ۔ چلہٕ وُن ۔ پھیران تھوران ۔ ۲۔ سُہ حرف یمہ زیر، زبر یا پیش آسہِ، یمہ کانٛہہ آواز نشانہٕ آسہِ ۔

**متحقق** ۔ [ت ۔ مُ تَ حَق قُق ۔ ع ] ۔ سَر سۄرمُت ، تحقیق کورمُت ، دُرس ، چھی ۔

**متحقِق** ۔ [ت ۔ مُ تَ حَق قِق ۔ ع ] تحقیق کَرن وول ۔ کُنیُک پوٚز اُیز سَر کَرَن وول ۔

**مُتحَلی** ۔ [ت : مُ تَ حَل لی ۔ ع ] ۔ پٲرادٕ پنہٕ وول ۔ یُس زیوٗر گنٛڈِ ۔

**متحمل**۔ [ت ۔ مُ تَ حَم مِل ۔ ع ] ۔ بوٚرُد بار ۔ یُس وادسن پیٹھ قٲیم روزِ ۔ یُس اَگرسے ڈنجہٕ روزِ ۔ ژیٛڈ دول ۔ یُس قٲیم مزاز آسہِ ۔ یُس نہٕ اور یور ڈلہِ ۔ یُس اَگرسے کنہِ پیٹھ روزِ ۔

**مُتحیر**۔ [ت ۔ مُ تَ حَ یُر ۔ ع ] ۔ رووُمت ، ترٛن نہٕ ترٛدوُہن گومُت ، رٛوژنہ گومُت ۔

**متحیرہ**۔ [ت ۔ مُ تَ حَ یُرہ ۔ ع ] ۔ پانٛژھ تارکھ یمَن عطارِد ، زُہرہ ، مِریخ ، زُحل تہٕ مُشتری ناو چھ ۔

**مُتخاصم** ۔ [ت ۔ مُت خا صِم ۔ ع ] ۔ ہَرکرَن وٲلہِ ۔ پانہٕ وٲنۍ ژُدن وٲلہِ ۔ یمَن پانہٕ وٲنۍ دُشمنی آسہِ ۔

**متخاصمین** ۔ زٕ مُخالِف فرقہٕ ۔ مُدے تہٕ مُدالہِ ۔ اَکھ اَکس مُخالِف ڈرۍ ۔

**متخلخل** ۔ [ت ۔ مُت خَل خُل ۔ ع ] ۔ ۱۔ سُہ یُس پازیبہ یا روٚ نہٕ گوڈ لٲگتھ آسَن ۔ ۲۔ کھوکھر ۔ پھیپھس ۔ یہ ٹھوس آسہِ نہٕ ۔ ۳۔ کھوٚل ۔ کھلہٕ ڈلہِ ۔

**متخلص** ۔ [ت ۔ مُت خَل لَص ۔ ع ] ۔ یمو موکجار آسہِ پرٛوومُت ، یم آزاد آسَن ۔

**متخلص** [ت ۔ مُت خل لِص ۔ ع ] ۔ یُس قلمی ناو اَلگ آسہِ ۔ یُس لیکھنٕ ناو آسہِ ۔ تخلصہٕ وول ۔

**متخلل** ۔ [ت ۔ مُت خَل لِل ۔ ع ] ۔ خلل کَرن وول ۔ وٕ ژراٹھ تُلَن وول ۔

**متخیل** ۔ [ت ۔ مُت خَ یُل ۔ ع ] ۔ سوٗنچمُت ۔ گوٚرٹ ، واضیح نہٕ ۔

**متخیلہ** ۔ ۱۔ سوٗنچمُت ، دٲیرمُت ۔ ۲۔ خیال ۔ اَنگہٕ دَن ۔ اَنداز ۔ گُنیچ وٕ نٛدس مُنز شیر مِژ شکل ۔

**متدارک** ۔ [ت ۔ مُتدارِک ۔ ع ۔ مُوتث ] ۔

عِلم عوّرادنہ چو بحرو منز اکہ بحر ہُند ناو۔

**متداول۔** [ت۔ مُت دا وِل۔ ع]. مروج۔ یُتھ رِواج آسہِ۔ سُہ چیز یُس اَتھو پیٹھو ادرِ یور پھیُورمُت آسہِ۔

**مُتدیِن۔** [ت۔ مُت دَے یِن۔ ع]. ۱. ایماندار، دیندار۔ مؤمن۔ ۲. اَمِین۔ اَمانتھ دار۔ قولہِ سور۔ پَرٛزٕ ووٚل۔

**متذبذب۔** [ت۔ مُت ذَب ذِب۔ ع]. دوٚ دِل بُجٕن لوگمُت، تذبذبس منز پیوٗمُت۔

**متذکرہ۔** [ت۔ مُت ذِک رَہ۔ ع۔ مؤنث]. یمیُک کتھ سپنز۔ یمیُک ذکر آو۔ مذکور۔

**متذکرہ بالا۔** یمیُک ذکر گوڈے سپُد۔ یہ گوڈے آو۔

**مِتر۔** [ت۔ مِت تر۔ ہندی۔ مذکر]. گنڈن زیُٹھ، سُہ لڑکہ یُس کھیلن منز سردار بیہِ بناونہٕ۔ کپتان۔

**مترادف۔** [ت۔ مُت رادِف۔ ع]. زٕ لفظ یمن گنُے ردیف آسہِ۔ یمن دون لفظن اَکُے مانہٕ آسہِ۔

**مترتب۔** [ت۔ مُت رَت تِب۔ ع]. ترتیب دِتھمُت۔ شوٗرمُت۔ اثر انداز۔

**مترجم۔** [ت۔ مُ ترجَم۔ ع]. ۱. اَکہِ زبٲنی پیٹھ دوٚیمہِ زبٲنی منز پھیرمُت لیکھُن۔ ترجمہٕ کوٗرمُت۔

**مترجِم۔** [ت۔ مُ ترجِم۔ ع]. ترجمہٕ کرن دوٚل۔ یمی ترجمہٕ کوٗرمُت آسہِ۔

**مترجمہ۔** یُتھ ترجمہٕ آسہِ کوٗرمُت۔ یُتھ ترجمہٕ کرنہٕ آمُت۔

**متردد۔** [ت۔ مُ تَر دِد۔ ع]. فکرمند۔ پریشان۔ غمگین گومُت۔ یُس تردُد آسہِ۔

**مترس از بلائے کہ شب درمیان است۔** تہٕ دِتھ گو: مصیبتھ پننے گژھِ نہٕ مُصیبتس کھوٗژن۔

**مترسل۔** [ت۔ مُت رَس سِل۔ ع]. چِٹھ، خط سوزن دوٚل۔ نامہٕ سوزن دوٚل۔

**مترش۔** [ت۔ مُ ت رَش۔ ف]. دار کاسہٕ ناوُن دوٚل۔ دارِ کھ دِیاوُن دوٚل۔

**مترشح۔** [ت۔ مُت رَش شِح۔ ع]. پشیوٗن۔ پٔریڈوٗن۔ پیڈوٗن۔ ظاہر۔ نون۔ ناکار۔

**مترصد۔** [ت۔ مُت تَرصَد۔ ع]۔

ووٗمیدوار۔ آشاوان۔ پرٛارُن۔
یُس کُنہ ووٗمید آسہٕ۔

**مترقب۔** [ت۔ مُ تَ رَق قَب۔ ع]۔
۱۔ آشہٕ ہوٚت۔ پرٛارُن۔ ووٗمیدوار۔
۲۔ ییٚمِچ ووٗمید آسہٕ۔ ییٚمِچ آش آسہٕ

**مترقبہ۔** ییٚمہٕ چیٖزِچ ووٗمید آسہٕ، آشس آسہٕ۔

**مترنم۔** [ت۔ مُتَ رَن نُم۔ ع]۔ میٹھہٕ ہٹہٕ گیوٚن وول۔ گیوٚن وول۔ یتھ ترنُم آسہٕ۔ لَیہٕ ہوٚت۔

**متروک۔** [ت: مَتُ رُوک۔ ع۔ مذکر]۔
۱۔ ترٛوومُت۔ سُہ مال یُس مَرن والی پتھ کُن ترٛوومُت آسہٕ۔ ۲۔ ترٛدومُت منسوومُت۔ ترٛاوِتھ ژھٕننہٕ آمُت ترٛک کرنہٕ آمُت۔

**متروکات۔** ترٛاوِتھ متہٕ چیٖز۔ تم لفظ تہٕ محاورٕ یِم ورتاوس منٛز آسن نہٕ۔

**متروکہ۔** سُہ مال یُس مَرن وول پانس پتھ کُن ترٛاوِتھ گژھہِ۔

**متزاید۔** [ت۔ مُتَ زاید۔ ع]۔ ہُرَن وول۔ زوٗر گژھن وول۔ پیٚٹھہٕ گژھن وول۔

**متزلزل۔** [ت۔ مُتَ زَل زِل۔ ع]۔ یتھ الہٕ الہٕ آسہٕ۔ تھرتھرُن۔ یہٕ الان آسہٕ۔ اَکس ڈُنجہِ پیٚتھ۔

**متساوی۔** [ت۔ مُتَ ساوی۔ ع]۔ پانہٕ وانٛی برابر۔ ہم وزن۔ ہم مقدار۔

**متسلط۔** [ت۔ مُتَ سَل لَط۔ ع]۔ یُس تُل اُدٕ زیٚن۔ یُس تُل آسہٕ اوٚنمُت۔

**متسلط۔** [ت۔ مُتَ سَل لِط۔ ع]۔ ۱۔ غالِب سپدَن وول۔ قبضہٕ کرَن وول۔

**متشابہ۔** [ت۔ مُتَ شابہ۔ ع]۔ ۱۔ اَکی شکلہٕ کنی صوٗرژ ہوی۔ ۲۔ یتھ منٛز شکھ آسہٕ۔ ۳۔ شک آور۔ ییٚمہٕ کِس مانیس منٛز شکھ آسہٕ۔ ۴۔ بُل چُک۔ شُبہٕ۔ سُہ سہو یُس حافظِ قرآنس گژھان چھُ۔

**متشابہات۔** قرآنِ مجیدٕکی تم آیہٕ یِمن ہُنٛد مانے کھُلِتھ تہٕ پوٚشیدٕ چھِ۔

**متشاعر۔** [ت۔ مُتَ شاعِر۔ ع]۔ یُس شاعِر نہٕ آسِتھ تہٕ شاعِر آسنک داوا کرِ۔

**متشدد۔** [ت۔ مُتَ شَد دَد۔ ع]۔ تشدُد کرَن وول۔ تیل تہٕ کانٛل زالنٕ وول۔

سختی کرُن وول۔

**مُتشرّع۔** [ت۔ مُ ت شرِ رع۔ ع] شرعیک
پابند۔ پرہیزگار۔ دیندار۔

**مُتشکّر۔** [ت۔ مُ ت شک کرُ۔ ع] شُکر
گذار۔ شُکر بجا انن وول۔ شُکر
کرُن وول۔

**مُتشکّل۔** [ت۔ مُت شک کل۔ ]۔ شکل
رٹن وول۔ صورتھ پراوُن۔

**مُتشکّی۔** [ت۔ مُت شک کی۔ ع]۔ شکی۔
شکھ رٹن وول۔ یُس شکوہ آسہِ روزان

**متصادِم۔** [ت۔ مُت صا دِم۔ ع]۔ ٹھوو لہ
لگہ وُن۔ مقابلس پنہ دول۔

**مُتصاعِد۔** [ت۔ مُت صا عِد۔ ع]۔ آکاش
کھسن وول۔ ہیور کھسن وول۔

**مُتصدّع۔** [ت۔ مُت صَد دُ ع۔ ع]۔
تکلیف دِنہ وول۔ پدا دِنہ وول۔
یُس سکہ دود تُلہِ۔

**مُتصدّی۔** [ت۔ مُت صَد دی۔ ع۔ مذکر]۔
۱۔ پیش کار۔ دیوان۔ صلاح کار۔ ۲۔
گنہ کامہ ہُند ذِمہ دار۔ کفیلہ دَر۔ ۳۔
انتظام کرُن وول۔ مہتمم۔ انتظامی
۴۔ کاتب۔ لیکھن وول۔ مُنش۔
۵۔ جناب تھوُن وول۔ جناب زانہ وُن۔
پٹھواری۔ ۶۔ گماشتہ۔ کاردار۔ منشیر

**متصرّف۔** [ت۔ مُ ت صَر رِف۔ ع] تالیف
تھپہ زِھِن وول۔ قبضہ کرُن وول۔

**متصرفہ۔** قبضس منز۔ اتھس منز آمُت یُس
چیز فوئیس منز آسہِ آمُت۔

**متصف۔** [ت۔ مُت تص صِف۔ ع]۔ یتھ
کانہہ وصف آسہِ۔ گُنہ وان۔ صِفتہ وول۔

**متصف۔** [ث۔ مُت تَ صِف۔ ع]۔
باصفت۔ یُس صفتہ آسن۔

**متصل۔** [ت۔ مُ تص صِل۔ ]۔ نکھہ، نزدیکھ
یُس سیتی تہ ہمیشہ تعلق آسہِ۔

**متصنع۔** [ت۔ مُتص نِع۔ ع]۔ یُس ہاو باوس
لوز آسہِ۔ ہاو باو کرُن وول۔ پاراوس
موت۔ یُس زِهر آسہِ۔

**متصوّر۔** [ت۔ مُت صَو وُرُ۔ ع]۔ تصوّر
کرُن وول۔ وو نُدس منز شکل
بناوُن وول۔

**متصور۔** [ت۔ مُت صَو وَر۔ ع]۔ یتھ
متعلق سوچمت آسہِ۔ داپرمت۔
سوچمت۔

**متضاد۔** [ت۔ مُت ضاد۔ ع]۔ ادلہ بدل۔

